کتابہ ہُند ناو : مے مشم پنہٕ زاو

مُصنف : سید رسول پونپُر

چھپنٕ ورٕی : ۱۹۹۹ء

حقوق محفوظ : بحق سید رسول پونپُر

کاتب : شمیم امین

تعداد : ساس شتھ

مول : پنژاہ روپیہ ۵۰/-

پریس : ییکاف پرنٹرس سرینگر

کتاب میلنک پتہٕ :

۱۔ کتاب گھر کلچرل اکیڈمی
مولانا آزاد روڈ سرینگر کشمیر ۱۹۰۰۰۱

۲۔ کتاب گھر کلچرل اکیڈمی : کنال روڈ جموں ۱۸۰۰۰۱

۳۔ سید رسول پونپُر :
۵۵۔ سیکاپ روڈ۔ بیجبہارہ کشمیر ۱۹۲۱۲۴

NAME OF THE BOOK MEY MASHI NU ZAH

AUTHOR SYED RASOOL POMPUR

(C) SYED RASOOL POMPUR

COPIES PRINTED 1100

CALLIGRAPHY SHABNAM AMIN

PRICE RS 50/-

PRESS MAHOFF PRINTERS

SRINAGAR KASHMIR

YEAR OF PRINTING 1999

PUBLISHED WITH FINANCIAL ASSISTANCE FROM THE CENTRAL INSTITUTE OF INDIAN LANGUAGES (MINISTRY OF HUMAN RESOURCE DEVELOPMENT, DEPARTMENT OF EDUCATION GOVT OF INDIA) MANASAGANGOTRI MYSORE-6 VIDE SANCTION LETTER NO. 51-5 (1)/98-99/

KAS/GRNT

DATED MARCH 22, 1999 UNDER THE SCHEME OF GRANT-IN-AID

# اَرپَن!

تِہندِ ناوٕ یِہنٛد ژھرٕ پرُون ناممکن چھُ!

یِمَن ہٕنٛز زَتٕہٕ ووڈٕ کھٕنۍ تہٕ زانہٕ!

سیّد رسول پونپُر

# ترتیب

## پننہٕ کتھ :-

یہِ چھُہ میون سوانحی ادبی مضمونن ہُند گوڈنیُک مجموعہ نہٕ میانین تنقیدی تحقیقی مقالن ہنز ترتیٖم سۅمبرن یوسہٕ بہٕ محترم پرن والین برونٛہہ کُن سیٹھے اِنکسارٕ سان واتناوان چھُس۔ یَتھ منز شامل مضمون چھِہ مےٚ پننی تاشوقہٕ خراجِ عقیدتکہٕ رنٛگی منزی لیکھی متی۔ دویو مقالو "مہجورنہٕ آزاد۔ تقابلی مطالعہٕ" تہٕ "نوین کاشُر شاعری: گوڈکال تہٕ ورائے" یِم مےٚ خاصکرِتھ کاشُر شیرازہٕ باپتھ لیکھی متی چھِہ۔ یِم چھِہ اکثر چھیپیمتی تہٕ پسند کرنہٕ آمتی۔

یِمہ کینہہ بُزرگ، برگزیدٕ پیش رَو تہٕ کینژھہِ ہم سفر یِم وارٕ وارٕ اَسہِ ترأوِتھ گےٚ مَتی نہٕ مےٚ زاہ تِہ کیا زِ مےٚ چھےٚ معنہِ ساوِ علمی تہٕ ادبی روایتُک تاچھِ یِمہ رٕژھرِتھ تھوونہٕ اکہِ صحت مند سماجہ باپتھ ضروری چھےٚ۔ مےٚ چھےٚ آوَسے کینہہ جذباتیت وَرٕنتھ پننین یِمَن ہم سفرن ہندی موٗلہٕ تخلیقی اظہارٕ سنز رادیہِ کوشش کرمٕژ۔ مےٚ چھےٚ پوٗرٕ ووٚمید زِ میانہٕ یِمہ ناچیز کوشِشہِ کرن یَتھ یکجا صوٗرتس مقبولِ عام حاصل۔

## پٲنٛنۍ کتھ

بہٕ چھُس پننس محترم رفیقس تہٕ جانٛی یارس وزگیہ موتی لال ساقی سُند شُکر گُذار ییٚمہِ بہٕ یہِ کتاب ترتیب دِنس کُن لوگُس۔ خُدا یے کٔرِ یِنس رُوحس سکون عطا۔

مرکزی سرکارکہ سنٹرل اِنسٹیٹیوٹ آف انڈین لنگویجیز تہٕ امکین روشن خیال منصب دارن ہُند تہٕ چھُس وَنٕنہِ وٲنۍ جہِ شکر گُزار یِمَو یہِ کتاب چھاپنہٕ خاطرٕ وونہِ دِوُنہِ تھوو تہٕ مالی مدد کوٚر۔ کاتب شبنم ایمن سُند تہٕ شُکریہ، ییٚمہِ کتابت کٔرِتھ یہِ کتاب شوبہٕ راو۔

بیہِ تہٕ سماھو اگر خدا ین یوٚزتھ۔ ع

سیّد رسول پونپر

۵۵ سیکاپ روڈ

بجبہاڑہ کشمیر - ۱۹۲۱۲۴۔

# کأشرِ ناد کھ ـــــــ میر غلام رسول نازکیؔ

میر غلام رسول نازکی صأب اوس کأشرِس تہٕ اُردوٗ ادبی حلقن منٛز

اکھ ولوٗد معروف تہٕ معتبر ناو یُس مےٚ ناچیزن تہٕ کأشرِ سے حدوٗد، ادبی

دُنیاہس منٛز اوٗگر تھوٗ گُرٛ شاعری نأدی کیاہتام لیکھُن ہیوٚت تہٕ یُس

تہٕ ریڈیو کشیرِک بنیٛے (۱۹۴۸) تہٕ اوس تبنیومُت تہٕ تمہ اوس بنہٕ

ہمہ جہت شخصیژ ہُند سکہٕ تہٕ بیہنوومُت۔ مےٚ چھُ وار ژہتس

زِ مےٚ ووت نازکی صأبنی دستخطہٕ گوٚڈ اکھ تہٕ پتہٕ بیاکھ کنٹریکٹ

تنٛن نازہٕ کلام پیش کرنہٕ بابتھ۔ مرحوم علی محمدؐ لون صأبن کرٕ بانے

رکارڈنگ۔ پتہٕ کنہٕ وو تُس تہٕ نازکی صأبنی واسطہٕ گوٚڈ نہتھ ریڈیو کیٚنہ

ذریعہ کأشر بوزن والین تام۔ اَمہِ پتہٕ روٗدی اُسی سمکھان منٛزی منٛزی

میہی گاہے کلچرل اکیڈیمی منز ، گاہے گرِ تہٕ گاہے سرراہے تہٕ بقولِ
علامہ اقبال رح یہ بے بہا دولت پراوان ییٚمہٕ دولتے ہٕت کہ یابی سرراہے گاہے

١٦ نومبر ١٩٩٥ء سپُد مےٚ نازکی صابنی شرفِ مُلاقات
شوپور تمہٕ سُندی گرِ "دارالہجر" ناوی نوٚ روزنہٕ جایہ نصیبے لوٚت
تہٕ ییٚنی لولہٕ بےٚ کڈان کڈان دولتس۔ مطلب اوسُم یتہٕ زِ شیراز
بابتھ سہ "دعاے صبح" حاصل کرُن ییٚس تمہٕ تمنٛی دوہن تخلیق
کوٚرمُت اوس تہٕ یتہٕ "کہوٚٹ" عُنوانس تحت باقی غیر مطبوعہ رباعین
سان ، شیراز : ٣٠/جنوری ، فروری ١٩٩٦ء کس اکِس شمارس
منز صفحہ شتیس پیٹھ۔ نازکی صابنہٕ تمہیدِ سان چھپیوو۔ تمہ چھ
نوٚو وری ییٚنس پیٹھ چھےٚ یارن ، بایَن ، دوستن ، عزیزن ، نیک
خاہشن ہنٛد پاغام سوزنہٕ یوان۔ ١٩٩٥ء چھُ قریب الاختتام
اَتھ سےٚتی میانہٕ زندگی ہنٛدی بحسابِ شمسی ٨٥ تہٕ بحسابِ قمری ٨٨
وری پوٗرٕ سپدان۔ مےٚ چھ تاکار پاٹھی اکِس بزرگ سُندِ یہ منتظر
بوزنہٕ یوان ـــــ

عمر تروو مٕے ردٕ پاس آخر کو — نب چھ لمران گاہ پرژِ الااللہ

اتھ موقس پیٹھ چھس بہٕ تمام رتٕ کامنٛن والین یہ دعا
لطورِ تہنیتِ سالِ نو سوزان۔ مےٚ کریو زاو دعا۔ اللہ تعالیٰ گوژھہم
مغفرت کرُن۔ تہندِس خاص پیٹھ تہٕ کرُن رحم۔"

یہ بے بدل دُعا چھ ساری فنی کیو معنوی خوبیہ ہیٹھ ییہ
تہٕ واٚنگ کوٗزان تہٕ دستِ بدعا سپدنس پیٹھ مجبور کران۔ سننے
لائق کتھ چھنے یہ زِ اکہ پاسہٕ زندگی ہنٛدِ آخری سفرچ تیاری بے

مےٚ مشہٕ نہٕ راہ

مثال سکونہٕ ماں ماہی تہٕ بیہ پانسہٕ تخلیقی جوہر تہٕ پنٕن نیر ناد ہیتھ راہ مسافرن دگوش کران س

وزملہٕ، واو، سمندر انہٕ گوٹ — آولینس منز ٹھشٕژ ناد
طوفاناہ دِلہٕ کس بنگالس — میانِس حالس ہیتھ کر رحم
گرداس منتھ نوٚن ددی منز کھوہ ہیتھ — تنتھ چھم بالس بشنہٕ گتہ کار
مرماتر ملہٕ پیر پانژالس — میانِس حالس ہیتھ کر رحم
تھل دزگاس یپ آدشہرس — ہمزس دولس منز کھٹ ناد
کھل دود کملس ترٹھ پیہ بالس — میانِس حالس ہیتھ کر رحم

یہ سدا بہار دعا چھ مےٚ لِتھ نازکی صابنی اتھہٕ لیکھتھ تبرگا موجود، ییتھ منز یہ بند تہٕ چھ لیس تہٕ "کاپنیہ وول" نادی شعر سومبرنی منز درج چھ۔

گژھ ملہ کوت گژھ ژلہٕ ملکوٚت ژلہٕ — ملہٕ ماکتہ ملہٕ دود چھم کرلوٹھ
ریہہ چھم پیتر پیتر دوران شالس — میانِس حالس ہیتھ کر رحم

ییتن چھےٚ یہ کتھ ہیرنی لایق زِ نازکی صابن ادس قبر برونٹھے یژتھ تہٕ انکساری سان تورکس ناوس تیوٚت پراران زِ عربی تہٕ فارسی دوشونی زبانن منز ادسن مرن سنہٕ (قطعہ تاریخ) گنڈتھ تھود مت لیس ہیتھ کنہٕ چھ:

عربی:- اَللّٰھُمَّ آنِس وحشتی فی قبری یا حمید

۱۴۱۶ھ

فارسی: یارب از ما سِوا ملولم کُن
با ہمہ معصیت قبولم کُن

سالِ وصلم از جب دُعا دریاب
"جانِ نثارِ رسولم کن"

۱۴۱۶ھ

وُری جراہ پنٹھی پیوس تورکیس نادس پرارن تہ مے اوسن وُنتھ ستھوومُت زِ وُری زِ وری پھیر گژھ نکس صورتس منز پیشرآو؟ زِ لِس تمی حسابہ عدد تہ ——— سو واُتُھ نہٕ واری تہ تمٕ اوس پلنے پنُن کاشُر قطعہ تاریخ تہ ۱۴۱۸ھ گنڈِتھ ستھوومُت سہ

جمعہ اوس شب اردہیم ماہ حج
یہ رَدِ خلائق ژٕ ستے کورتھن قبول
زا ہا یاسنا اوس سالِ وفات
دُماں گو "شفاعت کرم یا رسول"

۱۴۱۸ھ

شہر سرینگرکس مَلہٕ کھاہ مزارس منز چھہ کاٹھی دروازٕ دھرم سالہ اژون کھووریکنی بارِ پرپت محبوب العالم شیخ حمزہ مخدوم صاحبن آستان وامنی تل ہم کس جاطِ بند منتخب گوشس کُن ینہٕ ڈیکہ بجہ آشنہ لراوسوو۔ "اِنّا لِلّٰہِ وَاِنّا اِلَیہِ رَاجِعُون"
مزار پیٹھ چھس یہ موے قطعہ تاریخ کھنِتھ "ھُوَالحَیُّ القَیُّوم"
چھہ تتھ ڈکس کھنِتھ۔
پیرس چھس کمس تام محترم رفیق سُند فارسی پاٹھی وومت تاریخ وصال پیٹھ کنہ مدرج سہ

مے مشہِ نہ زاہ

شام ثامِن عشر مہ ذی الحجہ — نازکی دست از قیودِ حیات

روز جمعہ بہ قبر در آسود! — باد نازل بہ مرقدش برکات

سرِ جنت کشیدہ رضوان گفت — رفت شیریں مقال سالِ وفات

فارسی پائٹھ ۱۴۱۸ھ

بنیہ مرحوم آشنہ الحاجہ عائشہ بانو سُند ... سالِ وفات لُس

بانے نازکی صاٮٔبن از بروٗنٹھ ۸ اردری گونڈمُت اوس چھپ تہندس پرس

ییتھ کنِ کھنِتھ

چیزے کہ چنیں شدن نہ بالیست

از دستِ رضائے حق چنیں شد

یوم العرفات رفت و گفتم

عائشہ بانو، ارم نشیں شد

۱۴۱۸ھ

امہِ علاوٕ آسن نازکی صاٮٔبن کیتی قطعہ تاریخ — گنڈی منز

یمو منز ہتھ دونہ کاویترِ وٕرل۔ شعرِ سو مبر فی بوٗلس دینہ آمت چھ۔

۱۶ نومبر ۱۹۹۵ء کس مے سپتر کُلاقالس دوران یمہ رُباعی تمہ

نوٹ کرنوٗ وس یتہ چھپے حاضر

گرن منز موت سنز ارٕن اندر موت

مثید ن ، مندرن ، بازن اندر موت

چھ پزتھ کنہ حیابہ موٗچھ حکمرانی

کوتن بالن سرن آرن اندر موت

دلن منز خوف و دہشت تمہ تہ وحشت

اندری اندری اچھو کنہ خون ہاران

سبٕٹھا ارزان چھُہ گومُت خونِ ناحق
محبتٕچ ہندی پاٹھی الانٕک چھُہ باران

وَنُن گامٕ کُنی شہرٕن تہٕ گامن،
کنُن منز شورِ محشر خاص و عامن
برٕن ہانکل ٹھوٚد دارِن دِلو تارٕ
گرٕن منز خوف وتہٕ بٔکھس تہٕ کامن

کشیرٕ آس اتھ اچھہ دارِ کیا گو
روا داری تہٕ تتھ پڑ بزار کیا گو
اما تتھ ژارِ چھے بر لسوار کیا گو
دوال کوٚنگہ دارِ تتھ پر وار کیا گو

وطن رشکِ چمن ادسمٕ تہٕ کیا گوس
چھکان عنبر وتن ادسمٕ تہٕ کیا گوس
تباہی، قتل و غارت خونِ ناحق
دنے کیا کُس وطن ادسمٕ تہٕ کیا گوس

تھبان اُسی اُسی اسہٕ چھُنہٕ کانہہ تہٕ ثانی
چھُہ ملوٗکی پاٹھی تتھ بزدارِ پرتو!
زمیناہ، نازنیناہ، مہ جبیناہ
خبر اُچھہ مالیجس ثانی تباہ گو

کس جوانس چھُہ از اُچھن منز آب
کس بزرگس چھُہ از حیاتٕچ حجاب
کُس چھُہ کُس یاد تتھ زمانس منز
قبر پرانے بیہ بوشس گئے نایاب،

یمن دائٕلِس چھےٚ باسان گاسہٕ مادان
خبر تلہٕ کیٚوٚر چھا زلِس چھا قبر چھا
بےٚ پٔرِھ دوداہ چھےٚ کوٚرمٕتھ زندگی ناو
کفن چھُس سیٚتی یکناوان خبر چھا

پزر تہٕ چھےٚ یی زِ نازکی صابن اوس چھکھ فرلیضہٕ انجام دِنہٕ وقتہٕ
پانس کیٚتےٚ کفن تُلی ہیتھ تھوٚومُت تہٕ تمی سُندی ونہٕ کفن وین
کٔرنکہٕ بلکہ بوٚنٛدلس تہٕ کرِتھ تھوٚومُت تہٕ کیازِ بقول فیض احمد فیض

کرو کج جبیں پہ سرِ کفن مرے قاتلوں کو گماں نہ ہو
کہ غرورِ عشق کا بانکپن پسِ مرگ میں نے بھلا دیا

یمہِ بروٚنہہ تہٕ امہِ پتہٕ آے رُباعین منز تہٕ چھےٚ پُر آشوب ہم کال
حالات ہُند دوگ دگ تہٕ تیلن آمِن ٹاکِمن زن خونِ جگر
شمان۔ نازکی صابنہِ ایجازکہِ اعجازک چھےٚ قایل ہیوان سپدُن۔
سارےی حالات چھےٚ بر لوٚرشدہ تہٕ ساڈ آسن بروٚنٛٹھہ کنہٕ گتہٕ گیوٚر
کران ــــــ سانہٕ ماجہ کٔشیرِ ہُند بےنظیر ارضی حُسن، سانہٕ ماچھ
رواداری منز انسانی قدرٕ چھےٚ لتہٕ مونجہ گرِھتھ تہٕ وتلہٕ منز ہینہٕ
ییتھ تہٕ سون دیہہ بوٚرُت راوِن تہٕ وال بنیتھ اسہٕ تہٕ زیتس پاوان
زِ ونہٕ تہٕ چھو آدن پانس پیٚیو۔ مےٚ ٹیلہٕ تہٕ نازکی صابن شرفِ
ملاقات حاصل سپُد، زندگی ہُند بربتہٕ آیہٕ بود باسیوم لوٚت ہال
ہیوٚہ تہٕ زند روزنچ تہٕ ہریم ملےٚ ــــــ نازکی صابنس صحبتس منز
اوس نہٕ زمانہٕ مکانک احساس روزان۔ از ۱۷ ار اپریل ۱۹۹۸ اع
ٹیلہٕ مےٚ یہِ کھوٚ خبر لٔج زِ ابدی وصلہٕ بانیتھ سکھر تھہٕ مسافر

دراد اصلی منز لس کن، دراتھ بُرسوار دوہ ۱۶ ار اپریل ۱۹۹۸ء، ستھ بجیتھ پنژہ منٹ (م، ۱۸ ار ذی الحجہ ۱۴۱۸ ہجری) میٔے باسیوو ز بُڈ ارزِنتھ راوِم تہٕ اَکِس پرٕ جہار بونہٕ ہیند یتیمین حسُن و جمالہٕ تہٕ شہجارِ نشہٕ گوس محروم، تہٕ کیاز بقول میر تقی میر

مت سہل ہمیں جانو، پھرتا ہے فلک برسوں
تب خاک کے پردے سے انسان نکلتا ہے!

اکھ سرفراز، سربلند، معتبر تہٕ نیادی پوشہٕ نرم پیکر گوٚو اسہٕ نشہٕ ژھینہٕ۔ سہ ژھر پرٕ گوٚو یادرِ لس تہٕ پروٚننے پیہ۔ میٔے دِتی مس اُتھی ژھرِ ز س منز وبا کھ، نوٚمن رباعین منز، ییتھ پرٕ شکوہ تعزیتی تقریبہ پیٹھ لوٚیس ریتی سندی گرِشو پورہٕ ۲۰ ار اپریل ۱۹۹۸ء منعقد سپٕز تہٕ ییتھ منز بے شمار سوگوار شریک آسی یِمن منز شاعر، ادیب، دانشور، صحافی تہٕ تہندی اَنگ آشناو تہٕ شامل آسی

(۱) دِل چھِچل اکھ بوٚنی از ولہٕ ڈرامے کیا گوم
ڈُڈرٕ تالیہٕ وزن ہے کرامے کیا گوم
یہاں آسی راہ مسافر لبنہٕ شہلس،
سمن تل دِدی وتن پیٚر کرامے کیا گوم

(۲) سہ نوٚزُک، نازکُے اکھ عالماہ اوس
صُبح کھسہٕ وُن سہ گاش کُ تارکھاہ اوس
قداوارہ، مدنوارہ، شفیقاہ!
سہ ہا اکھ شاعراہ، اکھ راہلاہ اوس

(۳) اَکھن نرمی، کِھن شہلتھ اُچھن گاش
وَتن ہندی پدی لیندی قدمن مدو آش
سمندر اوس لیس حسنِ لیقینکُ
وُچھ گِنز لیس کاڑ کاشر ہیتھ پکن راش!

(۴) زمانکُ حال، دینکُ سر پہہ مدینکُ،
محمد، لاالٰہ مرکز جبینکُ،
سوٚرُن عشقاہ تہٕ پرآوُن سر بلندی،
اُچھن ہند گاش دوٚ ندو سہٕ جارستیکُ

(۵) سہٕ مولس ستی لیس اُچھ میل کرِتھ گوٚو
تیاری اُس لیس عقبلی سرِتھ گوٚو،
اُسی نیتھ کال دوٚ نی زھارو گزھو کوٚت
حویلی ییٚیر، گلشن، بلبل مرِتھ گوٚو

(۶) سوٚرُن بوڈ کاوینہٕ وولاہ چھہٕ دنیا
اُڈسُن وُدی وُدی زُدن وولاہ چھہٕ دنیا
دوری کیٚنہٕ بال گوٚو پراُنتھ نموستی
وزان زھر مٹ زھوٚرے ڈولاچھہٕ دنیا

(۷) زُہیتھ کلی کٹی گمتی، گلزار خاموش،
دَنن ہندی وَن دو دنی دودار خاموش
وزان بلبلُ چھہٕ پوشن کیا سناگوٚو
دِیان گوٚو شہر خوش گفتار خاموش

ییم تاثرات ستھی لیسزی سان لیکھان لیکھان چھہٕ میانس ہت

اُچھن. برونٹھ کُن وۄہنت وُمنت، خوبرو، خوش کلام، تنُک اندام، شیروانی تہ لۄنہ تہ وآے پوشاک لاگتھ، باَبڑ ٹوپی دکرا کلی) دو ڈِ دتھ، زرزِ دِتہ بجہ بجہ سنہ سُدر اچھ کرتھ۔ اسوِنہ ہوبجہ بارلِش، باوقار، کارِ تشود، صاحبِ طرز ڈیکہ بوڈ شاعر تہ نثر نگار پیکر لوُتی لوُتی پیری تراوان پوان، یُس وۄنی اسہ درمیان رۆد نہ مگر یمی سنز رسہ بُرزِ ہمہ جہت معنہ ساَنہِ شاعری سانیٖن دو ندِ کمبت گیہِ کۄنٹھن دُمرو مران گاشراوان روزِ۔

میر غلام رسول نازکی زاو کاَڈی کدلہ سرینگر ۴ ربیع الاوّل ۱۳۲۸ ہجری، مالہ پھوِلہ وُن بدوار۔ ب: م ۱۶ مارچ ۱۹۱۰ء معزز سادات گرِ۔ واَلدِ صاَبس اوسکھ میر غلام مصطفیٰ ناو۔ نازکی صاَب اوس وُنہ دۄہرے زتمی سندی باَبہ صاَبن کرٔ ماَڈر، بتہ پور گام ہجرت۔ لہٰذا وہار اُسکھ نہ مگر علم و فضلچ بڈ دولت آسکھ سپتی یمہ کنز لۄکہ ہندی دِل زنکھِ تہ تہنزن چشمن ہند گاش بنتھ دِتہ لڑوک نہ مانہ آے۔ یہ اوس ۱۹۳۰ء م: ۱۹۶۵ بکرمی نازکی صاَبن لۄچر تہ باوُن گذر یوو اُتھی یعنی ماَڈر گامس منزے۔ چونکہ تمہ سُند باَبہ صاَب اوس فارسی تہ عربی زبانین ہند پایہ بوُڈ عالم یمہ کنز تس گری اکھ معتبر علمی ماحول اُتھی آو تہ تمہ علمک آگر تس گھر کور۔

امہ پتہ آو نازکی صاَب بتہ پوری لوور مڈل سکولہ درج کرنہ یتہ تمہ مروجہ تعلیم شیشہ مہ جماژ تام حاصل کر۔ بروۄنہہ کُن پرنہ باپتھ گو سوپور مگر تتہ روز تمک بوندلس نہ آسنہ کنز وۄدت

کاڈی کدل سرینگرٕچ آبادی اَنگن اَشناون لِش تہٕ رٕودی تسی۔
اسلامیہ ہائی سکول سرینگر کورُن اَٹھِمہ جماژ ہند امتحان پاس۔
پنجاب یونیورسٹی لاہور پیٹھہٕ کورُن مُنشی فاضل (فارسی آنرز)
مول اوس لوکچارِ دٲرِنس منزٕ رحمتِ حق سپدمت۔ یمہٕ کنی گب
گمژش لمنہٕ خاطر تس امذرِ قیح کاہنہ سبیل ژھارنہٕ باپتھ دوٚہٹھ ژھاٹھ
پیٚیہِ کرنی۔ گرِ نِشہٕ تقریبن دۄن ہتھ کلو میٹر لوگ وٕڈی لیٚرِ
ہند وارِ عربی فارسی ٹیچر۔ ووستادِ سندِ خشی نیٚتہٕ رُود برابر سداہن
وری یِن فرایض انجام دِوان۔ اَتھی دوران کورُن پرایویٹ
اُمیدوار سندی حیثیت نیٚتہٕ ۱۹۳۱ء منزٕ مُنشی عالم یمہٕ کنی اَٹھو
روپیہ پیٹھہٕ ریتہٕ وار تنخواہ دٔہ روپیہ مقرر سپدس۔ ۱۹۳۳ء
کیٛت کورُن میٹرک، ۱۹۳۵ء کیٛت مُنشی فاضل، ۱۹۳۷ء منزٕ
ادیب فاضل، ۱۹۳۹ء کیٛت ایف، اے تہٕ ۱۹۴۹ء منزٕ کورُن بی اے
ڈِگری حاصل۔ تعلیم ہندِس محکمس منزٕ آیس نہٕ کانہہ تژھ قدر کرنہٕ،
یژھِ شوبہ ہیس، پانے چھُن لیٚوکھمت۔

"اَمہِ سیٹھا سیٹھ میانِ حوصلہ شکنی تہٕ مزید امتحان
دِنی تہٕ تعلیم پرنی پاسے یم حبت۔ ۱۹۳۹ء پیٹھہٕ ۱۹۴۳ء
تام کُن وقت دراو اَتھی پریشان حالی منزٕ۔"

تِمنے دوہن اوس ممتاز تہٕ معروف ماہرِ تعلیم، کشیرِ ہند
ناظمِ تعلیم خواجہ غلام السیدین، یمو نازکی صٲبنِس بے پناہ علمی کیو
تخلیقی صلاحیژن ہند شوہرٕ بوزمُت اوس تہٕ یمہِ نیٚتِس اکِس
تعلیمی دورس دوران، تمن ہند مشاہدٕ کوٚر۔ نازکی صٲبن علمی

تمبر تۄ تمی سندی تخلیقی جوہر وُچھتھ بنوو تمس پننہِ لٹریری اسسٹنٹ تہ گریڈ تہِ ہُرِ رووُن۔ اتھی دوران کوڈُن خواجہ غلام السیدین سنزِ نگرانی تہ سرپرستی منز اُردو پأٹھی "تعلیم جدید" ناوُک رسالہ یُس صرف دون ورین جأری رُود۔ مگر یتھ نازکی صابنین تخلیقی جوہرن تہ نیپہ ناد بخشُن۔ امہِ پتہ بنیو نازکی صاب ٹیچرس ٹرینگ کالجہ وستاد تہ پتہٕ اسسٹنٹ ڈسٹرکٹ انسپکٹر آف سکولز۔ یہ سلسلہ رُود برابر اکتوبر ۱۹۴۸ء تام ییلہِ تمن ریڈیو کشمیر، جموس سیتی وابستہ سپُد تہ ییلہِ تمی سند تہ ہم عمر ہمکال مرزا غلام حسن بیگ عارف تہ ستی پروگرام آفسر لوگ۔ ایس، این، کاچرو (کارُم) تہ اوس تمنی سیتی نازکی متین ملازمت منز شأمل تہ یہ سورُے کینہہ سپُد شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ تہ مولانا محمد سعید مسعودی سندِ وأسی طے۔ ۱۹۵۰ء ووت نازکی صاب تبدیل گژھتھ ریڈیو کشمیر سرینگر تہ لوگ ریذیڈنسی روڈ سرینگر سرکأری فلیٹس منز روزنہ۔ یمہِ پتہ سہ شولپور لبتہ بروٚنٹھ اندرون کأٹھی دروازٕ رعناواری اوتر تام روزان اوس —— یہ کتھ چھے یتین پھِرنی لایق زِ یہ اُس نازکی صابنی نیادر لوٚشہ نرم آوازے یمہِ سیتی ۱۹۴۸ء کین ازی جیہ پبلک سروس کمیشن بلڈنگہ منز ریڈیو کشمیر بیٹھہ "یہ چھُہ ریڈیو کشمیر سرینگر" تعارفی شبد سیتی نشریاتن ہُند آغاز سپُد۔ ریڈیو کشمیرک مقبول عام فیچر "نیظہ صاب" رُود کینتین کالس تمی سنزِ نگرانی منز چلان تمکی معروف کردار نیظہ صاب (نظام الدین) کنٹھہ رام (دُشکر بھان) تہ مریم بیگم بتہ اأسی

ریڈیو مُلازمت تہٕ دِژ نازکی صابن پننہٕ خاصہٕ وضعداری سان انجام تہٕ تخلیقی کأم تہٕ تھوٚوِن پننہٕ وکھرہٕ تہٕ نیٚرل کلاسکی اُسلوبہٕ سان جأری۔ ریڈیو مُلازمتہٕ پتہٕ ریٹایر سپدِتھ اوس نازکی صأب فیلڈ مرو سے آرگنایزیشن محکمس منز ہفتہ وار "چمن" اخبارس ستِتہ ایڈیٹر پسندِ حُشی نیتہٕ وابستہٕ۔ ۱۹۸۹ء کیُت آس بھارت سرکارکہٕ طرفہٕ پدم شری قومی اعزاز دِنہٕ یُس تمہٕ یہٕ وُنِتھ قبوٗل کوٚرنہٕ زِ۔" وُدہٕ نیٚر چھہٕ واراہ ژیر گوٚمت۔" حجکُ فریضہٕ چھُن عہدیہٕ پھِر انجام اوٚمت۔ ادرکُن چھُن نیازمندی سان یتھہٕ کنہٕ اِشارِ کوٚرمُت ؎

غالباً میرے دِل سے نِکلی تھی
مُلتزم میں دُعا ہوئی تھی قبول
میں نے دوبار حاضری دی ہے
کاش ہر سال کا بنے معمول

بقولِ سعدی رح شیرازی ؎

سعادت بہ بخشائشِ داورست
نہ در چنگ بازوے زور آورست

بیٚمہِ کیٚنہٕ چھہٕ ژورِ پھِر اِنگلستان تہٕ گمُتہٕ۔ ژیتہٕ وڈٚترٕ اوسُس خدایَن آزے تیٚتھ وُمیٚت زِ سانہٕ واد شعر اَسِس زبأنی یاد۔ حافظِ کلامُ اللہ تہٕ اوس۔ فارسی، عربی ادب عالیہ، ہکُ تہٕ قرآن کریمہٕ مطالعکُ مقدٚس شغلُ تھوٚوُن آخری دمس تام پابندی تہٕ بہ صد نیاز جأری۔ آشنہٕ اوسُکھ عائشہ ناو۔ یمیٚ پسندِ دمیہٕ خُدایَن ستھ نیچوی تہٕ اکھ کوٗر، اَٹھہٕ اولاد عطا کرِتس تہٕ لیوسہٕ ۱۹۸۰ء اکِس

## غلام رسول نازکی

منز رحمتِ حق سپنہٕ تہٕ یمہٕ سُند دوٗر پرِچ دگ لٲگِتھ وان
تمہٕ پننہِ وٲلِنہ ہندی باقے اردہ دٔرہی یہِ ڈلی زِ تہٕ بدپکہ کنہٕ
بال نموٗستی پراٹان گذاری۔ اولاد چھکھ ساری تِہنٛز پننہِ جایہِ
آباد تہٕ خوش گُذران۔

"نمرود نامہ" بابتھ چھُ نازکی صابس ریاستی کلچرل
اکیڈمی آوارڈ تہٕ "آوازِ دوست" شعر سومبرنی خاطرٕ ساہتیہ اکادمی
انعام تورمُت۔ ادبی خدماتن ہندِ اعترافہٕ ڈنگی چھُ تس ریاستی
کلچرل اکیڈمی ہندِ طرفہٕ اعزازی خلعت دِنہٕ آمُت۔

میر غلام رسول نازکی صابن کوٚر پننہِ تخلیقی زندگی ہُند دسلابہ
اردو بٲتھی۔ گوڈنیک شعری مجموعہ چھپیوٚن "دیدۂ تر"، ناوٕ ۱۹۴۸ء
یس کیتُت ٹیمیکُ "تعارف"، تمی سُندی محترم رفیق مرحوم غلام محمد میر
طاؤس صابن لیوکھمُت چھُ تہٕ یس دوٚنی تمہٕ تِیُمِس شعری مجموعہ
"متاعِ فقیر"، مطبوعہ ۱۹۹۶ء یس پوٚتس شامل چھُ کوٚرمُت "دیدۂ تر"
شعری مجموعُک اِنتخاب تہٕ چھُ اَتھی سیتی شامل کرنہٕ آمُت۔ چراغِ راہ
دوٚیُم اردو نعتیہ شعر سومبرن تہٕ چھپن۔ ۱۹۸۹ء یس کیتُت چھاپ
کرمُت۔ فنی کشمیری سُند تمہٕ سُند شعری اِنتخاب چھُ نثری اردو ترجمہ میتھ
"دُرِ عشق" ناوی جموٚں و کشمیر نظامتِ اطلاعاتکہ طرفہٕ نومبر ۱۹۶۰ء
یس منز چھاپ سپدمُت۔ اگر خدایِن یوٚتھ اردو کلامس تہٕ نازکی
صابنین ادبی خدماتن مُتعلق پننہٕ ناچیز تاثرات کرٕ بہ اردو بٲتھ ضرور
حاضر۔ تامتھ روزٕ بہ نازکی صابنِس کاشرِس کلامسے تام محدود۔

نازکی صاب زاو گوڈنکہ جنگِ عظیم برونٹھ ژور وری تہٕ ۱۹۳۹ء

لیس کیت۔ دوٚیِمہ وٕنۍ دٔرے مہ عالمی جنگہ دوہہ اوس، ۲۹ دُہر۔
جولائی ۱۹۳۱ء۔ کشیر منٛز تہٕ شخصی راجس خلاف لۆکن ہنٛز بالادستی
قایم کرنہٕ خاطر شیر کشمیر شیخ محمد عبداللہ سٕنٛز سربراہی منٛز عوامی تحریک
شروع، یپہٕ واریاہو نوٚزکۍ مرحلو منٛز نیرتھ جاگیرشاہی ختم گژھنس
تہٕ کشیر تہٕ باقی برصغیرس سیتۍ ورنہٕ باگۍ گژھنس سیتۍ اند واتھ۔
شیر کشمیر شیخ محمد عبداللہ بنیوو ٹیٹکۍ وزیر اعظم تہٕ ڈاکٹر کرن سنگھ
لیس آخری ڈوگر راز مہاراجہ ہری سنگن کٕنۍ نیچو اوس بنیو جموٗں و
کشمیرکۍ صدرِ ریاست۔ ۹ اگست ۱۹۵۳ء سپُد مرحوم شیخ محمد عبداللہ
گرفتار تہٕ بخشی غلام محمد بنیوو تمۍ سٕنٛز جایہ وزیر اعظم۔ جشنِ کشمیرس
لوگ چلے جاد۔ ثقافتی تہٕ تمدنی سرگرمی واتہٕ طیس بیٹھ۔ مشاعرن
نہٕ کھوٚت جایہ جایہ بوش۔ نازکی صاب تہٕ اوس یمن منز شریک
سپدان۔ یتھہٕ کنۍ آدُسہ خوش قسمتی کنۍ کاشرس کُن۔ اوٚرکُن چھہ
سہ باپتہٕ "نمرود نامہ"، نادی گوڈنچہ، رباعی سومبرنی ہندس تعارفس
منز لیکھان۔

"مشاعرن منز اگرچہ آسہ کینہہ خوش کلام شاعر تہٕ کلام بوزن
ناوان مگر اکثر آسی یم کیاہتام وَنان تہٕ آتھی اوسکھ شاعری ناو کوٚرمت۔
واقعہ چھہ یی زِ یمو خود ساختہ شاعرو کوٚرُس یہ ناپل کاشر شاعری
کرنس کُن۔ یمو منز تہٕ سپُد اکھ نوجوان (شاعر) خدایے دین تمس
صحت، میانہٕ اَمہ ناصلک ذمہ دار، تہٕ کیازِ تمہ سُند لاالعینی اوس
آسان تنوٗت زیوٚٹھ، زِ پریتھ کاتہ اوس کنن دِوان نژُ۔ یمہ کینہہ
مُنتذکرہ چھہ ضروری، زِ اکثر خیالات چھہ، حضرت علامہ اقبال رح

ہندی منز چھہ پانہٕ ترجمہ کوٚرمُت یا اِستفادہ ۔‘‘

یہ چھُہ نازکی صاحبنہٕ علمُک وُسعت جار، تہنٛز نیاز مندی تہٕ
انکساری زِ تِمو چھہ امہِ کنہِ ہِنٛد نَنہٕ وانہٕ اعتراف کوٚرمُت۔ نتہٕ چھہ
پرزلی زِ ’’ نمرودنامہ ‘‘ مطبوعہ ۱۹۶۴ع پرِتھ چھِنہٕ یہ ژینہٕ وَلن میلانے
آوازِ دوست ‘‘ تہٕ ’’کاوِینہٕ دول ‘‘ ووٚنی شعری مجموعن منز تہٕ چھہ تِمو
مولہٕ شاعرن تہٕ آگرن ہِنٛدی حوالہٕ دِتھ اکھ رٔژ روایت قائم کرمٕژ۔
تِمو سُند سادٕ، سہل مقامی لوٚبہٕ وُن رنگ، تیز تہٕ تیہ میٹھ لفظن ہُند
انتخاب، اٰدبُک زادبُک فنکاری وَرتاو چھہ پرن والس پانس سیتر
یکنادِتھ یِنہٕ ایجازُک اعجاز ہاوِتھ دوان۔ سعدیؔ رح، مولانا رومی رح
حافظ شیرازی رح، غالب بیتر چھہ تِمو پرِنہٕ پاٹھی پرٕمتی۔ بقول پروفیسر
رشید نازکی ’’ نازکی صاب اوس عقیدت توحید پرست، علامہ اقبال رح
سُند شیدائے تہٕ مولانا ابوالکلام آزادُ سُند فدوی تہٕ مسلکی
اعتبارٕ مولانا اشرف علی تھانوی رح سُند معتقدٕ۔ ‘‘ تہٕ اَسہِ میکوٚ
نہٕ اَسی کُنہٕ تہٕ رنٛگی لَس شعرٕگی ہنٛز لیبل لاگِتھ۔ نازکی صاب
رُود ساری وانہٕ کوٚہ گرانکر پاٹھی یِنہٕ خاصہٕ وضعداری سان
فنی تھزرٕ تہٕ رٔژھران تہٕ معنہٕ برٕتی سَدرٕ سنزرٕ تہٕ ساران۔ نازکی
صابن چھُہ اکس اہم کتھہِ کُن اشارٕ کوٚرمُت زِ شاعری منز چھِنہٕ
کانہہ تہٕ خیال نوٚو بلکہِ چھُہ الفاظن ہُند خاص وَرتاوٕ اندازٕ
شعری تجربن معنہٕ سادٕ بہٕ تہٕ سَدا بہار حسن وجمال عطا کران۔ یودوے
نازکی صاب ترقی پسندی، جدیدیت تہٕ زمانکین وُترِنیٛلین درمیان
شاہ ہمسوان رُود، مگر تِمو سُند شانت سَدرٕ پیکر رُود زندگی ہِنٛد سوٚرے

دیہہ تہٕ زِہاں تہٕ سِریہہ تہٕ رُژھراں۔ سہ چھُ پننہٕ شاعری ہُنٛد
خولہٕ خط نمرُود نامہٕ کِس ڈلکس پیٹھ کھنہٕ جراں
جبینکۍ داغ ، دِنیکۍ سِریہہ دِلکۍ سوز
مدینکۍ عشق ، سینکۍ جشنِ نو روز
زمانکۍ حال یارن ہنز شِکایت
زیٚنہِ کتھہٕ ژوہن ہتن بأتن اندرلوز

نازکی صابنہٕ کج کُلاہی تہٕ بے تاج بادشاہی آیہٕ نہٕ سأرسے
وأنسہٕ رٕژھہ تہٕ فرق ، اِلّا گوس زندگی ہندین پترمین دوہن وینچہ
پہاری تہٕ ورک عالم ترنکۍ طوفان غالب ۔ یہٕ زن ہمین انسانی
فطرت چھےٚ ۔ تمیٚ سٕنز وارِاہ رُباعی چھےٚ مثالہٕ بنیمژہ ، طنز چھُ
یا ظرافت ۔ قرآن چھُ یا حدیث ۔ تلمیح چھُ یا مقولہٕ ، استعارٕ چھُ یا تشبیہ
انسانی قدرٕ چھےٚ یا سماجی نابرابری ، غم چھُ یا نشاطِ غم ، غمِ جاناں
چھُ یا غمِ جہاں ، عشقِ رسول ﷺ چھُ یا ایمان باللہ ، زمانکۍ حال چھُ
یا بے حالی ، حُسنِ فطرت چھُ یا تمیکۍ سازِ سرمد ، نازکی صاب چھُ
سیٹھاہ نیاز مندی ، عاجزی ، انکساری ، لیسرمی تہٕ ہُنر سان رُباعی
ہندین اٹھی لبن تہٕ زاوی لبن ، فنیچان منز زنتہٕ معرفتہٕ مس
ہرگران ۔ سہ گوڈ کافریس اِنکار کرِ چھس ۔ نازکی صابن اسلوب چھُ وکھر
تہٕ نائس مزازس ویہ وُن ۔ تمہٕ سندی شعر تجربہٕ چھہٕ سُنہ گٹی ، آولی
تہٕ موکھتکی پاٹھی نیترٕ نہٕ گران ۔ سہ چھُ سانہٕ دِلچہٕ وأرات تراییہ
منز کلاسکی تندیل زالیتھ ۔ سون اندر نیبر گاہناوان ۔ تمہٕ سُند
لہجہٕ چھُ نرم ، شہلُ ، رسدار تہٕ ناہ دار ۔ تمہٕ سندِ لوٚ ہم کال معروف

شاعرو، خاموش کریری صاٲبن تہٕ مرزا عارف صاٲبن تہٕ چھےٚ رُباعی وَنہٕ ژٕر۔ اَکھۓ نازکی صاٲبس برونٛٹھہٕ مگر نازکی صاٲبن کوٚر امچہ برد باری، متانت وقارس تہٕ آفاقیت۔ منز کتہٕ کور ہرٕ ہر۔

نازکی صاٲبنہٕ رُباعی چھےٚ بلاشک ساہٕ ہمکال کاشر شاعری ہُنٛد اکھ روشن تہٕ واضح کلاسیکی باب یُس پرٕ ہتہٕ نہٕ صرف سوٚن وونہٕ وُشان پا یشہلان چھُ بلکہٕ چھےٚ اکھ بے ناد تہٕ بے انت شادمانی اَسہٕ اَتھس تھپھ کرِتھ خبر کوٚت کوٚت واتہٕ نادان سٕ

## (۱) جبینکُ داغ دینکُ، سریہٕ دِلکُ سوز

(۱) نٔمن منز گیر اوسُس یاد پیوہم،
پھٔکیو میٹھہ بود زن ترووُم کوڈم واش
ژٕتھِ زن دٕرایہ اوبرس نار وزمل
کُٹھِس زن ژاو بر ژٕرنیو اَندری گاش

(۲) نٕژان بالَن، بیابانن پھٔلیم یٔدی
اُچھو سیوٚد جوے چھیُم دٕرامٕژ مٕژے وُدی وُدی
ہمتس سنگین دِلس وونُم نہٕ ژٕوک مل
کراں نِلوٚٹھ کنہن آیہ دِگِنہٕ زٕدی،

(۳) زمینس، دولتس، باغن تہٕ حباین
سوکھن، مہمن، دوکھن دادِن بلاین
گرٕن، گِمن، شرِن، بازٕن تہٕ بٲین
نمال چھیُس اَردہن، ساسن خدٲیت

(نمروزنامہ)

(4) جواني، مال و زر، اولاد واه واه،
لکن هئنديُن گڙهُن نامادري جاه،
ڇهئيم ساري پيءِ بلي الحمدُلله
لصدقِ دِل پورم آمنتُ بالله،

---

(5) کرڻي پڙهي مئي جيائي کٿه کهاه آئس
سرڻي پڙهي مئي جيائي ڏٿه ڏٿاه آئس
منگال رڌدس بہ ويرلن ٽنگ غلط گوڏ
کهوڻي پڙهي مئي حيائي سٿه سٿاه آئس!

---

(6) کنن ڇهُس زر، اُجين ڇهُس اوّن خبر هس
دِلس ڇهُس شرتر اَکه ڇهُس ڇهوّن خير هس
پريشان حال النانا وندس منتز،
ڇهه ونيٿهِ واوس بهتهه نيتهه نوّن خبر هس!

---

(آوازِ دوست)

(7) پشيمان ڇهُس ندامت ڇهيم خجل ڇهُس
جبنيس بيٺهِ نشال ڇهيم جانهِ داغکُ
ولکن نا اُميدي ڇهيم نه هرگز،
دترُ ڇهُس توتهِ حياني پوشهِ باغکُ،

---

(8) اگر زلهِ غمز دس غم، کيا گڙهي کم،
مئي تبنهِ ياري زمي ونتم کيا گڙهي کم،
بہ ڇهُس فاني بہ زلن تبنهِ حياوداني
زمي ونتم کيا گڙهي کم کيا گڙهي کم،

(۹) اَسن کھنٛ گالہٕ، وٕدنۍ باکھ پانے
چھہٕ کٕتھ پانے تہٕ پَرٕ سینٛز شراکھ پانے
کٔمِس تۄلکھ ژٕ رٔحم مینکھ کٔمِس چھیوٚن
چھہٕ سودا گار پانے گراکھ پانے

(کاوِیٕنٛز وٕد)

## (ب) مدینکۍ عشق، سینکۍ جشنِ نوروز

(۱) سحر وقتن پھٔلۍ لٔجمٕژ چھےٚ گوشن
چھہٕ سنگر مالہٕ ظوٗرِکۍ باٗتھی روشن
دِلن منٛز مایہِ محمدؐ بوشہِ ٹوٚٹھن
زٔبوٚن پٔٹھ یا رسول اللہؐ چھہٕ پوشن!

(۲) اگر ژھانٛڈکھ ژٕ دُنیا دِین زاوی،
اگر دِیۍ ژٕ نیکھ دُنیا گژھی ناش
دٕ چھین اَچھہٕ دِین کھوٚ وُرِ اَچھہٕ چھہٕ دُنیا
محمدؐ مصطفیٰ دِیہِ نوٗرِ اَچھین گاش

(۳) محمدؐ بےٚ کٔسن ہُند کس محمدؐ
دِلکۍ آرام روٗحکۍ رٔس محمدؐ
نجاتچ چھےٚ کٔنی وتھ رٔژ پہےٚ وتھ
محمدؐ لس محمدؐ لس محمدؐ

(نعرۂ وُدنامہٕ)

(۴) اَچھن ہند گاشہ وۄتہ یاد اوِ کرہِ زٕلس
ڈۄڈۄتھ اُش وانہ کٔے چھِر کاو کرہِ زٕلس
خبر دِنی زٕلس زبر اندازس اندر،
یتے زونتھ مُناسب گژاد کرہِ زٕلس

(۵) بجُر چھُے بے کسی چھَے لمےٚ بۄرے
نیم نینن کھوژن تل جاے کرہِ نے
چھہ زانان بے کسی تے بے لبسی جاے
مسافر یاتر ینہٕ نے پارے کرہِ نے

(آوازِ دوست)

## تضمینی نعت :۔

ہرُک ہوا چھہ سرد، سپدِ زرد بام و در،
ینہ پیوو ہرِتھ تھرِ تہٕ دُژھِ پوش سیٹھ تھر
بُلبل چھہ بد حواس صنوبر چھہ خم ثمر
باغس چھہ برُڈھی تہٕ پریشاں چھہ راتھ ید(?)
اوبراہ چھہ بے حساب شتاب آپ چھے سربسر

واوس چھہ تیوٚت زور زِ کُلی پھیرِ ژاکھ در
لوب کتھ چھہ باغوان تِھہاں دُچھ ژال جگر
نوسور زٔلت نوان چھہ اُچھن وۄدی گژھاں نظر
واٚنج پھۭٹم، زبان وۄٹم کتھ کھۄٹم مگر،
خاموش آہ و نالہ چھہ آخر کراں اثر،
ہر دمے منم منے سونت منے کن تراد اکھ نظر،

یا صاحب الجمال و یا سید البشر،

## (ج) زمانک حال یارن منز حکایت (کاوینہ وول)

---

(۱) رحیم پیٹھ تھوو، والس ہیتھ نیر چھان
کریم نادِ دیہ چھ تم سنز تور داپان،
زمانہ گوو پھیرتھ سورے پھیرتھ گو
دپان گاٹلہ پلیت بانن ڈکری ہٹان

(۲) شریفاہ تس کلس کھوتہ متے تمیناہ
کھراہ تس باگہ آمت نازنیناہ،
لگان ڈب راتھ کالن گاشس وارس
تھنبر سالنس اتھس کیتھ لال ٹیناہ

(۳) دپان گامس اندر قادر صاباہ آو
متے کیا زنہ تمس کوٹھن بتاہ آو
زنانو واجہ اتہ مردو گوہی انی
بنیازن ڈیر گئے کھکرن وباہ آو،

(۴) وچھم کیا کیا یمو بدکار چشمو،
اگر بوزکھ مشااللہ اکھ ونے لس
پرتھ وونٹھ کھمیتر دودلہ کیس اس
یہس کھنہ ہل کھتھ دولس ژکھلس!

(رنزو دنامی)

(۵) ملاقاتاہ اگر بنہٕ ہے بہٕ پرژھہ ہس،
ہے کیا کور مے، ہے کنھ ہتھو وتھ مرن زیون
ژے چھے قدرت مگر اتھ کیا چھے معنے
سترس چھم پانسے وتہٕ باقی پھرن ژھیون

---

(۶) اَچھن منز اوش چھہ ہو کنمتے ناموستی
دلس نلہٕ پل گومت پیپھم ہموستی
کران چھس صبح شامس، شام صبحس،
دورِ کنہ بال چھس پراناں نموستی

---

(۷) بہارس اوس یاوُن کوسمن کراو
خبر کتہٕ آو وآراں لوبنہٕ ہند کاو
سے منز وولرس پھٹیم پاشاہ کرتھ ناد
نہ گو وبنہٕ گرینز نہ گیہٕ وزل نہ ذوتھ واو

---

(۸) پھتے دوہ لوس دراکھ بالہٕ وامنی،
ونے کیاہ زن تہٕ کوڈ پری لوکچن واش
مے ژڈے کھور ذوتھ یمہٕ پیٹہٕ پیاری
نہ آکھ ژے، نہ ژوٗل اتہٕ گوٹ نہ پھول گاش

---

(۹) جوانی منز دِژو تم لوبنہٕ شیہجار
قدرٕ کرمس نہ نیو والیس خدایہ،
گُڈتھ اکھ دوہ دیال چھس ببا کھ نیرا،
ونتھ لوگس وُڈر تالیس خدایہ!

---

(آوازِ دوست)

(۱۰) ژھُر پیٹھ بستی اندر بڈٕ بڈٕ گٔژھن کھیلی
ژھکھ سوچان اما انسان کونت گوٚو
اُنکٕ انسان وچھنکٕ چھُیہ تمنا؟
اگر وُچھ ہن وِ نکھ انسان کونت گوٚو

(۱۱) یکھن وا شاہ کدِتھ وُچھ ہما شاہ
گرٛھال چھُم دم لوال چھُم جیر ولسی یے
ترٛن، مرٛن، گرٛن، بالن تہٕ آرٛن
چھُہ انٛدی انٛدی گیر کتھ کنٛی نیر ولسی دیے

(کاوِ ییٚنہٕ وٚول)

نازکی صابنس "کاوِ ییٚنہٕ وٚول"، ناوٕ آخری شعری مجموعس منٛز چھُہ جذبہٕ وصالِ نشاطِ غم، فن، وجدان تہٕ عرفان سورے طیس ییٹھ زنتہٕ اُچھر والن ییٹھ پرٛزلر دِل روٗٹر گوٚمت اَش موکھتر — وچھتو اکہٕ غزلکی یم شعر

پاس آخر ہنگہٕ تہٕ منگہٕ لوٚگ نار پرٛیٹھ کاشہٕ خانہٕ دٔود
باغ دٔود، صحرا دٔود، گلزار دٔود، ویرانہٕ دٔود،
وقت گوٚو شمشیر، وزٕل نار ترٛٹھ تھ چھپا خیر
کُس گریبان چاک گوٚو، کُس موٚو کُس دامانہٕ دٔود
بازرس لوٚگ نار، نب شولیو، وانہو ژٕٹی پلو،
کھاتہٕ دٔود، پرٛانہٕ دٔدی، سرمایہٕ دٔود کریانہٕ دٔود (۱۹۸۷ء)

"شہر آشوب"، "بار خدایا یاپ نوار" پرٛیتھ چھُہ اَسہٕ کوٚھن باگہٕ آمت سمیہٕ اَندکار تہٕ دنیہٕ منٛز ہینہٕ آمت ماحول یمہٕ کتھ تہٕ باوان چھُ یہٕ دردو رنجہٕ زلو تہٕ قتلم کٔٹو الو برٛی روپیہٕ ملم

بندگیٚ دُدٕ دِنی جانانہٕ وار | بارِ خدایا پایہِ نوار،

وَنتہٕ ڈالن ووٚل گوٚو ہتبر | لیکہٕ ژارن وول دِلہٕ تُم ہُشور

کھر گوٚو بوڈ ہیوہ موسیقار | بارِ خدایا پایہِ نوار

شرم و حیا اخلاص وفا | پردن شکس کرِہی نون دقع

پرانین دین گژھہ قبرن نار | بارِ خدایا پایہِ نوار

احساس ییتہٕ پریتھ اَندر جوب | حاصل ضرب چھہِ شہر آشوب

تانن وگ وژھ گوٚو اظہار | بارِ خدایا پایہِ نوار

کُکلہِ ہُند سرمدی نغمہ: "یادِ دستو" پریتھ چھہِ چھُپہٕ کن گردرتہٕ دوٚبہان تہٕ مرہم تہٕ سیدان۔ امہٕ کس شان نزولس مُتعلق چھہِ نازکی صاب وَنان "لوہ کجاوس اندر ییلہِ اسی۔ کُکلہِ ہند بول بوزان اُسی ماجہِ، نانہِ آسہِ وَنان زِ یہ چھےٚ مُناجات کران تہٕ وَنان یادِ دستو امیون لوز نو! ستھ کور چھیم نکھہِ والتم یادِ دستو یادِ دستو!

یہ چھہِ ننہٕ وانہٕ سماجی نفسیاتک اثر تہٕ کورہِ پرنتہٕ بارِ آسنک لوبہٕ وُن اظہار تہٕ تمہٕ نکھہِ والنک ارمان تہٕ پانس منز ژژھرہتھ مگر یمہٕ انداز نازکی صابن وَنتہٕ کس وولیمیتس بے پناہ تہٕ بے معنہٕ آرادس زِلو چھےٚ دِژمژ سہ چھہِ تمہٕ سُندے کمال۔

وٲوس چھہِ ازبدلے بُتھاہ، وٲوس چھےٚ لجمژ پوشہٕ وار،
چھیم پوشہِ لنجہ بیٹھ اُلی مَن، ناوس اگیٚ مَتہٕ زالتم،
ستھ کور چھیم نکھہِ والتم! یادِ دستو! یادِ دستو!

سفرس اندر چھس آرِ کاڑ، گرِ چھیم منے براران شری تہٕ باژ
گرِ والتہٕ لمی، یہر نکھہ ترٲوِ لمی وتھہ لمو تم متہٕ ڈالتم،

سنتھ کور چھیم نکھہ والیتم ، یا دوستو! یا دوستو!

واریاہ دیاں چھم ہس بہ رنتھہ ترٹھ چھیم کراں اُلس مےٚ گتھہ

گتہ گیوٚر کوٚر ہیم دشمنو متہ ناریتم متہ گالتم!

سنتھ کور چھیم نکھہ والیتم ! یا دوستو ! یا دوستو!

اکھ کتھ یوٚتس ۔ نازکی صابن کلہم کلام پرتھ چھیے یہ کتھ ننہ پیوان زِ یتھ پاکھٹی چھیتہ تمہ پسندی شعری تجربہ شستہ ذوق جمالس بار باسان ۔ خوشی چھہ یا غم باوُ ذُبل چھہ ڈنجہ رفو زنتھ شائستگی ہند دامن چھہ دردست ۔ پاس حیا، پاس وفا، پاس عشق تہ پاس حسن وجمال چھہ نظرِ تل ۔ خدایہ سنز بارگاہ منز چھہ ۔ سہ ہمہ پاس تہ پیکرِ نیاز ۔ شاعر چھہ وارِیاہ ۔ بشر چھہ ساری ، مگر نازکی صابس چھیے پننہ بشری کوتاہین ہیتھ تہِ نظر ، سہ چھہ سون قدادار تہ کارِ تھوٚد شاعر ، مگر ژھوکھ چھس نہ ۔ تس چھہ بقول اقبال معلوم ز

موتی سمجھ کے شانِ کریمی نے چن لیے قطرے جو تھے عرقِ انفعال کے

سہ چھہ اَدے برمحل شاعرانہ یتھ زونے تہِ کران تہ توبہ تہ دراصل یہ آتش تھوٚتھ زِ خدایہ برتر ہیکہ سرِ تلِ سون بناوِتھ ع

مےٚ پتہ تنقید گژھہ میانِس کلامس

دپن یہ چھہ کاشرکی رومی تہ رازی رح

سیاہ کارس دپن دل چھس پرُ انوار

سخن سازی چھیے بدلیش جعلسازی!

بیہ چھہ سہ یتھ کتھ وانتھ زیتھی کلس میوٚ آسہ تتھی چھیے لنجہ یوان نمان ، بقول سعدی رح شیرازی ع

فروتر بود ہوشمند گزین نہد شاخ پرمیوہ سر بر زمین

# آزاد تہٕ مہجوٗر - اکھ تقابلی مطالعہ

پیر زادہ غلام احمد مہجوٗر وفات ۹ اپریل ۱۹۵۲ء چھُ پننہِ زٕوٗن نظمہِ منز عبدالاحد آزاد (وفات ۱۹۴۸ء) نن آیند ذمہ داریہ ین ہنز نشاندہی یِتھہِ اندازٕ کرٕتھ تمِ سُند مرتبہ اکس شاعر، ادیبہٕ، محققہٕ، نقادٕ سندِ حیثیتہٕ بڈِ کڈان۔ سُہ چھُ تس پننہِ فطری جانشین بناوان ؎

مہجوٗر کرہی نازہ      برداری
وٕ قیتھ تس چھےٚ لاچاری ییے
وہ ٹی چھےٚ آزادس جائی ذمہ داری
کاٹھ زٕوٗ بوزمیائی زاری ییے

تس اُس خبر زِ سُہ گژھِ ۵۴ وُہرے جانمرگ تہٕ یہ کامہ روز بِنیہ تہٕ اڈلیچھی۔ تس گو آزادُن اڈٕ وتی چمن تراوِتھ ژٕلُن کرِ لوٗٹھ تہٕ کیازِ سُہ اوس ییٖزی پاٹھی کاشر زباٹی تہٕ ادبک سانہٕ گوٗر۔ مہجوٗرن کر بس لسل تہٕ فارسی پاٹھی وٕوٗن تس مادہٕ تاریخ یتھ کنی ؎

آہ! آزاد از چمن روپوش شد
یا کہ از جام بقا بیہوش شد

بہرِ سالِ رحلتش مہجور گفت
"بُلبُلِ شیریں بیان خاموش شُد"
(۱۹۴۸ء)

کاشُر مادہ تاریخ گوٚنڈلُس یِتھہٕ اندازٕ ۔

کاشرِ ہندِ علمہٕ اَدبُک باغ از برباد گو
باغ وُچھنے حسرِ نفا ہیتھ باغہٕ وول شداد گو
سر فدا کوٚر باغوالوٚ دژاوٕ اَدٕ سالِ وفات
بولہٕ وٚن زن بُلبُلا نٔزٲوِتھ چمن آزاد گو

(۱۳۶۵ءء ، ۱۳۶۷ھ)

آزاد چھُ مہجورس ستی ۱۹۳۵ہس منٛز گیت رانگر بڈگامہٕ ملاقاتھ کران ییٚمُک سارۍ کھوتہٕ رُت ثمر یہ دراو زِ آزادنِس دِلس منز وٚتھ تلیوٚ مہجورنہٕ شاعری تہٕ زندگی مُتلق تہٕ کاشُر زبانۍ تہٕ اَدبُک تواریخ لیکھنُک رُت جذبہٕ تہٕ یِتھ تمہِ ستی عملی صورتھ نہٕ دِژٕ تہٕ لیس پیتہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" ناوٕ جموں وکشمیر کلچرل اکادمی دِتھ یہ بہتر ین جلدن منز شایع کوٚر ۔ آزاد چھُ کاشُر شاعری ہندِس اُتھی گوڈنِکِس تذکرِس ترٛیٚمِس جلدس منز کاشر شعرٕ لوانٛژ بزوٚنچ کنہِ تھوٚتھ اُکس تھدِ پایہٕ محققہ ، نقاد تہٕ سخن شناسہٕ سندِ حیثیتہٕ مہجورُن مرتبہ ۔ یوٚن تہٕ بدوٚن گٔنڈِتھ دِوان ۔ مہجور چھُ پانہٕ تہٕ پننین شعروٚن نشہٕ فائض حاصل کرنُک تذکرٕ یِتھ کٔنزٕ کران ۔

اَتھ وٲرٕ صوٗرژ پیٚرِ تٕلِتھ گوٗشہٕ رسول میر

مہجوٗر لاگِتھ آو بیٚیہِ دوٗبارٕ اُتی روزٕ

یہِ چُھ اندازِ بیانُک تیٚلِس تخلیقی تجربن نوٗہ رچُھنۍ بخشِتھ نتہٕ چھنہٕ دنیاہس منز کانہہ تہِ کٲنہہ نوٗ کتھ آسان۔ مہجوٗرس تہِ چُھ امہِ ماآنٕ مَتہ پیٚزرک اعتراف۔

میر سُند یٔژون مَس لوٗدلوٗہن بانن

تی کٔنِن ترووِے غانن منز

مہجوٗر بٲگراو پھیرِ ژیٚ پیمانن

جاے تمی ژٕٹ پٔرِستانن منز

آزاد چُھ رسول میرس تہٕ مہجوٗرس درمیان موازنہ کران۔۔۔۔۔

۔۔۔۔۔ تکیٚرین ہُندِ ہشر یٔمہِ انمانہٕ دواں ہاوِتھ۔

رسول میر:۔

رسولہٕ یوٗدوے غنچہ لبَن یتھ ژٕ چُھکھ بدنام

خوش روزٕ عاشق کرٕ ژیٚنے نافرمان دیان چھی

مہجوٗر:۔

دِل میون نھاوی تون منز پھولدانن

یہِ پلیاو سنبلستانن منز

اُمی کرٕ بندگی غنچہِ دہانن

جاے تمی ژٕٹ پٔرِستانن منز

رسول میر:—

حب وٕلبہٕ راَوتھس مارٕ متے وٕلبہٕ کمو چھے

تِمہٕ چھا میانہِ کھوتہٕ سوندرے بال مرآیو

مہجور:—

ژٕ ییٚکس ستین گئ ساۓزٕنش

دوٚیِم چھا بیا کھ کانہہ مےٚ ہش

ژٕمیانے رٕشکہٕ پالس لِنش

تھوٚوکھ کمہِ سوندرے بوٚمبرو

محمد یوسف ٹینگ تہِ چھُ اَتھ کتھِ کُن اِشارٕ کران کلیاتِ رسول میرس منز لیکھان زِ کأشرس منز اوس رسول میرے یوت اَمہِ وِزِ اَتھ کلاسیکی تہٕ پارأوی ہتس سانچس تہٕ اسلوٗبس ٹھہٕ باسان ؎

مہجور:- سینہٕ سوزن عاشقن دِل شیہلن یامتھ وُچھن

یِم دُبیتاں، ہا سےٚ لیشاں داروے بیمار چھا

رسوٗل میر:- یِم قُبہ سینکی ڈلیشہٕ وٕنہن دُبہٕ پھراں دِل

اَنارِ شیرین کوٚنہٕ دُبیتاں دَپان یِتھی

یتھے کُنی چھُ حب خوتونہِ ہُنٛد محموٗد گأمی یُن تہٕ باقے بیٚیش رٕو شأعرن ہُنٛد اثر مہجورنہِ شأعری منز ہُتہٕ نہٕ ییٚتہِ ٹاکارٕ مگر تِمہِ باوجوٗد تہِ چھُ تمی سٕنٛدی تخلیقی جوہر زبأنی ہِنٛدِس سادروار وٕرتاوَس منز پرٕ کھٕٹھ، سنی تہٕ بِدوٗن۔

آزاد تہٕ مہجور دوشوے چھِ یتھِ لیحاظٕ ڈٕکہ بڈی زٕتمن آوسہ زمانہٕ

زِنٛدٕ روزنہٕ باپتھ باگہِ یِیہِ ساری سے برصغیرس سان کشیرِ منٛز تہٕ آزادی ہنٛز تحریکہِ زنم لوب۔ عبدالاحد آزاد چھُ پنداہ وٕری واٲنسہِ منٛز شاعری ہوان کرٕنۍ تہٕ تَمن گو سنہ ۱۹۲۰ اوٚرٕ پوٚر۔ یِیلہِ زَن مہجورالہ پلہٕ ژتجی وُہر یعنی سنہ ۱۹۲۶ کینٛتُ اُردو تہٕ فارسی پیٚٹھٕ باضابطہ کاشرس کُن چھُ لوان۔ مہجور چھ سنہ ۱۹۰۵ پیٚٹھٕ شعر گوٚیی دس تلان۔ یِیلہِ آزاد مسا وُہرے آسہے۔ اَمہِ حسابہ چھ آزادنہٕ واٲنسہِ یعنی ۴۸ ہن وٕرین برابر مہجورنۍ شعر گوٚیی کاڈکڈِتھ۔ آزاد چھُ مسا پنٛژہن وٕرین تخلیقی سفر جاری ہٮ۪کان تھٲوِتھ۔ تتھ منٛز تہٕ چھ تقریبن ژدہن وٕرین ہُنٛد وقت کاشر زبانۍ ہُنٛد گوڈنیُک تذکرہ لیکھنس لاگان۔

یہِ کتھ تہٕ چھےٚ یتھ پھرنس لایق زِ مہجورُن تہٕ آزادن رِشتہ اوس گوڈ گوڈ اُستادس تہٕ شاگردس سندس یتہٕ وُن دوستن تہٕ سخن شناسن ہندس رِشتس منٛز تبدیل سپد۔ یہِ گوڈے چھُ دَنہٕ آمُت زِ جوان کالہٕ بوٚچ آسنہٕ سببہ تہٕ تہٕنٛز مسلاخیٚنز وِچھتھ ووت سُنہٕ وقت ییٚلہِ مہجورن آزادنین جانشین گنٛز روو یہِ چھ اکھ موٗمُت پزرٕ زِ آزادن اوس مہجورس نِش سیٹھا اثر قبول کوٗرمُت۔ اوٚت تام زِ آزادن لاج سنہ ۱۹۳۴ ہس اکہ ملاقاتہٕ پتے حیاتِ مہجور لیکھنۍ۔ یتہٕ چھُ پزرٕ زِ آزادس تہٕ مہجورس درمیان آسی نہٕ پوٚتس پٔتۍ تعلقات۔ مگر تہٕ آسہتھ تہٕ اوس آزاد مہجورس سیٹھا احترام تہٕ عزت کران۔ آزاد تہٕ چھُ مہجورنین منصوبن ستی اکہِ نتہٕ بیکہِ ژنگی والبتہ روٗدمُت۔ یتھ منٛز کاشرِ زبانۍ ہُنٛد گوڈنیُک ہفتہ وار اخبارٕ "گاش" (۱۹۴۰ء) کڈنُک منصوبہٕ تہٕ شامل چھُ۔

یِتھ کٔنہِ گوڈے وۄنٛن زِ سیاسی طور متحرک تہٕ زِنٛدٕ زمانس باگہِ یِن اوس دۄن شوٚلہِ مہجورُن تہٕ آزادُن ڈٕلنہٕ بَبہٕ۔ تَمہِ باوجود تہٕ کیاہ چھے دۄن شوٚلہِ بہلہِ پایہٕ شاعرن ہنٛدِس کلامس منٛز تفاوت ٹاکارٕ تمیُک بوٚڈ بار وجہ چھُ مزاجَن تہٕ عقیدن منٛز بُنیادی فرق۔ یِوہے بٔرہ نٕکُن واضح سَپدِ۔ مہجور اوس ذہین تہٕ زمانُک نبض شناس آسنہٕ علاوٕ موقہٕ شناس تہٕ تہٕ ییتہٕ کٔنہِ ڈٲری۔

آزاد اوس اکھ سادٕ مۄنُش، سۄ دِلہٕ اُستاد تہٕ یُتھہِ تہٕ یُتھہِ وِول شاعر نہٕ ادیب۔

مہجورس سَپُد سیاسی طور اکھ اہم موڑ نصیب۔ اَدبہٕ لحاظٕ کاشُر شاعری ہُند دوٗت۔ تَس پیٚیہِ روایژن ہنٛدِس جمنس منٛز لوٚشن لُوہ رنگ برلنہٕ بُلبُلَن ہنٛزِ نالہِ زٲری نۄو اثر تہٕ میچھر دِین ؎

ہا گُلو توہہِ ماسا وُچھوَن یار میوٚن
بُلبُلو تُہی ژھٲری تۄن گُلزار میوٚن

مہجورَن کٔر اکھ روایت قایِم تہٕ آزادَن تہِ پَر وۄ گوڈٕ گوڈٕ اَکِس شاگِرد ہنٛدِ آیہِ اُتھی عشقہٕ وَتہِ پیٹھ قایِم۔ چونکہ یَتھ کایناتُکِس تخلیقس پَتہٕ کُنہٕ تہِ چھُ حُسنُک تہٕ عشقُک تصوُر کارفرما تہِ کیازِ اللہ تعالیٰ چھُ حسین تہٕ جمیل، تہٕ تَس چھُ حُسن تہٕ جمال لوٗلہٕ۔ اَدٕ کٔنہِ اگر اکھ شاعر ارضی عشقُک کَتھ تُلہِ، شوٗبس تہٕ اگر یَنٛن منٛز موٗن رنگ ژارہِ، شابش چھُس۔ وُلوِ فلحال باقی کَتھن سَنٛنہٕ بروٗنٛہہ وُچھوٗ اسہِ آزادَن تہٕ مہجورن کَمہِ سۄندٕ رنگ ژٲری تہٕ زندگی ہنٛدِ لوٗتہٕ وَن خاموش شُد رچہ کَمہٕ آوازِ تھوٚو کھ صدا بند کٔرِتھ۔ آزاد چھُ نہٕ تقلیدس لور

## مےٚ شہِ پٔہ زاہ

روز پٔہ مو کِہہ مہجورس برۄنٹھ نیرتھ ہیۄکمت۔

مہجورٕ:۔

چھس وۄدان نہٕ اِلتھ بدٕن رۄٹھم مدن ژول سرحدن
پرنگ چھایا درنگ چھایا بڑنگ چھا کِتہٕ ہار چھا
ژٕلہِ لارِ وۄچھمک حال وۄنہٕ ہے وارٕ وۄچھہے روٕ ے
گژہِ نہٕ لوٚ مے گیم اۄش وۄتھم دد راہِ وۄنے کیا

آزاد:۔

نیب ہیۄتمس جاپہِ جاے وۄچھنک تھوۄنم فریب
تراَل چھا گُلمرگہِ چھا ہندوارہِ چھا مقام چھا
کمہِ شوقہِ آسہس سنز کران کیا ہتام ژٕنس پیوم
بے تاب اۄش بادام چشمن سورمہ چھلتھ گوم

مہجورٕ:۔

۱۔ ملالہ ترٛاۄتھ ژٕ سالہ یکھنا یہ پیالہ مسکی بدرے ہالالو
خیالہ چانے مےٚ دِل چھُہ تۄشن یہ مالہ پۄشن کرے ہالالو

۲۔ تمنا چانہِ دیدارُک مےٚ چھُم ینبر زٕلے بوٚمبرو
پھۄجس یا منتھ لجس وۄچھنے گژھس چانے کلے بوٚمبرو

۳۔ رنگہٕ وارہِ لوٚگ دربارہِ گُل کرو بُلبُلو دیدارِ گُل

۴۔ دِلارامہٕ دِل تنبلاوُن روا چھا
گُل اندامہ گُل ژھایہِ تھاوُن روا چھا

۵۔ باغ نشاطہ کے گُلو نازٕ کران ولو

ژاکھ ژٕ یام درچمن لوسہٕ کری ژٕ یے کوسمنا

۶۔ ولسو یے کیا ملالہ روٗٹ جانانن

جاے تمہٕ ژٹ پرستانن منز

دِلہٕ کے حال کیا باوٕ غارٕ ژانن

جاے تمہٕ ژٹ پرستانن منز

۷۔ پوشہٕ وِنہٕ باغہٕ پوشہٕ گونڈری یے

گرسی کوٗری نازنین سونڈری یے

نازٕ تنہِ یم ووٗزٕلی جامہٕ کمہٕ ڈلی یے

نوٗرٕ وزملی یے وارٕ ہاو یان

آزاد:۔

۱۔ مےٚ شاٗدی آسِم ژٕ یے داٗدی باوٕ سے یہِ جاٗدی ہانکل گیمَ ہالالو

ژٕ یے کینہٕ روٗٹھم یہِ سینہٕ ژٕ روٗٹھم مےٚ لولہٕ کرتل ہیٚیم ہالالو

۲۔ ژٕمبرزل جانہٕ امارَ سے گمژ چھس بانبرسے بوٗمبرو

ژٕ ژم جامہٕ گیس فلوا بہٕ چانے لولہٕ رے بوٗمبرو

۳۔ برجوش آیہِ پوشہٕ وارِ گُل وُچھہٕ بُلبُلو دربارِ گل

۴۔ ستمگارٕ خمارٕ تھاوُن رواچھا

یہ میون شیشہٕ دِل پھُٹراوُن رواچھا

۵۔ باغ نسیمہٕ کے گُلو باشہٕ کران کران ولو

مے مشہ نہ زاہ

سازکران کران ولو نازکران کران ولو

۶. باے ییے کیا گمانہ بور جانانن رہ شہ بیوٹھ پوشہ ڈالانن منز
گوش نے بھود نم لولہ افسانن رہ شہ بیوٹھ پوشہ ڈالانن منز

۷. درم پھولرو وبقن شرم کری کری ییے
بٹہ کوری نازنین سوندری ییے

۸. یہ کوتاہ یاونس چھے باو کران چھکھ وز ملی ییے واو

۹. اُتی روز وارہ بوز میاٗنی ولہ زاٗری
پہلی کوری لولہ ون ہاری ییے
سروکھوتہ شوبان چھے قداوری
سگ دیتے کمہٗ وٕنج یاری ییے

مہجورنہ تہ آزادنہ شاعری منز یم مثالہ ژاٗرتھ پیش کرنہ تلہ چھ میون مُدا یی زِ یمن واٹی تہ وُچھن زِ آزاد کتھ حدس تام چھے مہجورنین تخلیقی شعری تجربن ہند گاشہ برہ نہ پوٗ کمُت۔ یوٗت تام آزادنین یتھین تا شوقہ تجربن ہند تعلق چھ، سُہ چھ یتھی شار لیکھنہ یا غزل وٗژن بیترِ تخلیق کرن ونہٕ کاٗشر شاعری ہندِس حاوی مزازس لور رود مُت۔ تمی چھ شعری رلوایتژن دامانہ ژٕتھ ہیٗژتہ مواد ورتاوس منز اٗنی متی۔ وننہ ییہ........ مہجور چھنہ تمہٕ نشہ نچھ........ یوز چھ مگر مہجورنہ تقلید چھے تخلیقی تہ آزاد چھنہ سوہ تیز تہ تینہ پور پاٹھی حاصل کرتھ ہیوٗ کمُت۔ مہجور ہیکہ ہے نہ ینہ حیاتی منزے تیوٗت مقبول سیدتھ اگر نہ سُہ ینی جوہرشناسی لتہ شعر تخلیق کرن وزِ

پوٚر پوٚر فاضل تلمیذ آسہِ ہیوٚکمٕت۔ یوٚہے چھُہ بوٚڈ بارٕ وجہ زِ تِمو سندی لوتہٕ وارے تخلیقی تجربہٕ تہٕ چھِہ اسہِ پانس ستی ڈُہِتھ لوان۔ یتھٕ ہنٛز چھُہ یزرٕ دہ شولوٕ چھُہ رلوایژن پوشنہٕ کرنس ستی ستی مقامی رنگ تہٕ پنُن منفرد اسلوب تہٕ قایم تھوومٕت اکی گوٚن تہٕ سوٚن تہٕ بینے توٚن تہٕ ثاثر۔ یہٕ کتھ ہیکہِ دہ شولز ہنٛز شاعری اندرٕ مثالہٕ پیش کرنہٕ ستی وارٕ پاٹھی ننِتھ۔ امہِ باپتھ دِموٚ اسی گوڈٕ مہجورٕنس کلامس ووٚن، یتھ منٛز خیالٕچ نزاکتھ، بیانٕچ روانی تہٕ سادگی زبانٕ ہُند ساڈٕ دارٕ ورتاو، لوٚبہٕ وٕنی لفظ ژٲر، دِلکش پیکر تراشی، حُسن تہٕ عشقٕچ ارضی باوتھ تہٕ تھدِ پایہٕ ذوقِ جمالٕچ فراوانی چھےٚ ؎

لولہٕ جانہٕ راتس کرمے بیدآری
لوٚسس کونگ تہٕ آری ژٲری ہیے
زوٚنہٕ نیرو چھنے میانٕ گُلکاری
لگہ یو بال پٲری پٲری ہیے
زُلفن ژھایہ یم دوٚر تابانٕ
ستہٕ رلیش گژھ کارانے ہیے
اوٚبرٕ ژلی کرٕ زن زٕژ تابانٕ
سوزِ دِل بوز دُردانی ہیے
لاگتھ ژنیے پانس جامہٕ چھتی شامہٕ ییتی دراکھ
لوٚت تراو قدم کوٚت ژلکھ مہ پانٕ اتی روز
سیرٕ ڈلُک زٕ وچھ بہار باغ نشاط و شالمار

مے مشہِ ہٕ زاہ

چشمہ ژٕ نھاوِ مے تیاہ | ناہ تران تران وَلو
واش ڈیلہ کوڈ تمہ زلفِ پیچان | گاش روُد ژورِ دردان منز
مُشک دار واو، ژاو منز گُلستان | جائے تِم ژٹ پرستان منز
یارٕ سُند مارِ موت سار چھینہ نھاوان | یارس لرِ پان ساوان چھس
کامہ دِلو یار چھینہ جامہ مُژراوان | پوشن مالہ کرناوان چھس

کامہ دِلو کرِ ساٹل ڈل بوزم شبس گژھِ تیل بل
درشنس آبس اندر پوشن لاگِتھ ہیرار ہا
نسیمہ بوزم ژٕ بالہ دامنٕ کمند ہیتھ چھکھ شکار ژھاران
بہ شوقہ چانے شکارِ اندر ینن یہ سر ہیتھ ترے ہالالو
سُلہ بیپروا گوشن وُزٕ ناوِ نندرِ پوشن
اندیشہ چھُم خبر چھا بلبلس تیار آسیا
وُنہ شورِ یامتھ واو غُنس موج تِلمتھ گو
اِظہارٕ لی کوٗر نرُ لفچے تھرایہ وَنے کیا
سیُن بیدارِ گلشن ییتہ پیارسے واو گونیرتھ
پیتھ سُنی ژٕ ور سندِ س اتھ چمن وُزٕ ناولس ونہ گیا
واو سونتک پوشہِ وُتھرن باغہ کین چھکران ژہ پور
کامہ دِلو بیہ شامہ ییتہ سُلہ باگراوِ کھ اِشتہار
پوشہِ اُوزہِ مُشکہ بٔری تھکھ رسہ پاٹھی کنہ مُژری تھکھ
اَسہ وِنہ دہانہ کری تھکھ آوارِ وارِ وارے

یِمَن تہٕ یقین وارِیاہَن شعرَن وِہرٕٹھنے کرٕنۍ گوٚر ہنر شناسن تہٕ سخن فہم حضراتَن بٕروٚنٛہہ کنہٕ سۄ کھتہٕ مال پھلہِ پھلہِ کرٕنۍ۔ ڈٕلوو وۄنۍ دِموا اُسی آزاد نہٕ رنگہ پوشہِ وارِ تہٕ ڈٕنۍ۔ یہِ وَنُن گژھہِ نہٕ کیہنہٕ غلط زِ السانس بلی خمیرس منز آسہِ، شہ کرٕلی، تہٕ تمہِ اوٚرپوٚر نہٕ کیہنہٕ۔ وۄنۍ گوٚشہ ہیٚکہِ اَدٕ شہ شاعر آسہِ یا کانہہ فنکار، خدایہ پننٕدِس عطا کرٕہٕ مِتِس شوقس بنیہِ ہَن بین دِکھ۔ یِتہ ہیٚکہِ نہٕ وَننہٕ یِتھ کِنہٕ گژھِ تہٕ کیازِ یہِ چھُ وِجدانُک سوال، یِتھ جواب دِیُن سہل چھُنہٕ۔ آزادنہِ شاعری سُنتھ چھُہ اَتھ کتھِ بنیہِ ہَن پوچھر لگان۔ یوٚدوے اَتھ شعر گنجینس منز فنکاری تہٕ تخلیقی شعر تجربن ہنز فراوانی چھِنہٕ مگر تہٕ آسِتھ چھِنہٕ اُسی ژھوٚرے ہلم ہیتھ اَمہِ درباہٕ ہیٚران تہٕ کیازِ آزادُن اَندرِم شاعر چھُ منزِ منزِ لوٚبہٕ وُن کادٕ ٹھ کٕڈِتھ چھُہ کُن کرٕ آلی تلان۔ دراصل چھُ تَس اَکھ قدآور شاعر بننس منز تمی سُند عقیدٕ ٹھٔر بیوٹھ مُت ......... یِمہٕ تَس اوٚرکُن سنٛنس فرصتھ تہٕ چھِنہٕ دِژہنٕ اُسِتھ تہٕ چھُ مہجورنی پاٹھۍ آزادنہٕ شاعری منز تہٕ عام دِلچسپی ہُندواریاہ سامانہٕ۔

پیٚرٕ ژھتہٕ چشمن تہٕ خنجر بازٕ بمن کیا بہٕ وَنے
ژٕ وٚرِ آزاد بہاں کیا نہٕ چھُ دوٚرے دوٚرے
مانٛز بمن بمن کُرل پوشہِ بدن زٕ پوشہِ تل
نشتہِ یِتھس ستمگرس ژٕوٚرِ یہِ دِل بہٕ تھاوہا
رۄخس پیٹھ زُلفِ خمدار خزانس رٕ چھُ شہمار
کمن گو بخت بیدار کمن اَتھِ آو لُتیے

خشمہٕ چونےٚ چھےٚ محشرک ماآدان
محشرس منز ڈلی تہٕ ہارن دِل
نظرے ہا نیرے تھزرن ہا پھیرے
وِگنین اَتھہِ وَنہٕ ناوے مدٕ نو
کوٗر کتھ شانہٕ زُلفن لرِتھ آلی سرپیٚن
تموٚ گالی کم نُندہٕ بانیٚ ہالالو
شورتُل یان تٔرادٕ روٗ تے رود ڈری یاوَن آرام
بُلبُلو وڈد گُل ہُرِتھ پیٚتی سرو کلی گےٚ رٔوزی رٔوزی
چاکھ جامن دِتھ مےٚ کیاسنہٕ پاکدامانس ونیوم
سینہٕ سپر تھوٚوِمس تیار پانہٕ بٔڈس چھےٚ اختیار
مارے برِپا کرِیا شکار شہسوار کیا کرے

کاشُر جدید شاعری :۔

یتھ اَسی آزادی تہٕ مہجوری سیاسی شاعری تہٕ ہکو وَنِتھ، امیک دٔسلابہٕ تہٕ چھےٚ مہجور "سنگرمالن پیٹھ پٔزاگاش" نظم لیکھتھ کران نوِ زمانچ بشارتھ دِتھ۔ تمہٕ دوہ یہ آسہٕ یتکی حالاتھے تیمی زٕ مہجورس اوس نہٕ اِشارد کنایو ذٔری یہ، مشالہ دی دی کتھ باوُنس کانہہ تہٕ چارٕ، حالانکہ کاشُر اوس یٔشر کالکہِ خاب غفلتہٕ نِشہٕ بیدار گومُت۔ مہجورس پیٹھ تو تہٕ وَنُن ٥

مانہٕ تٔرار مہجورِ سنزن مثالن نٔبرِتھ وَنہٕ ہے سرگرتھہِ فاش
دانا بوزن نادان ٹالن سنگرمالن پیٹھ پٔزاگاش

هردُک طوفان پوشہِ تھٔر ژالن — سونتھ ییہِ دِتھ ہیہ اکہِ تُلہِ پُرخاش

سُے پھولہِ تن لیس دِیہ جنجالن — سنگر مالن پیہِ پژاگاش

اَتھ سِلسِلس منز چھےٚ مہجورنہِ نظمہٕ "لوُکشیر" یِنٛ یارغ "گلالس کُن"
آزادی "گریسی سُند ترانہ" "قائداعظم شیرِ کشمیر" بیترٕ ناو ھینس لایق۔
گلالس کُن" تہٕ "آزادی" چھےٚ مہجورنہِ سیاسی شاعری منز سارِنٕے نٮ۪رس،
یِمن منز تِمو طنز کرِتہ ظرافتکی تیر چلاوِتھ بنہ زمانکؒ سون ووگن لوٗن
چھُ کوڈمُت۔ یِمن نظمن ہُند انداز بیان چھُ لوٗبہٕ وُن تہٕ سدا بہارٕ

غریبی، مُفلسی، بےٚ لوٗج ستی ہیتھ خانہٕ وٲرانی
اَمی پرٛٮ۪ژرٕ ترٲیہ اَسہِ پیٹھ آیہ تراوان سایہِ آزادی
یہٕ آزادی چھےٚ سورٕ ہے جوٗر بیراں خانہٕ پٮ۪تھ خانے
فقط کینژن گرن اندر چھےٚ ماراں گژرایہِ آزادی
لُکن پیٹھ گیے یہ آزادی سیٹھا گوب ہارِہ پرٛبھ ژنٛن
چھےٚ کینژن خوش نصیبن پوشہِ تلی زٕے ڈایہ آزادی

گلالہٕ" چھُ مہجورٕ سند لوٗ اکھ زوردار علامتھ بنیوٚمُت، یتھ پٮ۪ٹھ کتہِ
نابرابری، سماجی ناالصافین تہٕ بیہودگین ہُند اکھ سمندر وولیومُت چھُ
باسان زٕ وُژ تہٕ وکُٹ نٮ۪یہِ ڈٔہتھ۔ سُہ چھُ "گلالس" وَنان" ـ

لوٗزکھ وانجہ کمی وٲری داتن واتہٕ لوٗوُے ژیٖنے آزار
تتہٕ تہٕ چھایٖتہِ جی ہش بے راہی تتہٕ چھایٖتھے گنڈہٕ کار
سُہ چھُ ییتہ ترین زنہ زور ظُلم گنہٕ تہٕ نہ ظُلم گار۔ لوٗ وسونتھ ییہِ نہٕ لوٗیِ چمن تہٕ

ین پھوٚلِتھ تہٕ کیازِ قومن ہندِ زوالکُ تہٕ کمالکُ وقت تہِ چھُہ گنڈِتھ۔ نہ روزِ
سونتھ ہیٚتھی تہٕ نہ روزِ کریوٚہٹ وندہٕ ییتی ڈیرہٕ ترٲوِتھ ؎

چھُیہٕ لوٚتوانن کانہہ تہٕ واتان داد وفری یادس
زوٗنُم زِ وندہٕ سوریوٗ ویرٕ توٚ تروو سونتہٕ کالن
بے تاب مسالاگ وقتس ییتھ چھُہ پھولان باغ
چھینہٕ پوش پڑاران چھینہٕ کین سالن تہٕ سوالن
نیہہ گٹِ گوس بیدار کُنن کتیٚ جِہ بولُن گوم
زوٗنُم مےٚ وندہٕ سوریوٗ ویرٕ توٚ تروو سونتہٕ کالن

یہ اوس سُہ زمانہٕ یِلہ سرمایہ دارٕی خلاف سورُے منزٕ دُنیا
متحد اوس تہٕ ساری محکوم قوم آسی آزاد گژھنہٕ باپتھ مال کیو جان داوس
لاگِتھ۔ گوڈنکہِ بڈِ جنگہٕ پتہٕ اوس روٗس اِشتراکیتکُ مرکز بنیوٚمُت تہٕ دوٚیمہِ
جنگہٕ پتہٕ اوس ووہٕ نی چین تہٕ جاپان سامراجہٕ نشہٕ پنُنہ گردن موکلاوان۔ شاعر
تہٕ ادیب کتھِ کُنہِ ہیٚکہ ہن یِمو انقلاب آفرین تبدیلیو نشہٕ دوٗل دِتھ۔
چنانچہِ آسی چھِ آزاد نہٕ شاعری منز گوڈنچہِ پھیرِ طبقاتی شعورکُ پوٗرٕ پوٗرٕ اظہار
محسوس کران۔ آزادنہٕ انقلابی شاعری نِش چھیٚ یہِ کتھ واضح زِ تس تہٕ اوس
لوٚو دُنیاو چھینک ہوٚس۔ تس تہٕ اوس کشیر ہُند شاندار پتھ کال بے قرار
تھاوِتھ۔ نالہٕ بڈشاہ، چھیٚ امہِ رنگہٕ پھیرِ نی لالِق ؎

چھکھ تہٕ عاشق لولہٕ چمن زارن منز
بول ووہٕ نی جانورو ہول گومُت چھیے کیاہیے

چھُکھ ژٕ بیہوش نہٕ چھےٚ دود نہٕ چھےٚ دگ مولوم
ژھہاڑہٕ تھٕ چاہ یِنن ہوشہٕ یہک ہے ہایے

"نالۂ کشمیر" تہٕ چھےٚ امہٕ ژنٛگی قابلِ ذکر......پوز فنی لحاظ چھےٚ نہٕ
ترژھ کامیاب ییٚژھ "نالۂ بدٕشاہ" چھےٚ۔ انقلابی شاعری بیٚیہ ییٚتھ منٛز لشنٛز
وار یاہ موضوعی نظمہٕ شامل چھےٚ چھُ علامہ اقبال، جوش ملیح آبادی بیٚتر
ممتاز اُردو شاعرن ہُند اثر ٹاکارہ۔ "دریاو "نظمِ منٛز چھُ تمی زندگی ہُند
فلسفہ ویٚپرومُت۔ یہٕ چھےٚ اکھ "علامتھ" ییٚتھ زندگی ہندی بیوٚن بیوٚن رنگ
روٗپ چھہٕ۔ دِل نوٚودِنہٕ تہٕ لوٚبہٕ ونٛز ۵

جِگر چھُس سنگرن کتران رفتارس سو گرمی چھم
مدلوارن بدن ناوان اطواران سو نرمی چھم
سبزرتے لول چھم بٔری بٔری وٕرن ییٚچھن ولن اندر
لیٚوان چھم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر

"میانی سلام نِکھنا" چھےٚ آزادنی بدٕماری منٛز نظم ییٚتھ منٛز سہٕ نوٚس
زمانس وادس اکھ شیچھ چھُ سوزان تہٕ دادین ہُند دوا چھُ ژھاران اُسی
ہکو آزادس تہٕ آزادنس اختیار کرٕمتس نظریس (عقیدس) سیٚتی
اختلاف کرِتھ مگر ییٚتھ کتھِ ہکو نہٕ انکار کرِتھ زِ تمی کرِ نظمہٕ تخلیق کرنس
سیٚتی سیٚتی نوی نوی عروضی تجربہٕ، تہنٛز لفظ تھرے چھےٚ سَرل تہٕ سادٕروانہٕ
تیمہٕ کنی کاٚتنٛز جدید شاعری تہٕ اکھ کاڈ کوڈ تہٕ چھےٚ وہرو۔ روٗد خطابیہ
انداز تمی سنٛز سیاسی شاعری ہُندیس وقتی چھُ آسان تہٕ لیس نہٕ

زاہ تہٕ مقبول ہیٚکہٕ رٕوٗزِتھ۔ مہجوٗرُن انٛدریم شاعر تہٕ چھُ خوشکھ سیاسی موضوٗعَن اَتھہٕ لاگنَ وِزِ طوطہٕ زَن کلان۔ مہجوٗرن تہٕ آزادن دوشوَنۍ چھےٚ پیٚنہٕ زمانٕچ وَرتھہ واٰنۍ جہ ترجمانی کرِمژ تہٕ السانہٕ ہنز آزادی ہندِ نغمہٕ گیوٚومتۍ۔

آزادس تہٕ اوس دردٕ لوٗرُت دلاہ باگہٕ آمُت۔ سہٕ کتہِ زٕ رُوٚدہے پیٚنہٕ ماحولٕچ نابرابری، بے انصافی، جعلسازی تہٕ فندبازی ورتاونۍ تمۍ تہٕ لاٰے طنزٕ کہِ تہٕ ظرافتکۍ تیر ژٕٹانس۔

جدٕس لیٚس آکہٕ منٛٹہٕ اوسم — وُنِس تام سےٚ نکھس پیٚٹھ چھُم

بہٕ کیاہ ہاوَے دِلاوارٕی — بہٕ لو زٕر عشقہٕ بیماری

مُرن وۄدنۍ آسہِ ظاہر شیٖشہٕ وۄہرس عشقہٕ مِسکینس

مُشیدو ترٛوو کھۄنۍ تام مدرسن منٛز مامرے لومبرو

مذہبی رواداری، یانہٕ واٰنۍ باٰے بنٛدُت ورتاونچ روایتھ چھےٚ پیٚتہٕ پرٛاٰنۍ۔ آزاد تہٕ مہجوٗرٕ تہٕ چھِ اَتھہٕ پوشنے کران۔ وۄدنۍ چھِ باسان زِ انسان چھُ پیٚنہٕ آدن مُشراوُن ہیوٚتمُت مگر اَسہِ شوبہٕ تہٕ بزرگن روایژن زُ دادس لاگتھ راچھ کرٕنۍ۔ مہجوٗر چھُ ونان۔

دیاں چھِو باگراوِو کٔلی تہٕ پوشہٕ

بلبُلو گلزار چھاوِو یانہٕ واٰنۍ

آزاد چھُ یہے کتھ کھلاوِتھ ونان۔

نہٕ منٛز کعبس نہٕ بتخانس چھُ آزاد

یتھس مردِ مُسلمانس مُبارکھ

جاپان تہٕ چیٖن کٔمۍ سٕنٛد مکہٕ تہٕ مدیٖن کٔمۍ سٕنٛد

حُبِ وطن :۔ مجبوٗر زمیٖن کٔمۍ سٕنٛد ہا آسمانہٕ والے

پننس ناوس وطنس تہٕ ملکس لول تہٕ ماے بڑنگ پاپہ بوڈ جذبہٕ چھُ فطری۔ دُنیاہٕکۍ وطن مانن تسلیم مگر پننین فطری حدبندین منز روزن ہٕنہٕ پننہٕ زمیٖنہٕ جایہ لول بَرُن چھُ انسانہٕ سٕندِ تہٕنذِ سیچ کٔنہٕ گٔژھ۔ ناگہ پوکھر، دریاو ویٚروارٕ، یارِ وَن، کوہ تہٕ بال، پوشہٕ مرگہ، باغ، سبزا سبز ماًدان، ہوا، روُد، شیٖن، جاناوارن ہُند لول بوش، غرض کاًہتن آکارن تہٕ وطنہٕ کین نوبہٕ ویٖتن انہاکن ہندی ناد ہمو۔ تحریکِ آزادی دیُت مہجوٗرس تہٕ آزادس اتھی فطری جذبس وُتُش تہٕ تموٗ گیوٗ پننہٕ وطنکۍ گیت تہٕ گوٗن۔ منظر نگاری ہندی پیکر تہٕ گرِ کھہ۔ مہجوٗرن دِژ کشیرِ ہندِس فطری حُسنس وُنی تہٕ وکھنو زان :۔

اَندی اَندی سفید سنگر     دیوارہٕ سنگِ مرمر
منز باگ سبزِ گوہر     گُلشن وطن چھُ سونے
وِرکینیو تہٕ ٹھکہ بٕہٕڑنے     شُلہٕ آے جاے رَہٕڑنے
لگۍ نوری جامہٕ ژَہٕڑنے     گُلشن وطن چھُ سونے

آزاد کیٛتھ روزنہٕ ہے یتھ شُتہٕ لوٗگ مہٕ کھتس ییمہٕ اندازہٕ مالہٕ کران،

کیتھ سرحدس چھِ ییتھی گوش کیتھ وارِ منز چھِ ییتھی پوش
پھلی پھلی یوان دوان جوش بُری بُری مین مبارکھ
دِدہٕ لہٕ بنیہٕ شہلی کلمن تل زَن آینس ژٕلی مَسل
ڈلیشتھ یہ فرشِ مخمل دِل کیشا یتھٕ لن مبارکھ

"پان زادنہٕ"، "وچھ" آہرول، شیٖنہٕ ماۄنز، ورٕچ یار، بہار، بیترٕ نظمہ
پیٚرِتھ چھُ حُسنِ فطرت اُچھن دیدمان نژرنہٕ لگان تہٕ سیتی سٕہ لول تہٕ کیٚنژن
آزادس لوٚدھ اوس تہٕ ہیمیچ باوتھ تمی یمن ژھایہ رٕنزِتھ چھے کرٕمژٕ.

کاشُر زبانۍ ہنٕز ترقی تہٕ اتکہ وقارہٕ خاطرٕ کوٚڈ مہجورن ۱۹۴۰ہس کینٚت
ہفتہٕ وار اخبار "گاش". یہٕ زانِتھ زامہ بااثر تہٕ زوٚردار وسیلہ ورأے
ہیکِنہٕ کاہنہ تہٕ زبان برٕونٛہ پکِتھ. امہٕ اخبارُک ایڈیٹر اوس محمد امین ابنِ
مہجور (وفات ۱۹۸۰ء).

مہجور چھُ پننہِ کاشُر شاعری ہُنٛہ وُسلابہٕ "پیاپیا کنی" مثنوی (۱۹۱۱ء)
لیکھتھ کران. ........ آزادنہِ تہٕ چھُ مہجورنی روایژ لٲرتھ رٕنزِتھ بہٕ
مثنوی "قمرالزمان" تہٕ "چندر بدن" لیکھتھ اتھ ہمس پوشنے کران.

مہجور اوس محقق تہٕ تہٕ تاریخ شناس تہٕ. تس اُس کشیر ہندس
تواریخس پیٹھ تہٕ پوٚر پوٚر نظر تہٕ کاشرس ادبس تہٕ شاعری پیٹھ تہٕ پوٚر دسگاہ.
آزادن پکہٕ ناوٕ مہجورنی تحقیق تہٕ تنقیدیچ کام کاشرٕ ہن شاعرن ہُند
گوڈنیک تذکرہ لیکھتھ برونٛہ. یہٕ چھُ تمی سُند لوٚڈ بابہ کارنامہ یُس ترٛین
جلدن منٛز کلچرل اکادمی وُنیک تام دوٚہ یہٕ لٹہٕ چھاپ کوٚر. اتھ ہکن
واریاہ کوتاہیہ اسِتھ. مگر اَمیُک بنیادی اہمیژ ہکو نہٕ انکار کرِتھ.

مہجور چھُ کاشُر زبانۍ ہندِ سُہ گوڈنیک بختہٕ لوٚڈ شاعر یُس متعلق اردو
تہٕ کاشرِ دوشوٚنی زبانن منٛز فیچر فلم بناونہٕ آیہٕ. امہٕ فلمہ ہُند کاشُر روپ
سپُد ۱۹۷۲ لیہ منٛز ریلیز. فلمساز پہٕ بہات مگر جیس دِلی بہ ریاستی سرکارن

اَمہ بإپتھ اَکھ لَچھ روپیہِ۔ بلراج ساہنین کوٚر اَتھ منٛز خاص رول ادا۔

وُچھوٚ تہٕ پرٛتھ کانٛسہِ انسانہٕ سُند دُنیا چھُ بیون بیون تہٕ بدون۔ شاعر تہٕ فنکار چھِ آسان پننین تخلیقی تجربن منٛز تنہا۔ اوے کِنہ اگر تِمن شکایتھ آسہٕ زِ تِمن چھُنہٕ قدر دانی سپدان بجا چھُ تہٕ اگر شہ ونہٕ ہے بے یوت چھُس شاعر تہٕ مےٚ ہیوٚہ کُنہ بناکھ شوٚ ہس نہٕ کیانٛزِ تمی سُند باطن چھُ خارجی دُنیا ہہ لِتہٕ وکھرتہٕ تس چھُ باوُژبل مُشکل اَندازان۔ شاعر لوکہ پایک اُسی تن یا بڑٕ پایک تِمن سپدھنے ہمیشہ یہ شکایتھ روٚزمژ زِ سہ پرٛزنوو نہٕ پننہٕ زمانن تمہ انداز یتھ کُنی تسندس فنس داد دِنہٕ شوٚ ہہے۔ مہجورس سپُد پننہِ حیاتی منٛزے قبولِ عام حاصِل۔ آزاد روٚد تمہ لِتہٕ محروٗمے۔ مہجورن ہن باتن ہندی گراما فون رِکارڈ آیہ بناونہٕ۔ یوکِنی مہجورس ستی یتی تسند کُہمت تکلو کار محمود شہری شہر گام نامی سپُد۔ اَتھ منٛز چھُ مہجورن جہاندیدہ وارِثن خاصکر یتھ محمد امین ابنِ مہجورُن رول سٹھاہ اہم چھُ۔ آزادس سپُد نہٕ پننس بنیتھر غلام نبی عارفس وراے بیٚنہِ کانہہ وارثِ نصیب۔ سُتہ اوس شاعر۔ تس اُسی نہٕ تِم ژھل تہٕ ول ویٚندی یو ستی سہ آزادن ناو نیچھ ناوِتھ پایہٕ تہٕ واریاہ لاب تلتھ ہیکِہ ہے۔ خارا ڈلوو وُچھو دہ شوٚے کالہ پانٛچ کم دُعوا چھِہ پانٛس تہٕ پننہِ شاعری متلق کران۔ میون کیہنہ اَمہِ ہریمانہٕ وَنُن چھُ بے جا سہ

مہجور:۔

مہجورِ سُلہ کوٚ اَکھ ذرا تہٕ یری یژ ہے یور
دلوٚ ژیتہٕ پینہے کو نگہ پوشکہ پانٛژی خریدار

میانہٕ کتھہٕ مہجوٗرٕ چاوان عارفن آبِ حیات

مانہٕ ہوٚنہٕ درویشِ کامِل آسہٕ ہیکھنے حلقہٕ دار

ترادِ شیلہِ مہجوٗرٕ باغ چھپاوُن — اَدٕ وَنہٕ آروِل مسوٗلہِ کُن

راز دار نازہٕ بردار کوٗتے گونم — دِل قرار لوٗٹھ مدنوارٕ کوٗتے گونم

مہجوٗر کانسہٕ نہٕ ندٕ نگُھ نہٕ وُنِستام — یِم زانہٕ نے یَم وُنہٕ چھےٚ زنہٕ بوزِ کانہٕ زاہ

مہجوٗرٕ چھےٚ نہ رِندٕ نہٕ مدہوش نہٕ ساقی — کتھہٕ چیانہٕ لوٗزِتھ عالماہ دلوانہٕ نیتھہٕ گو

تتہٕ چھیا گوہ نمائتھ صبحس وَنان راتھ ار گُھلس وَنان دلِو دار

تتہٕ چھیا مہجوٗرٕ تنہا ہتھہٕ دوٗرکو کرن چھکان موکھتہٕ ہار

پٔتھو مہجوٗر قائم شان خودداری زمانس منز

یوٗہے جوہر چھےٚ از نایاب ساہن شاعرن اندر

عبدالاحد آزاد:-

شوقہٕ سان مانِتھ لولہِ فرمانَ — آزاد آو غزل خوانن منز

زانہٕ دِلہٕ پانے مانہٕ اکھ نزانَ — روشہِ بیوٗٹھ پوشہِ ڈالان منز

اَسے تہٕ آزادس یِتھ بران آسو — شہ یران سانس وطنس ماے

تُہند چھےٚ کانہہ نیران لچھو منز ساسو — پانہٕ وآلِ کاسو بینی نیاے

چھےٚ آزادنی غزل یِتھ کانسِ کتیِ پیغام آزادی

چھےٚ کُنہ کُنہ جایہِ روزان فرق وَنہٕ نس بوزنس اندر

- - - - - - -

سِمبر کے تاثیرٕ زَن تقریرِ آزادٕن کران

درد چھا خون جگرٕ چھا شعر چھا الہام چھا

اَنان مالہ کرٕ کرٕی چھےٚ آزاد ڈالے

جواہر موٚلی تہ آری تہ آری نِنگارو

عالم ہاکرِ یاد آزاد آزاد

دوہہ اکِہ دُچھتہ یاد پادٕ ے ہامدنو

وارٕ دُچھ اُچھین زہرٕ تہٕ نیرے

مرنکُ چھُنہٕ آزادس[1] ڈر

موکھتہ چھُنہٕ شبنم پھٹہٕ اکِہ نیرے

پئیر شمشیرٕ گِنہ ناہ کر

پئیر تہ چھُپی نِہ اکی دورکہن یمن پایہ بڈٕ ہن کاشرٕ ہن شاعرن ہنز شاعری روز رنگہٕ رنگہ ساہن دُدی متین دِلن شبنمی شملتھ نختان۔

---

[1] آزادس اوس گوڈٕ جانباز لکھنٕت ورتاوان۔ اَمِہ تبدیلی ہُند اشارٕ چھُ ستہ ینس تاثیرٕ اکِہ نندِس سندِس مرثیس پیٹھ دِنہٕ مٕژ مرثی منز ییتہ کٕنی کران ے

تژ اُسی منزی جانباز ژھالہ لوٗانی

حالِ ہندی پاٹھی نیٔو لانی ییے

آزاد وٚ ن لس شاہِ ہمدانی

ییہ ناچھم مہربانی ییے

## کِتابیات


۱۔ کشمیری زبان اور شاعری (تریئے جلد) عبدالاحد آزاد۔ مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی جموں و کشمیر

۲۔ کُلیاتِ مہجور۔ ترتیب محمد یوسف ٹینگ مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی

۳۔ شیرازہ اُردو (مہجور نمبر) مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی

۴۔ کُلیاتِ آزاد۔ ترتیب ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو۔ مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی

۵۔ شیرازہ مثنوی نمبر۔ مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی

۶۔ کُلیاتِ رسول میر۔ ترتیب محمد یوسف ٹینگ۔ مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی۔

۷۔ ماہنامہ تعمیر۔ مہجور نمبر (جدید و قدیم) و آزاد نمبر (قدیم) مطبوعہ محکمہِ اطلاعات جموں و کشمیر

۸۔ باوتھ تہٕ عالم متھ۔ سید رسول پونپُر۔ ۱۹۸۴ء

۹۔ ہمارا ادب ۱۹۸۴-۸۵ء (شخصیات نمبر) مضمون عبدالاحد آزاد۔ موتی لال ساقی۔ مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی

۱۰۔ پَرتَو (مہجور تہٕ آزاد نمبر) مطبوعہ دائرہ ادب۔ دلنہ بارہمولہ کشمیر۔

۱۱۔ ہمارا ادب (شخصیات نمبر) مطبوعہ کلچرل اکیڈیمی۔

# دیناناتھ نادم

بُلند قَد، گیٹوم اہٕر، ڈوٗکٕر ڈوٗگر، بوٗرٕت بوٗرٕت بُتھ، اَتہٕ تہٕ نچہٕ نچہٕ
تٕرٕتٕہ وُنہٕ اَچھ، یِمَن منز باگ تھوٚد لَستہٕ خنجر، تِتھہٕ ڈکھہٕ کَنٛلہٕ ٹھُٹھ آیہٕ خشخاش
گوٗنٹرٕتھ، کَنہٕ کَنہٕ میٖل کرِتھ تلواری بَمہٕ، کُتّاد ڈیکہٕ، یِتھ کُن کنگو کُرِتھ بانہٕ کرِتھ
گرٛدنہٕ یوٚن تام زٕلیوٚٹھ مَس، یٕتھ وِزِ کیٛتھ تام نہٕ گُنہٕ نَتہٕ کُنہٕ سوٗچِس منز گٔم
وٕرِی یہِ کُس زیاد کالس بند گلہٕ کوٹھ تہٕ پتلوٗن لاگِتھ رٕٹتہٕ کالہِ قمیض تہٕ
پتلوٗن زیب تَن کرِتھ، وُہ گُنہٕ کار، دُنیا و مافیہا تہٕ یار آو، لیہہ لادٕلتہٕ زنتہٕ
بے نیاز دِچھنہٕ تزاہ یکہٕ دان، کم کاسہٕ اَسہٕ وُنہٕ ہو نچہٕ پوٚلر جسم گوٚی سون کاشُر
زبانی ہُند جود نگار، بے مِثال اَچھر سوٗنٛین ہُند سوداگار، گرزٕ دُن پٕرٕ اَسرارٕ
شاعر دیناناتھ نادمِ یُس مُنزی مُنٛزی خبر کیاز دینہٕ کول نادنہٕ لیکھان اوس۔
تہٕ سحر مشرقی قلمی نادٕ تہٕ۔

لوٚتہٕ وۄن شمیم صاحبن زٕ نادم چھُ شہنشاہِ آلٕتھ۔ آلتہٕ تہٕ کاہلے
تباہی چھنے روہ رکانہٕ تلے نٔز نیران۔ شیودار بُتہٕ مَل دار قمیضہِ کالرہٕ زٕچھوٚٹ نم

تہٕ مَل دار کھوٚر ۔ موٚنڈ بلیڈٕ ہتی ژھٔنِتھ ڈرآیٔ ناٹہٕ کٕنہٕ ۔ پولسن نہٕ زاہ پھتہٕ
تہٕ دیُن ۔ سنتوش ہیٚن تاپہٕ کلامہ بوزناوٕنہٕ خاطرٕ سالہٕ نیُن تہٕ یتہٕ نہوٚن کٔل دِتھ
دوٚن ؛ وٕہ لہ وہٕ نۍ بوزکھ بیٚیہٕ کُنہٕ دوہ ہہ ۔"[1]

یہٕ بیٚیہٕ کُنہٕ دوہ ہہ پننہٕ شاعری ہنز "سمہ سمہ" گوچھ بر ترٛاوُن وول سیٚد
کینٛژن وٕرین ، دُچھنہٕ پاسہٕ غالبہٕ کس بے پٔرتھ دادِس ستی مقابلہ کران کران
۷ اپریل ۱۹۸۸ء اسہ لِتہٕ ہمیشہ ہمیشہ باپتھ تقریبن ترٛ[43] ستہ وری وانٛسہِ منٛز
جُدا ۔ ییٚتھ پأٹھۍ سیٚد القلابکٕ یہٕ گزنہٕ وُن رنٛی آیہ چھینٛن چھا رُن چھاونہٕ ییٚنہٕ
یتہٕ خاموش ۔ سانہٕ ویٚتھ ہندِ عظمتکٕ تہٕ کأشر کلچرکٕ نغمہ خوان طوطہٕ کلیو وأر وارہٕ
تہٕ وُچھان وُچھان روٗد ۔ تعجب چھُ یہٕ نٕ امِس پایہٕ بٔڈِس شاعر سُنٛد مرٕن
تأریخ چھُنہٕ کأشر شیرازکِس نادِم نمبرس منٛز کُنہٕ تہٕ جایہ وکھرہ تہٕ لغہٕ پأٹھۍ درج
کرنہٕ آمُت تِمی سنٛز کرأنۍ ہانگل ہیٚتھ ۔ وٕہ نۍ چھُ آں جہأنی عبدالستار
رنجورٕ صابن یہٕ عنایت کران لیوکھمُت یہٕ "کأشر تمدنک اوٚد ناو" تہٕ پرٛوٗن یاد
دِنہٕ وول یِمہ دورٕچہ کأشرِ بأنۍ ہنٛد نٔوبہ وُن تہٕ قداوار شاعر دینا ناتھ
نادِم تہٕ گوٚو ۱۳ اپریل ۱۹۸۸ء سعہ رگہ واس "سیلہ نٕ ژٔن پزربی چھُ تہٕ نادِم
صابٔ گوٚو ۷ اپریل ۱۹۸۸ء یِمہ عالمہ ۔ ییٚتھ پأٹھۍ بالہ اسہ یہ اکھ وشیہ
یابیکہٕ ملی آسیتہ مگر ییٚتہٕ ونی نبل کرن نٕ امہ نبہ غلطی باپتھ اسہ کُنہٕ تہٕ زٕنگہ
معاف ۔ کأشر نہٕ بأنۍ ہندی نمتانہٕ غزل گو غلام نبی ناظرن چھُ یِمہ انمانہ
مادٕہ تأریخ گوٚنڈمُت ۔

---

[1] پننہٕ چھینہٕ مأنۍ ہیتی پیغمبر ۔ غلام رسول سنتوش ۔ شیرازہ ۔ نادِم نمبر ۔ کلچرل اکادمی ہس :
[2] چھُ نادِم پایہٕ امہ بردنتہ کُنہ رُتہ ورآیی کیتہ ہیر شیو کران وُچھمُت (لیٚنہٕ)

"آفتابَن تھوٚو لیکھِتھ کیا عجب
ذرٕ اوٚ ناؔدِم ناظرَن ووٚہ ستاد بب"
=۱۹۸۸ء

دینا ناتھ کول ناؔدِم زاد، عبہ کدلہٕ ۱۸ مارچ ۱۹۱۶ء کیٚت پنڈت شنکر کول نہٕ گرِ ماجہ سوٚندرٕ دیدِ ہِندِ ڈمبہ۔ شہ وُہر گوٚو مالیٚ یتیم۔ پیٚتہٕ تیٚتھ کرٕ لوٚو ماجہ سوٚندرٕ دیدِ یمن اکہٕ ندن میٹرک پاس۔ سوٚندرٕ دیدِ ہِندِ مالِنِ کرِ وُن اوسُس ٹیوٚشن تحصیلکہٕ مرٕن گامُک۔ ایس۔ پی۔ کالجہ ہِنٛدِن داخلہ مگر گرِ مالی وسیلہٕ نہٕ آسنہٕ کِنی کوٚرُن کینژن وری ین پرائیویٹ ٹیوٚشن تہٕ پیٚتہٕ سیٚد اَکِس سکوٗلس منز ووٚہ ستاد تہٕ۔ پرُن تھوٚوُن یرٕ اوٚلس لرِ لوٚرٕ جاری لیوٚت تام بی۔ اے۔ کرِ پیٚتہٕ ۱۹۳۶ء کیٚت بی۔ ٹی تہٕ پنجاب یونیورسٹی لاہورٕ پیٹھہٕ پاس کوٚرُن۔[1] ناؔدِم صاب چھُ پانہٕ پننہٕ ابتدائی تعلیمہ مُتعلق موتی لال ساقی صابس ستیٚ اَکِس مُلاقاتس منز یتہٕ کِنی باوتھ کران "مےٚ چھُ گوڈٕ بابا پوٚرٕ سکوٗلہٕ پوٚرمُت۔ اَمہٕ پیٚتہٕ گوس باغِ دلاور خانِکس سٹیٹ سکوٗلس منز داخل۔ تَتہٕ کوٚرُم ۱۹۲۹ء منز میٹرک پاس تہٕ گوس ایس۔ پی۔ کالج پرنہٕ۔ ۱۹۳۱ء تام اوسُس اَتہٕ پران۔ اَمہٕ پیٚتہٕ پیوٚم گرٕ کیوٚ مُشکلاتو کِنی پرُن اَڈٕ وِی ترٲوُن۔ ۱۹۳۴ء یس منز ترٲوِم سِتیٚ اکادمی ناوی اَکہٕ تعلیمی ادارٕ پرِژ بنیاد۔ ۱۹۳۶ء یس منز سیٚدُس نیوٗ ایرا (NEW ERA) سکوٗلکس سٹافس ستیٚ شامِل۔ مگر کینژن کالی ڈرٲس اَمہٕ سکوٗلہٕ نِشہٕ الگ ...... اَمہٕ پیٚتہٕ گیہِ نیوٗ ایرا اسکوٗلس نہٕ ڈری کوٚر خالصہ سکوٗل قایم تہٕ

---

[1] شیرازہ۔ ناؔدِم نمبر ۱۹۹۰ء ...... ناؔدِم اَکھ اہم ادبی شخصیت۔ بھوشن لال کول۔ ص ۲۹۰۔

بی ڈری ہنوو۔ ڈی۔ اے۔ وی سکول۔ تعلیم اَڈ وتی ترأوِتھ اوس میون وأحد گُزارٕ پرائیویٹ ٹیوشن کرنَس پیٹھ چلان۔ ۱۹۴۰ ہس منز کوٚرُم ہندو ہائی سکوٗل قایِم تہٕ اَمی سکولہٕ ذریٖعہٕ کوٚرُم ۱۹۴۰ ہس منز ڈِگری ہُند امتحان تہٕ ۱۹۴۳ ہس منز بی۔ ٹی۔ پاس۔ ۵۱

۱۹۵۷ پیٹھہ ۱۹۶۳ تام کٔرُ نادِم صأبَن ریاستی فنونِ سازٕ کونسلس منز ہندوستانٕ دَین ہنزٕ نمایندگی۔ تمِ پتہٕ آیہٕ ڈایریکٹر سوشل ایجوکیشن مقرر کرنہٕ۔ یِتھ دوران تُمی سٕنزِ نگرانی منز مُتلقہٕ محکمُک اخبار "گاش" تہٕ کینژَن کالَن ماہوار چھپان روٗد۔ یِلہِ مرحوم غلام محمد صادق (۱۹۶۴-۷۱ء) ریاستُک وزیرِ اعلیٰ اوس۔ کلچرل کانگریس کِس کأنسِس رسالہ "کوہِ نگ پوش" کِس ادارس ستی تہٕ روٗد ۱۹۴۹ تا ۱۹۵۲ شأمِل۔ لل دید ہائر سیکنڈری سکولُک پرنسپل روٗد تقریبن سو رگہٕ واس گژھنس تام۔ ۱۹۵۳ ہس منز اُکِس خیر سگالی وفدس ستی کوٚرُن چینک دورٕ یُتِکِس ڈالہِ پتھی حاصِل کٔرِ متِس تجربس ۱۹۶۲ ہکِس بھارت۔ چین لڑایہ دوران لال چوکس منز تربچہ کرہن۔ ۱۹۷۱ ہکیث توٚرُس سوویت لینڈ نہرو اوارڈ تہٕ کوٚرُن روٗسُک دورٕ تہٕ۔ ۱۹۸۷ ہمنز کوٚرُن یِنَنہِ چھاپہٕ شُر وأحد کتابہِ "شہلی کُل" باپتھ ساہتیہ اکادمی اوارڈ حأصِل۔ ۵۲ نادِم نِن لیکھِمتین اوپیراہَن (OPERA) منز چھ "یہٕ زیٖنِن تسٕنزے" یُمی کمأو کھیتی ۵۳ بوٚمبِرُ تہٕ یمبرزل

۵۱ کونماتس موٗنگ مشرکرِ کیاہ۔ مطبوعہ: نادم نمبر۔ شیرازہ۔ کلچرل اکادمی ص ۷۰-۶۹
۵۲ کلہَن اوارڈ اس ۱۹۸۵ ہلیس منز پیش کرنہٕ۔
۵۳ راشٹریہ بھاشا پرچار سمتی سرینگر کِ طرفہٕ تہٕ کِتابٕ اَکھ ہنٔدن گرِ نتھ عطا سپہ مت۔

"شہلی کُل"، "مدُن تہٕ نزوٗل مال" تہٕ "وتھسا" اَمہٕ علاوٕ لیوٗکھن نور محمد روشن صابَس ستی باآج وَتھ کرِتھ "ہی مال ناآگ راے" "لیُس سانگ اینڈ ڈراما ڈویژن کہ ذریعہ، ساونڈ اینڈ لائٹ تکنیک ورتاوِتھ ہاآری پیٚتھ بہادُرنہٕ آیوو۔ "بوٗمبر یمبرزل" اوپیرا اَہس گوو روٗسی ترجمہ تہٕ شریف رشیدوفن لیوٗکھ اَمہِ اوپیراچہ بنیادِ پیٹھ بیاکھ اوپیرا یتھ نروون پننِس کھالس۔ تتھ اوپیرا اَہس کوٚر پتہٕ ڈاکٹر قمر رئیسَن ہندی ترجمہ ۔ ۵

عبدالستار رنجوٗر چھُ پننِس مضموٗنس منز اَمہِ اوپیرا ہُک ذکر کران لیکھان زِ "نادِمن لیوٗکھ وارِیاہ ہوٗ غنایی علاوٕ "بوٗمبرتہٕ یمبرزل" ہیوٚہ نامی اوپیرا، یُس سیٹھ زِیادٕ پیٚتھ وارِیاہ داد تہٕ دِنہٕ آو۔

......یُس مے تاشقندکِس علی شیرنوائی تھیٹرس منز تہٕ وُچھ، ییٚتھ مُتلِق زراپہِ چھےٚ اَکھ پیٚتھ زِ یہِ اوپیرا چھُ اصلی اُزبک زبانہِ ہندی ناموراَدیب شرف رشیدوفن تخلیق کوٚرمُت تہٕ سُے کاشُر وِیتہٕ نادِمن۔ بیاکھ راے چھےٚ زِ نادِمے چھُ اَمہِ تخلیقہٕ ہُند گوڈٕ خالِق، یمہِ نِشہِ متاثر سپدِتھ رشیدوفن رٕ پننہِ زبانہِ منز پھیُرتہٕ سُے چھُ وُنی تاشقندکِہ علی شیرنوائی تھیٹر علاوٕ تتہِ کین ہالَن منز تہٕ سیٹھ سپدان۔ خاطرا یہِ کتھ چھےٚ تحقیق طلب۔ یہٕ ہیکہٕ نہٕ وُنہِ اَتھ متلِق کانہہ قطعی راے دِتھ۔ تاہم اگر رشیدوفے امیک گوڈٕ خالِق آسہِ تہٕ تتھ کاشُر روٗپ دِیُن تہٕ چھُ نادِمنُے کارنامہ۔ ۶

---

۵ " " " " " " " " " " " ص ۷۲

۶ دینا ناتھ نادم۔ اکھ عظیم شاعر۔ مطبوعہ۔ شیرازہ۔ نادِم نمبر۔ کلچرل اکادمی ص ۱۶۳-۱۶۴۔

نادِمَن لیکھی کاشرِس منز افسانہٕ تہٕ یِمَن ہُند کُل تعداد ترےٚ چھُ۔ یِم
افسانہٕ چھِہٕ "جوابی کارڈ"، "شیٖنہٕ پِتوپِتوٚ" تہٕ "دَرےٚ"۔ یِم ترٕشوٚے افسانہٕ چھہ
"کونگ پوش" رِسالس منز ۱۹۴۹ء تا ۱۹۵۲ء یَس اوٚرہٕ یور گوڈنچہٕ لَٹہِ چھپیمٕتۍ۔
نادِم چھُ موتی لال ساقی یَس سیٖتۍ مُلاقاتس دوران کاشرِس منز گوڈنیک
افسانہٕ لیکھنس متعلق پرٕچھنہٕ آمتس سوالس جوابَس منز یِتھٕ کٕنۍ وضاحت کران۔

"جوابی کارڈ لیوٗکھ مےٚ ۱۹۴۸ء یَس منز۔ امی وری یہٕ گوٚو آکاش وانی پیٹھٕ
نشر۔ تہٕ "سیلہٕ پھوٗل گاش" لیوٗکھ زِتشی صأبن ۱۹۴۹ء اندر۔ یِم دوشوٚے
افسانہٕ چھپےٚ یہٕ پتہٕ "کونگ پوش" رِسالس منز یکوٹہٕ۔ تِمہٕ کِنۍ یہٕ ما یہٕ
یاد گوٚو۔ [illegible] نادِمنٕ ترٕشوٚے افسانہٕ چھِہ ۱۹۵۹ء یِکوٹہٕ ریاستی کلچرل اکادمی
منز ملرفہٕ چھپیٖن وأنس "شیرازہٕ" رِسالکس نادِم نمبرس منز شأمل۔ "جوابی
کارڈ" افسانک انگریزی ترجمہٕ چھُ جے لال کول صأبن کوٚرمُت یُس
ساہتیہ اکادمی ہِندِس دوٚماہی انگریزی رِسالس انڈین لٹریچرس (IN-
DIAN LITERATURE) منز شایع سپُدمُت چھُ۔

نادِم اوس گوڈٕ گوڈٕ اُردو، ہِندی تہٕ انگریزی شأعری تہٕ کران
تہٕ پتہٕ پیوٚو باضابطہ کاشرِس ۱۹۴۶ء منز بیلہٕ تمی عارف امرزا غلام
حسن بیگ اسابہٕ اہتمامہٕ منعقد کرنہٕ آمتس مشاعرس منز [illegible] یِم
کاشر نظم "مترٕ اوی بٕرنے دار ولیسی، سونت ہےٚ سالہٕ آو" پرٕتھ بلے

---

لہ ایضاً موتی لال ساقی ، ، ، ، ، ، ، ، ، ص ۷۳
ٹلہ سیلہٕ پھوٗل گاش آو جنوری ۱۹۵۰ء اندر لیکھنہٕ تہٕ کونگ پوش ترٕیمہٕ ۲۰۰۶ (اپریل ۱۹۵۰ء) کِس
شمارٕس منز چھپیوو۔ جوابی کارڈس لز یور شیرازہٕ ۵۲۵-۵۱) کاشر افسانہٕ تہٕ داریکھار۔ کامل

انتہا داد حاصِل کوٚر۔ یِمنہٕ گوڈٕ پیٹھ تخلیق کرِتھ نظمہٕ مُتلق چھِہ نادِم "شُہلی گُل"
شعری مجموعہ کِس "آگُر نیب" عنوانس تحت ایکھان زِ میانۍ گوڈنیُک نظم چھپیے
"مأج کشیر".... یُہ سہ مے ۱۹۴۸ منز لیچھیے یہ تہٕ یُہ سہ تمی وٚری یہ الیس۔
پی۔ کالجکس پرتاب میگزنس منز چھپیے یہ۔ ساقی صابس ستی ملاقاتس منز
چھُہ نادِم وکھرے روایتھ کران زِ "میانۍ گوڈنیُک نظم چھُے "مأج کشیر" یہ نظم
لیچھم ۱۹۴۰ ہس منز تہٕ دون قسطن اندر چھپیے یہ پرتاب میگزینس منز۔
اَمہ پتہ لیوکھ ہ مے ۱۹۴۶ ہس تام کینہہ ٹیلہِ مے عارِف صابنس ونِس
پیٹھ دوٚیِم کاشُر نظم "شرا وی برتے دارِ دلیسی" لیچھ۔ عارف صاب اوس
مے تراہ ژھوچ۔ سہ اوس سیٹھا ذہین طالب علم تہٕ ۔ نادِم چھُہ ۱۹۳۱ ہس،
پتہٕ اُردو نظمہٕ "مزدور کا خواب" "مزدور کی موت" تہٕ "میرا کشمیر" نادی لیکھان
تہٕ عوامی جلسن جلوسن منز پران یِمہ بأیتھ ۱۹۳۸ ہس کیٚنژھ جیل
چھِہ پوان۔ زبانی روایژہٕ تہٕ خلاف دستاویزی ثبوت نظرِ تل تھاوِتھ چھُہ
پی صحی باسان زِ "مأج کشیر" چھیے نادِم سنز بہرصورت گوڈنیُک کاشُر تخلیق
یُہ سہ تمی ۱۹۴۰ ہس دوران لیچھ۔ پروفیسر لیٚب تہٕ چھُہ "نادِم ہندی بٲوژتہ
اظہار" مضمونس منز اتھ کتھہِ ڈکھ کران۔ جانہِ روزِ اگر اَمہ نظمہٕ ہندی کینہہ
شعر یتین پران والین تہٕ محفوظ کرن [۵]

زِکتھ زِ نی بھوانی مأج پنِنی

دیمے میٹھی یادنے ماتا نمتے

---

[۵] ایضاً ۔۔۔ ص: ۷۱-۷۰ ۔

ہلم ٹٕری ٹٕری چھِ مہ کھٹکی واوِ مالن

تھواں پھیری پھیری چھِ یم چانٛہن گلالن

وُزان چھےٚ ناگہٕ رادن یونی کوتاہ

سِندن آرن کولن دۄدٕ دوٗدٕ کوتاہ

ژٕرےٚ کُمٕری وون نےٚ تۄژ چھکھ بےٚ کس تہٕ بےٚ بس

ژٕرےٚ کُمٕری وون نےٚ تۄژ چھکھ یژھ یاتہٕ تنگ دس [۵]

امہِ برونٛہہ نہِ اسی ہیمو نادِم لس کاشرس کلامس سام، اُردوٗ کلامک نموٗنہٕ پیش کرُن تہِ روزِ مناسب۔ یتھ یِمہِ کتھِ ہُند جان پاٹھۍ اندازٕ ہیکہِ سپدتھ زِ لفظن ہُندیہِ ڈکھی جل جودوٗ گار ہیکہِ ہے نہٕ ماجہِ زیوٕ وراے پننہٕ تخلیقی جوہر پوٗرٕ پوٗرٕ ہاوِتھ ۔ ۵

کلھن یہاں کی عشمت کے گیت گا چکا ہے

کالی نے اِس چمن میں دیکھی شکنتلا ہے

شہید کی جو موت ہے وہ قوم کی حیات ہے

اِن کے رنگیلے خوُن نے کشمیر زندہ کر دیا

انگارے کانگڑی ہیں ہیں دل کے چراغ روشن

کرُتے کی کھڑکیوں میں دل کے چراغ روشن

جوانوں کی چتائیں جل رہی ہیں آبگینوں میں

بہت سوچا بچارا پر نہ پایا رازِ غم اپنا  جسے ہر گوشے میں ڈھونڈا نہ پایا وہ صنم اپنا

---

۵ شہ ملی کل۔ نادم:۔ ۱۹۸۵ء: ص ۳۱-۳۲

## ناؔدِم

نمائش کی بے رُخی دیکھی لیا اب آسرا دِل کا
یہی مندر ہے میرا اور یہی ہے اب حرم اپنا
امیروں اور غریبوں کی یہ ناہموار بستی ہے
یہاں رہنا ہے ناممکن گھٹا جاتا ہے دم اپنا

یَتھ زمانس منز ناؔدمنی ییٚمۍ شعر، بلکہ یتھ تام ہندی تھٔنہٕ پییہٕ سٕہ اوس ملک گیر سوٚتھرس پیٹھ سیاسی کیو سماجی تبدیلیوں لحاظہٕ سیٹھا اہم تہٕ ادیس منز سماجی مقصدیت تہٕ ترقی پسندیت اُس زورَن پیٹھ۔ کاشرِ لُکو تہٕ اوس پننہٕ سربلندی تہٕ آزادی ہُند مارٕ مۄنُد خواب وُچھن، ہیوٚمت تہٕ اُسہٕ اُچھن مُرنہٕ دِتھ یولِس سوٚنتھ یتھ نیرِتھ نرآلہٕ وان۔ مہجوؔرن تہٕ آزادن اوسُس برونٹھے لول بوٚرمُت۔ تِمو اُسہٕ نہٕ صرف بدلہٕ وِنہٕ وقتکۍ تقاضہٕ پننہٕ شاعری منز ویپراؤ ی متۍ بلکہ اَکھ فنی تہٕ لۄٚتۍ تخلیقی تجربہٕ کٔرِتھ کاشرِ زبانہٕ ہندی لۄٚتۍ سرحد تہٕ بٔڈ کٔڈی متۍ۔ نادمنہٕ شاعری ہُند تنقیدی، تخلیقی تہٕ لِسانی تجزیہٕ کرنس ستۍ یِنٕ اَسہٕ یِمَن دۄن بہلہ پایہٕ کاشرِن شاعرن ہندی شعری تجربہٕ لازمن زیرِ نظر تھاوٕنۍ۔ ناؔدم اوس نہٕ یِہ ناشوق ہیتھ کُنے زوٚن منزل ماندان۔ یہِ اوس اکھ کاروان یَتھ منز عبدالاحد آزادؔ (وفات ۱۹۴۸ء) پیرزادہ غلام احمد مہجوؔر (وفات ۱۹۵۲ء) مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ، عبدالستار رنجوؔرؔ (وفات ۱۹۹۰ء) ہوی بہلہ پایہٕ تِمۍ سندی ہم کال تہٕ شامل اُسۍ، یِمو موضوع تہٕ ہیتہٕ رنگی برونٹھے کاشرِ شاعری تُرکی پھیر اوس کوٚرمُت۔ فنی تہٕ لِسانی روایتہٕ برونہہ یکنا وِتھ اوس یِمو کاشرِ زبانہٕ ہُند شعری

مِزاجَس زمانہٕ کِس بدلہٕ وِنِس ہوالہٕ ہس ستۍ اَچھ میُل کرِ لوو مُت تہٕ کاشُر شاعری
اَتھ اَکِہ اہم سیاسی، تاریخی تہٕ سمٲجی موڑس پیٚٹھ لوٚگ کاشرِ وَتہٕ پُدرا وان تِم
رۄدی رواتین لورنہٕ پابند تہٕ طویل نظمہٕ لیکھنہٕ واتہٕ لوٚو کھ کاشرِ شعرُک ذہنی
تہٕ وجدانی سوتُر فرشہِ پیٹھ عرشس تام۔ مہجورنہٕ نظمہٕ "سنگرمالن ہیو پرکاش
گلالس کُن" آزادی" تہٕ عبدالاحد آزادن، دریاو، ژاو، سُکھ گاٹہٕ جارُک
نوٗر آرِوِل، بہار، نالۂ بدشاہ، شکوہ کشمیر ہشہِ نظمہٕ، عارف صاٮُ۪بنۍ مشہور
نظم "گُنہٕ ہیتھ گُرگوم آلبس سہلالبس دِنہٕ کیا" رنجوٗرن خورد برد ُم موردِ
مالس کرِ ہی وِ یار ہو" چھ ہر لحاظٕ نوٚ زمانچ نقیب۔ یہ اوس اَکھ لرِ پھیرن
یُس ریاستکس لوکو دِین اوس ہیوتمت تہٕ یمیُک پوٚت گژھن کاشرِ شاعری
منز دور دور تام کُن گوو۔ کاشرین شاعرن ہندی اُمی کاروانن یتہِ آزادی
ہندی نغمہٕ گیوی تتہِ کرِ تمو جمہوری نظامکین تہٕ آزادی ہندین دعوادارن
ہنزن بے راہ رۄی ین خلاف علم بغاوت تہِ بلند۔ تمو لاگے تمن پننہِ تخلیقی
ترکتہِ ستۍ شبد پیکرن ہندی پراتر تہٕ تکھ برژ تیر تہٕ یم یُتر پاٹھۍ پننین
نشانن تام واتۍ۔ امہ ستۍ تہٕ سپُد کاشرِس شعرس مالیس اکھ پوشہِ وُن
تہٕ لوٚ بہٕ وُن دُیتھر عطا...... خلاق ذہن تہٕ منفرد اسلوب تھاوَن
وول شاعر نادِم اوس ساری کاشرِ تہٕ عالمی ادبی پوٚت منظرُک ادراک
تھاوان۔ تمۍ تہٕ ہیتر کاشرِ لوکہ لیہ کام تہٕ کرِن نغمہٕ تخلیق۔ بُستہٕ پوٚک پننہِ
وقتہٕ کین ادبی کیو سماجی تقاضن نتیجہِ ناوان۔ ۱۹۴۶ ہس پیٹھہ دوٚیم کاشرِ
نظم تمۍ نشاطِ کِس مُشاعرس منز پرہٕ ہو تین درج کرِنی روزنِ سانین پرن والین

ہندِ باپتھ تہٕ دلچسپ ہ

مٔشراو بَرتے دارِ، وٕلیسی، سونت ہے سالہٕ آو
گُلِ لالہٕ سُنبلَن ستی سیتی کاٹی کالہٕ ہے آو
پھوٚج ٹیکہٕ بٔنۍ سٕند بٔھٕین ماے بَرأنی
تس نِندرِ ہتٕین ژھایہٕ گٔتہٕن آیہٕ جوانی
یُس لالہٕ کٔھٹھ اوس ژٕٹھ جامہٕ سہٕ نوٚن دراو
مٔشراو بَرتے دارِ، وٕلیسی، سونت ہے سالہٕ آو
گوٚلاب ٹھریوٚ خوابہٕ مَنزٕ آب چھُپہٕ چوٚمُت
بےتاب جوٚبَن بُنگرِ نَرہٕن، جوٚلی چھُپہٕ ہرٕلوٚمُت
خمارٕ ہتٕین، پوشہٕ پھتٕین وُچھِتہٕ کوتاہ چاو
مٔشراو بَرتے دارِ، وٕلیسی، سونت ہے سالہٕ آو
تُمی آسہٕ ژٕوٚمٔشر لوٚلہٕ ہتٕین کارٕ پیٹھٕین ستی
یا آسہٕ شوٚنگمُت میانہٕ دِلہٕ کٕین نارٕ تٕین ستی
نَتہٕ کیازِ دوٚشلیومُت چھُپہٕ یالن ژھایہٕ صبحُک واو
مٔشراو بَرتے دارِ وٕلیسی سونت ہے سالہٕ آو

گوڈٕ گوڈٕ یہٕ پٔرِتھ کانٛہہ شاعر چھُ کران، نادِمن تہِ کوٚر روایتی باوژ تہ ہُند انداز ورتاوِتھ لی۔ یہ نظم پٔرِتھ چھِنہٕ یہِ کتھہٕ صاف نٔرِ اکھہٕ منز چھِنہ کانٛہہ تیٚژ نو کتھا مگر یتھین چھِ کُن تخلیقی نٔوِ عطا کرنٕچ کوٚشش چھِپے ٹاکارٕ باسان چھُ شاعرس چھِپے سونتہٕ صبحُک شیٖچھ گوٚر بنتھ نوی سنگر ونزِراونٕچ......

کل تہٕ تس چھُ باوُتھ ہندِ بن نوین پیمانن ہُنٛد تلاش یُتھ سہ انسانی محبتُک مس نوین بانن برٛی برٛی لولہِ وَتہٕ پکمن والین چاوِتھ نوو زوٗ نہ تہٕ بخشہِ ...... انسانی مساواتکی، سماجی انصافکی، عالمی انسانی محبتکی تہٕ کُنہٕ کی نغمہ اَسہِ گیوٚوٕ۔ تِم اَسہِ مجبورن تہٕ آزادن بیترِ نوٚتہٕ وَیہ وِنہ لوک پسند انداز گیوی متہٕ تبدیلی اَس زندگی ہنز عالمی تحریک بنیہ شُریچ رہنمائی سابق سوویت یونین ادس کران۔ عالمی اَمنچ سیاسی پاسداری اَس کرٕ نہٕ۔ پرآنہٕ آسنہٕ تہٕ آسی یم ساری عُنوان نوی۔ نادِم سِ لنتہٕ آسہِ نہٕ وَنہٕ۔ اکھ یہ زُنہٕ روزِ ہے روایتی باوتھ اندازن لور، بیاکھ یہ زُنہٕ ورتاوِ ہے روایتی انداز بیالنس لور رٛوزِتھ تہٕ کانہہ نوو طرزِ ادا۔ تمی کوٚر دوٚیم طریقہ اختیار یُتھ منز تمِس دین عطا کرمژ ماجہ زیو ہنز سحر کار رمز شناسی اَکھ روٚٹ کوٚر تہٕ سہ بنیوو اکھ منفرد اسلوبُک کاشر شاعر...... اتھ کتھِ کُن چھُ نادِم پانہٕ اشارہ کران لیکھان۔

”مےٚ ووت واریاہ کال لفظن تُلہ تراوِتھ نوی نوی نقشہ کران۔ مےٚ چھُ باسان لفظ چھُ صورت تہٕ صداہ تہٕ خیالن ہُنٛد سوٚن ووگُن تہٕ ......

اَمہِ علاوٕ چھُ لفظ انسانی کلچرچ اَتھ ہینی تواریخ تہٕ۔ یَینہٕ کاشر شاعری ہُنٛد یُتھ کال بدلیوو تھ چھُ ننان زِ شعرچ عظمت چھےٚ نمیُک راوِتھ ہیو چیز زیو ہیٹھ ہیوٚتمت کتھ باتھ ہُنٛد لہجہ، وُہ کھنیہ ہُنٛد موٚد ریرہ تہٕ ٹریجڈی ہُنٛد ضرب کھیتھ انسانی تجربُک سِنز تہٕ۔ یہ عظمت چھےٚ آزاد اَچھل سانہٕ شاعری منز لل دید تہٕ نُنٛد ریشس نیٚو واکھو تہٕ شُرکیو بیہہ صوفیانہ موسیقی تام احاطہ کرِتھ۔ بی داییر ہتھ لیکھی مےٚ حاری تاتھ تہٕ زتنہٕ تہٕ یتہ سوٚترتہٕ ووہٕ جاپانی ہایکو طرزِ کی

ژھوٗتہٕ آیہ واکھ۔ کاشُر ادب ۱۹۷۶ء)

لولہ کیو مدہ ماتی نغمو برعکس چھُ نادِم پننہِ شاعری ہُند برجستہ وسیلہ جنگی ترانوٕ سیتی کران تہ کیازِ وقتُک تقاضہ اوس یی تہ امہ نہٕ سونچُن اوس کُفر لوان مانُنہ........ مثلاً ـ

وۄتھو چھُم

وۄتھو چھُم جنگُک سامانہٕ لاگِتھ

کرُن گھتھ گرس پتھ مے پروانہٕ لاگِتھ

تہٕ دیوانہٕ لاگِتھ

پنُن خون دِتھ چھُم وطن شولہ ناوُن

مے چھُم تازٕ یاوُن

مے چھُم تازٕ یاوُن، مے چھُم تازٕ یاوُن

(نعرۂ شباب ۱۹۴۷ء)

تہٕ چھُکھ کُشیرِ ہُند جوان

تلُن چھُے آلکُ نشان

ژٕ گنڈ کمر تہٕ تُل کمند

ستارٕ سون کر بلند

کُشیرِ ہنز ژٕ شان بن

ژٕ میر کاروان بن

ے گوہ نمائس سونک شر کریا۔ موتی لال ساقی۔ مطبوعہ کلچرل اکادمی۔ شیرازہ نادِم نمبر ص۔۶۳

## کٲشرِ پاسبان بن

(نعرۂ انقلاب ۱۹۴۷ء)

ژےٚ باپہٕ پننہٕ کیا وَنے

ژےٚ گژھاو کرنہٕ وارِ باہ    ونہٕ ژےٚ کلہٕ تہٕ چھی سیٹھا

مگر مےٚ ہُژ تیہٕ تعجب ہ

ژےٚ دلہٕ پنہٕ چھےٚ یہ کینہہ پسند    ژھینی ژےٚ پرٲنؠ فاد بند

غلامی ہندی فریب فند    تُمتھ پہٕ سُرتہٕ گوے بلند

ژےٚ دلہٕ پنہٕ اوے کینہہ پسند

(گژھاو ۱۹۴۷ء)

یتھ جایہ کُنے آسہٕ دلن شوق کُنی تراے

کُن جوش کُنے ہوش، کُنی ماے کُنی راے

تتھ جایہ چھُم نواوہٕ کے اَستان بناوُن

مےٚ چھےٚ ہیوند تہٕ مسلمان بنیہٕ انسان بناوُن

ملہٕ ژارہٕ ستی دُنیاہ مےٚ چھُم یکسان بناوُن

(کٲشیر ہند دعوی ۱۹۴۷ء)

سہ وِزِ سیلہِ میوِن غاژتھ سینہٕ دآرتھ نیرِ ملوفالس

پُھٹن دند ہرد وٲوس زرد رنگ گژھ کالہٕ اَسمانس

گژھن گگراے دم پھٹی تہٕ پھٹہٕ زردار شیٖطانس

ترٹن شاہ لوسہٕ نبہٕ گژی کوٚل گژھتھ بیہہ دوٗر واٚرانس

(سۄونٛتہٕ)

ہ شاد چھُس کرٛان وطن آزاد چھُم آزاد چھُم
کٔھیٚتھ کُس کڈِتھ کرٛان چمن آباد چھُم آباد چھُم
وُدٕن بِرُون پیٚتِم تہِ دارِ یاد چھُم مے یاد چھُم
نوٚوُے مے جوش چھُم نوٚوُے یِراد چھُم مُراد چھُم
وُشُن وُشُن، وُوزُل وُوزُل، وُوزُل وُوزُل، وُشُن وُشُن

(یِراد)

دٕپن پوٗری کنی گاش لوٗگ باشہِ کرٕنے
سیاہ بخت پے موعتہٕ دامانہٕ جرٕنے
اما آو پچھرٕن یہ مایر مُترٕنے
بس پیٹھ کھسن چھُم ستارن پٮ۪ٹھ زٕھُن چھُم
پیٚٹھے بانہٕ کین نو بہارن پٮ۪ٹھ زٕھُن چھُم
(پٮ۪ٹھ زٕھُن چھُم ۱۹۴۹ء)

دٕہ تھی بارٕ غچ لکُی لی کوٗ کوٗ کرِی جل تہٕ قمری منہٕ ناوٕنے
وُچھی سونتہٕ کہِ واوک ہو ہو آمُت باغہٕ بیرٕ وُزہٕ ناوٕنے
گاہ لوٗگ کنہٕ ستی مُتی کرٕنے
شبنم لوٗگ باغس پھوٗتی برٕنے
مے چھہ باسان شاید اَو برس تَل وُزمل لٕچمس ہٕراوٕنے
دٕہ تھی بارٕ غچ لکُی لی...... (سونتھ تہٕ ہرد ۱۹۵۰ء)

مےٚ چھَم آتش پٮ۪ہ
لیگاہ شولہِ دنیا

دہ ہَس گاش ہُرِ گُل تہٕ گلزارہ پیٚزٕ زلَن
زٕمینَس سَرٕ لگہِ تہٕ سبزار پیٚزٕ زلَن
وَچھَس منز ہُمَس لولہٕ ہموار پیٚزٕ زلَن
(لیگاہ شولہِ دُنیا)

بہٕ گوٚو نہٕ از
گلُن تہٕ بُلبُلَن نہٕ سوٚمبلَن تہٕ مَسوٚلَن
ہُنڈُے خمارٕ ہوٚت

تہٕ مارٕ موٚت
موٚدُر موٚدُر تہٕ نِندرِ ہوٚت
سُہ نغمہٕ کانہہ
بہٕ گوٚو نہٕ اَز سُہ نغمہٕ کانہہ
تہِ کیازِ اَز - تہِ کیازِ اَز
غُبارِ گردِ جنگمی کھٹن چھِے رنگ مسولَن
تہٕ دٕ ہسی بُشنگہٕ جنگہٕ کی ژٹن چھِہ چوٚنٛڈ بلبُلن
(بہٕ گوٚو نہٕ اَز ۱۹۵۰ء)

مےٚ چھَم کامٕ چھَم کامٕ چھَم کامٕ باقے
مےٚ چھَم وارِیاہ کامٕ باقے

باقے

سبھاہ کام رٕژ کام روزِتھ گمژ کام

واقعی

مے چھم کام باقے ............ (۱۹۵۰ء)

تازٕ تازٕ مے اُڈے ڈلے ہے

ہے ووٕ لے ہے ووٕ لے، ہے ووٕ لے ہے

پھُلیہِ وانگن تٕہ پارِم آلے ہے

ہے ووٕ لے ہے ووٕ لے، ہے ووٕ لے ہے

مرژٕ وانگن تٕہ وانگن چھِہ بیوٚن بیوٚن

مس ملرٕ ہوی رُوانگن چھِہ بیوٚن بیوٚن

نادِ منز چھی کران ٹھولِ ٹھولے ہے

ہے ووٕ لے ہے ووٕ لے ہے ووٕ لے ہے

(ڈل ہانزنٕ ہُند وژُن ۱۹۵۲ء)

نادِمُن ظہور چھُ آزادی ہندِس ظہورس ستی سیدان۔ کاشرِن ہنز آزادی ہُند خواب کتھ حدس تام شولیوٚوشہ چھُ اکھ الگ کتھ مگر اکھ کتھ پیٹھ چھِنہٕ زرایہ زِ ۱۹۴۷ءہس منز اوس تمن ایہ خیتہ یقین زِ تمو چھُ غلامی ہندِس ووٕلہٕ پورس اکھ دِتھ آزادی ہُند نبہٕ دوٚند یژ زلوومت [1] نعرہُ شباب، نعرہُ انقلاب، گژاو، کشیرِ ہُند دعوی، سوونزِ یراد

[1] سرنامہ۔ شیھلِ کل:۔ محمد یوسف ٹینگ۔ ص: ۸

پژرِتھن چھِم، سونتھ تہٕ ہرُد، مےٚ چھِم آتش پکھیہ، بہٕ گوٚو پہٕ ازمے چھِم کامِ باقی
بیترِیمن نظمن ہندی اقتباس مےٚ یمہِ بروٚنہہ درج کرِی، آسی شہر گامہٕ
گوٚو پہٕ لیوان تہٕ مشہور فنکار تہٕ موسیقار یمن منز عبدالغنی نمتہ ہالی، پیر
حبیب اللّٰہ زینہ پورہ، پیر غلام رسول نکیہ نلورہ، آسی للوی للوِیمہِ سارِی
باٚتھ سازس کمارن عوامکس من رنزوان یمیتھ لوکن ہندِ دلن منز
حبِ وطنس ستی ستی انسانی محبت، رواداری، محنت کشن تہٕ عام لوکن
ہند دود دگ للہٕ وُن نیچھ ناد پیہ۔ امہٕ قبیلچ ناٚدم سنز شاعری چھےٚ
ہنگامی آسنہٕ کنی کاشرس ادبس منز تاریخی اہمیت تھوان۔ ۱۹۵۵ ہس
ستی ستی چھہ ناٚدمنس شعر گرتس منز اکھ ناکارہ تبدیلی درینٹھ گژھان۔
۱۹۵۳ ہس منز چھُہ سابق سوویت ڈکٹیٹر سٹالن مران تہٕ تمی ستی اکھ
نوٚو ہوا لواتہِ ڈلنہِ لگان۔ یُس افراط تہٕ تفریط ہنگامی تہٕ خطابیہ شاعری
ہندِ ناور روااوس رد دمت سےٚ ہیوٚتُن ہمن۔ وارہ وارہ پھُھٹ برم۔ سماجی
تہٕ سیاسی ٹلکیلِس گندھتھ روزنکس شعر گرتس لوگ روٚٹ تہٕ اصل
شاعری پنیہ نغنہٕ۔ چکبست، اقبال، تہٕ باقے ترقی پسند شاعرن ہنز
تھپھ ہیترن ڈرینج گرہفنہ تہٕ ناٚدمنس اظہارس سیُدسنر تہٕ غطا تہٕ
اثر تہٕ تہٕ فنی پوختہ گی تہٕ۔ یتھ کنی چھِہ ناٚدمنس پراسرار شریرس منز
پوشیدہ شاعر لوٚن نیرُن ہیوان۔ مثالے ؎

تھوٚد وُژھ، اچھ ٹار لو کھتر، اژھ رژھ ہش

دژایہ نیبر

## ناڈِم

ژُون طرفاتن ژھنڈ آیہ کُڈِتھ بیٖنہِ ژایہِ اندرٕ
مٕہ ییٚہ پھولی وُڈ نِنس کیاہ تام گٲژ تلی
اَسہِ دُچھ اُچھ ٹیٹاہ
پیٚتہٕ اُتھ ددرایاہ

(از نیٚرہ - نظر ۱۹۶۱ء)

کاٹھ دروازٕ پیٹھ کرٕ تام، ڈل ہتھ ہتھ، اِمہِ اپیاہ پیٹھ دستخط "صبحدم" ہشہِ نظمہٕ ماٲنز لوایہِ سِلسِلس منز کیٚنہہ قدم تہٕ نابد تہٕ ٹیٹھ وِہن۔ اکھ میلہٕ گٲژ ییتہٕ منز جنسی عمل تخلیقی اندازٕ باوٕنہٕ چھے آمُت۔ اکھ حسین تہٕ رنیہٕ وُن ابہام لوگ وہ تلنہٕ۔ یہِ وَنُن زامہِ پیٚیہ لاجہِ باقے کاشُر ہو ناڈم نوہم کال شاعرو بلینک ورس (BLANK VERSE) معربی نظمہ لیکھہٕ چھینہٕ صحی تہٕ کیاز رحمان راہی ین، امین کاملن، غلام نبی فراقن بیترآسہٕ پیٚرِ ہِشہٕ نظمہ ۱۹۵۹ءلس بروٚنٹھ تہٕ لیکھمٕژ تہٕ چھپمٕژ تہٕ۔ خاص یہِ کتھ چھےٚ تمہ پتہٕ تہٕ تحقیق طلب۔ حتمی راے قایم کرُن چھینہٕ جان تہٕ وُتاوٕلی چھےٚ نداَمتُک باعث بنتھ ہکان۔ کوٚڈ چھینہٕ یہِ کانہہ ہرٕ کتھ زِ ناڈم یا بیٚیہ کانہہ ناوٕ دار شاعر چھاپی نہٕ پنُن کلام یا پنٕنہِ تخلیقات آخری دمس تام۔ بیٚیہ گٲژ چھہِ ساٲنی شاعرزبانی تہٕ، یالس تہٕ تہٕ ادبی تواریخس تہٕ ددارٕ واتہٕ ناوان تہٕ کیاز گُنہِ تخلیقُک لیکھن یا شایع گژھنہٕ تہٕ ہیکہ بدلنہٕ ییتہٕ یمہ سیٚتی تمہ کِس افادیتس تہٕ اثر پیوٚن لازِم چھُ۔ وقت بدلنس سیٚتی سیٚتی چھُ واریاہ کیٚنہہ کلام غیراہم تہٕ ددارٕ واتہٕ ناوٕ وُن باسان تہٕ ردٕ تہٕ لیوان کرنہٕ۔ اَوے چھُ یہِ اکھ بِزر زِ سیاسی ہنگامی شاعری

چھےٚ متعصب آسنَس ستی بےٚ ہنر تہٕ بے توٗژھ گلہٕ دُن شین ہش آسان یِمہِ ژنتہِ نہٕ ناٲدمنی شاعری مُچھ ہیکہِ اسِتھ۔ نادمس چھُ ۱۹۶۰ اِلیس اَندی پکھی اَمہِ کِنۍ ہُند احساس گنان تہٕ سُہ چھُ یکرنگی رو خصت کرِتھ زندگی ہنزن رنگا رنگی تہٕ تمہِ چِن بیہودگین ہُند پردٕ فاش کران۔ حاآری شاہٕ تہٕ ژھوٹہ گاچہ واکھ چھِ اَمہِ کِنۍ ہُند ناکارٕ ثبوت۔ کیتھ چھِنہٕ نو مگر باوژ ہُند انداز چھُ نوٚوس

آبہ رکھا اکھ ہیرٕ ڈُژھ چکہٕ مکہ
یکہٕ تلی ماہیتھ ووہڈ دِتھ تاج
ڈُلی کھہ وینہِ پیٚ سیر گژھ دُنیا
نیتہِ لوکُن آسہِ میونے راج
اَکہِ دَکہٕ ہیچہِ کھنڈ رُنہِ سنیکہِ شاہس
ژھوژرس پو چھرٕ چھِنہٕ محتاج

•

اَندکُن نیتھہِ اوٚن کُن زوٚن پھر ستاہ
کاوَن نکھہِ ڈُکھہ کاوا لبس
بونہِ اَکس رُنہِ چھُک ینہٕ وُتھرن
شُری کھینہِ اَکہِ کوٚرٕ ٹاواہ لبس
لنگہٕ لنجہ لِیھہ وِتھہ پانس پانس
کاوٕ ینہِ ووٚل ژوٚل واوا لبس

پھٔرستن اَندی ٹیکھٕ وُنٕ دِتھ واراہ
شہ تہٕ بیہِ وَیہِ سُند ناواہ لبس

٭

وُتھی دگہِ تَل رُج بٔرِزٕ لیچاہ اکھ
بُچھ چُھلی چُھلی کھُترڈلہٕ دوٗبٕ باے
وُمرن وانٔسن ہندی مَنہِ کُھتہٕ متہٕ
پاپ تہٕ پوٗنٕ تَس چھَلنَے آے
اوہٕ آوکُس تام کھوٗنتا کوٗڈنس
کترن کینژن لوٗگ بیٚیہِ آے
دوٗہ یہِ دوٗہی سٕنز لوٗنگ لوٗگ منز کوچس
دوٗزخ بیٚیھٕ جنتھ پُری ڈاے

(۱۹۶۲ء)

شَرشَر آبُک زن ژھوٗ یہِ دوٗہ یہِ ہٕش
ڈٕنگ دِتھ وَتہِ ڈوٗلمُت
بے خاوندگُر
ٹھک ٹھپ، ٹھک ٹھپ
گوڈٕ ژوٗنہِ وُچھان
پَتہٕ روٗنہٕ گرژھاں
دیدماں اوس دُنٕ

وُنی گوٚو کوٚت تام

تَس تھامہٕ گوٚمُت راہدارِ یکُن

ژٕ یِتہٕ تھامہٕ چھُکھ گوٚمُت چون خدا

میٚتہٕ تھامہٕ چھُس گوٚمُت اَز مےٚون خدا

شۆنہٕ مانہٕ پیٚر ژھوٚو درجات کرِو سینٛدِ وانہٕ ٹھہر کتھ باکھ کرِو

سینٛدِ وانہٕ ٹھہر (۱۹۶۵ء)

نادِم چھُ موٚلتہٕ تلہٕ نظمہٕ ہُندٕ شاعر۔ یِمہٕ کِنی یِتھ رٕوُدِ قطرس ہانگنہٕ ڈمب لگِتھ دُرداہ بَنِن نصیب چھُ نہٕ تِتھے کِنی چھِنہٕ نادمنی سوٚمبرِ مَنز سارِے شاعری شاہکار۔ دوٚن ہتن ستتن صفن ہندِس "شِہلی کُل" شعری مجموعس منز شامِل اکھ ہتھ اکھ نظمہٕ، ژوداہ غزل تہٕ وژن، ترےٚ سانٹ تہٕ پنداہ حاٚری شاتھ، یِم چھِے یہ کتھ ماننس پَزِ وان زِ نادِم چھُ اَکِہ منفرد اسلوبُک شاعر یُس اختصار شاعری ہند موٚلہ حُسن مانِتھ تہٕ سہ پَرِتھ نظمہٕ منز قایم چھِنہٕ ہیٚوکمُت تھوٚوِتھ، تمہِ باوجود تہٕ چھُ نادمُن لفظ کرُت تہٕ باوژ بِل نِہرل تہٕ جورہٕ رٕوس۔ اگر نہٕ نادِم تہٕ آسِہے تیلہٕ روزِ ہے نہٕ نادِم، نادِ مے۔ تمۍ سُند خاصہٕ لفظ راش نہٕ تمیٖک ورتاو، تمۍ سند شبیہہ کاری تہٕ پیکر سازی چھِے سنٛنی لایق۔ نادمنۍ شاعری پَرِتھ چھُ کاشُر کلچر تہٕ تمدان اَچھرِ اَنس منز اسہٕ تھلہٕ تھلِہ وُچھان تہٕ کشیٖرِ ہُند فطری حُسن چھُ سانِن نظرن بروٚنٹھ کنہٕ ژٕنرِ لگان۔ ادبہٕ تہٕ اِیوِ گُزرایہٕ لگِتھ، وُنلِہ منز ہبہٕ ییتھ تہٕ فریب کھیٚنتھ تہٕ رٕوُد سہ سونتہٕ ہواد آمۍ داماٗنس تھپھ کرِتھ زندگی ہنز سِتھ نیٚچھہٕ ناوان سہٕ

وُڈی اوس ییٚتی گوٗدٕ بالہٕ ترٛہتھ، واوُک ہوٗ ہوٗ
ھیچھہٕ تراوِتھ ترٛوٗل
تنیہ لاوِتھ ترٛوٗل

مَنہٕ ناوِتھ اڑنوٗن سال کرِتھ، واوُک ہوٗ ہوٗ
ٹھوٗس ٹیپاٹیپ مے پیالہٕ برِتھ، یوٗت آو نہٕ کانٛہہ
دَدرائے لِجُم
ویٚتھ ترٛورٕ........ ژٕجم
کتہِ آو سُہ زانٛہہ، برٛ ژاو نہٕ کانٛہہ
ییٚٹ موکھتہٕ سُہ اوسُم مالہٕ کرِتھ
وِزگتھ لے، تھٕر پیٚیے پوشہٕ برِتھ، ترٛ نیوٗ گوٗ گوٗ
وُتہٕ یدرِنہٕ ٹھوٗس چشمہٕ جرِتھ، خوشبوٗ خوشبوٗ
ییٚٹ موکھتہٕ سُہ اوسُم مالہٕ کرِتھ، مَنہٕ موکھتہٕ لواہ
دِلو رُدُشتھ گوٗ
وُتہِ شامہٕ پیوٗ
لوٗتہِ لوٗتہِ ژرٛوٗل اندی کیٚنہہ ماشہٕ مرِتھ، زن سونتہٕ ہوا
کُس تام پوٗک کیٚنہہ تلی ناو پرِتھ خوشبوٗ خوشبوٗ

( نظم "داد" شہلی کُل )

نادمن لوٗکہ لیہ تہٕ تزن ترٛایہ ستی رلہٕ وُن........ خطابیہ، تہٕ
رجبزیہ آہنگ یمہٕ ستی تمی ییٚنہٕ شاعری ہند آغاز کوٗر، رودتس آخرس تام

تِتھے کٔنٛز سیتی یِتھ کٔنٛز مازٕ تہٕ نَم چھِہ تہٕ کیٛاز ژُستہ رٔود وٲنسہ گژھے زمانَس تہٕ جانانس نہٕ گاہے پانس سیتی زندگی ہندِس پُراسرار داستانس منز اکہِ نَتہ بیٚیہ اندازٕ برسرِ پیکار۔ ۵

سأری دوہ میانۍ زَن مہابھارت
سارینٔے راتنٛز چھےٚ رامایَن
نےٚ چھُہ ہماں جِگرس مے کرٛشُن
نہ چھُہ دِل چون زانہہ رام گرٛتھان
اَشہِ کیٚس شدرَس ژھانٛڈِ بہٕ ترٕ ہا
کرٕ ہا ٹھُکٕھ ٹھکھ درشُن چون
تیٚلہِ اوس آوٕ بایتھ لوکچارس
زُ میون لوٗت پائٹھ گام گَرتھان
( ناٲدِم )

# پروفیسر نندلال کول طالبؔ

نہ کاشُر شاعر نہ ادیب، نہ کتھہٕ کُتال نہ چاپلوٗس، نہ پاکھنڈی تہٕ نہ ٹھلبازہ
نہ خوشامد زانان تہٕ نہ چمچہٕ گرٛی، نہ کافی ہاوس گرٛزھان نہ یار، نہ ستہٕ
شہرٕنک سوٚت تہٕ نہ پانَسِکۍ طمأے۔ نہ زٕرہ یہٕ گوٚر تہٕ نہ اَندرٕ ڈلہٕ۔ اَکِس
سیٚدِس سادِس، شریف اِنسانَس مُتعلِق میوٚن گینترٕ ھا اوٚگر تھوٚگرٕ لیکھُن باسہِ
اَزہی کِس وقتس منز عجیبے۔ تہ کیازِ اَزٕ نی قلم تہٕ مَصلحت آمیزٕ روزٕ تخلیقک
کنترٛوٗل بیٛٹھ کنہِ روزِ قاۓِم۔ خاۓ کتھ چھے سورگٕ واسی سنٛز۔

بوٗرٕت بوٗرٕت اسہٕ وُن بنتھ۔ ڈوہ گرٕ ڈوہ گرٕ نَس۔ وٕیچھہٕ وٕنچھہٕ زرٕ
زٕونہِ اَچھہٕ۔ افروٗت بوٗرٕت یارٕان۔ دوہ ڈِصف۔ ہٕٹہِ ننک نائے گنٛدٕ نھ۔
سوٗٹھ لاگتھ۔ گاہے بنہٕ گاہ کوٗٹھ زیب تَن کرٕتھ۔ ڈچھنس اَتھس کیتھ ڈکھٕ وُن
کین۔ سوٚت سوٚت اوٚک پلسے پکنی تراے، نیرٕی کنی رُمہٕ رُمہٕ پریٛڈٕ وُن
اطمنان نہٕ اَندرٕی کنی دوہ ندِ للہٕ ناوُن زندگی ہُندراوَن تیوٗل۔ یہ ہوے
گیوٚو پروفیسر نندلال کول طالبؔ کشمیری یُس یہٕ نہ اکھ سَدا بہار انجمن اوس

تہٕ قدیم و جدیدٕک سنگم تہٕ۔

مےٚ چھُ وارہٕ ژیتس ییلہٕ بہٕ مٔی ۱۹۶۷؁ دوران اکادمی منز لٹریری اسسٹنٹ سندِ کٔرسی پیٹھ ملازم لوگس۔ مےٚ آو اُردو۔ کشمیری فرہنگ شعبس منز کام کرنُک ہدایتھ دنہٕ۔ گوڈنکین کینژن دوہن چھُ انسان وۄپرگرس منز باگنِس پیٹھ مہرنہٕ ہندی پاٹھی راوانے ہیوٚہ۔ کجا یم بزرگ تہٕ کجا بہٕ مانٛز کریل بس نہٕ وۄنہٕ قلم اتھس کیتھ تلُنُک باش نہٕ اوس۔ دعواہ ییکہٕ نہٕ کرِتھ وۄنہٕ تہٕ۔

ہرٕ دۄنھ کنہٕ اوس پروفیسر سری کنٹھ توشخانی چیف ایڈیٹر صاب یس مُتعلق مےٚ "یاد پھٕ نہٕ علاستھ" ناوی مضموٗنس سوٚ مبرٕ نمنز لیوکھمت چھُ۔ بڈٕ لوڈ میز ژیٹھِ مینے منز کمٔرس منزِ ہتھ۔ ڈیچھنہِ کنی اوس پروفیسر نندلال کول، میزس پیٹھ نوٗرالغات تہٕ فیروزاللغات بیترِ ہرٕ دۄنھ ژیٹھ اسہٕ اَسنہٕ، یمنہٕ منز لیکھان روزان۔ کاشر۔ کاشر ڈکشنری سیتی والبتہٕ سٹاف تہٕ اوس بہٕ اتھ وٚن کھووری کنی کامہِ کارس لگان۔ اور یور، اکھ اکس پیٹھ ژیٹھ گارٕنہٕ اُس لفظ ژٕاڑ تہٕ جاری تہٕ لفظ تھٔریے تہٕ۔ تمن دوہن اوس گوڈ گوڈ ڈکشنری پروجیکٹ سٹاف اکادمی ہندِس صدر دفتر لال منڈی کام کران لیُن پیٹھ وارہٕ وارہٕ شہید گنج کسٹوڈین مکانس منز واتناونہٕ آیو و ـــــــ تہٕ پتہٕ بییہٕ پھیرتھ لال منڈی ووت تہٕ اُردو۔ کشمیری تہٕ کاشر ڈکشنری اندواتناوِتھ کاشر تاموٚسُک شعبہ بنیتھ مصروف کار چھُ۔

وارہٕ وارہٕ گوس بہٕ کامہِ کارس اُنزی منزی تہٕ میتہٕ ہیوٗتن ناڈ دِوٕھن۔ چھنادیان تہٕ منز لگی چھنہٕ منز لگی روزان۔ طالب صابنس دفتر پیٹھ نہٕ اوس وقت

اُنٛدِ تھ تہٕ نیبرٕنس نٕہٕ یُن گیوو کاہ بجہ پتہٕ تہٕ نیبرُن گیوو ڈاے ترٛیہ بجہ۔ سُہ
کُس اَنہِ ہے سنٛحہٕ کالہِ تہٕ وَنہٕ ہَس طالب صاب! یہِ مہرا چھِمہٕ جان گژھان۔
طالب صاب! وقتس پیٹھ یِی تو مہرا دفترٕ تہٕ نیبری تو برابر ترٛ دِ بجہ۔ سورُے
وُنی وُنی گٔژھ ہیی۔ طالب صابنِس نیبرٕنس اوس خاص اہتمام تہٕ دفترٕنِس تہٕ
پَنٕنہِ کرُسہِ پیٹھ بِہوُنے گیٔیے یہِ گوڈٕ اَتھ بِل وایہِ۔ ٹھٔنی ٹھٔنی، ٹھٔنی ٹھٔنی۔ یوسفا!
کَتھو چھکھ آسان۔ تُلاگوڈٕ اَنہٕ ترٛیشہِ گلاساہ تہٕ پتہٕ گژھتہٕ ڈاک خانہٕ لفافہ
اَنٕنہِ۔" اُتھی سیتی گیوو باڈیانہٕ تہٕ سُیار لِفافہٕ مترٛاوُن۔ عانٛگھ اَکس طرف
تھوٕنہِ تہٕ دستار اَکس طرف۔ سُیاری تہٕ باڈی یانہٕ پھٔکچھ تہٕ ترٛاَرِتھ ترٛاینہِ
ہینہِ۔ منٛز آسی اُسی نہٕ اَمہِ برکتہٕ نشہِ فاض یاب سپدان۔ دفترٕ تہِ اُسی تن مُفتہِ
کِس چھیہ ساری منٛزٕ چھان۔ منٛزی ٹیلہِ کنہٕ وزِ تو شتمائی صاب اوٕ بیور کِن
نیبرٕ ہے، اَلی اوس منٛزٕ پیوان نہٕ وَنان، تُہ ہیہِ چھوٕ پتاہ، مے چھُو بخشی صابن
رٔٹ یہِ گنٛژھنہٕ پتہٕ نو سرٕ ملازِم لاگن دِ رِ وٕ نمت زِ کاہ باہ بجہ گژھِ دفتر
کھسُن تہٕ دہ یہِ ترٛینہِ بجہِ نیبرُن۔ تُہ ہیہِ چھوٕ نہٕ کرُن کینہٕ مے کیاہ اوچھا۔
میانی ملازمتھ گنٛڈی تن اُوری کلس الو شتمائی صابنہِ کرُسی کُن ہاوِتھ اَگومت
آسو اُوری صاحبس خوش تھوٕنہٕ۔ ڈیوٕس ہے کانٛٹھ جو کرُسی کرِ زِ زور واتھو
نفمیچہ۔ یہٕ تھچھ نے۔ یہِ اوسٕ دہ ہے یتھُے، وِ رٕ ہوال تہٕ کاگی۔ "بخشی صابس
اوس دہ نِ سیاسی لحاظہِ قبرٕ سوسُن تہٕ نیوٕ لبُت، پوزٕ طالب صاب اوس
وُنہِ تہِ بخشی صابنِس حُکمس تابع۔
دہ ہَس اوس اکِشر چھیٹھ لیکھنہٕ ڈاکخانہٕ ترٛاوٕ ناوَن۔ منٛزی اوس

ڈکشنری نہٕ ترُساہ دِوان ۔ الفاظن اوس کوشُر ترجمہٕ کرُن ۔ اصل کتابہِ ہنز سوے تقطیع تہٕ کالم سٕطرٕ تہٕ الفاظ ۔ یُتھ خوش گژھِ ہس تیتھ کاشُر ترجمہٕ ۔ لیکھان اوس وارٕ وارٕ خوشخط مگر اِنگہٕ وِلہٕ رسم الخطٕ ـــــ ٹنزی لوٗدوٗے ونیوس تہٕ یہِ لفظ مہرا گوژھہ یتھہٕ کنی لیکھُن ، تورٕ اوس دَر جواب وَنان ــــ ؟ "YOU TAKE IT VERY SERIOUSLY" تہِ چھوٚ بلہ اَمہ معاملس مُتلق سنجیدٕ لاگان ۔ ہیٚنچھُن چھینہٕ دوہٕ ساٮ۪ بلکہ تہٕ ہےٚ ہیوٚن نوجوانن تہٕ بانکن ہنز کام ۔ اَسہِ کٕنڈس شوٗنٛژھ ہٕندی پینٛز دوہ ۔

کُنہِ وِزِ اوسُس دوہ کھَن وِزِ باہن وِزِ ہکہٕ نیرِتھ ژلان ۔ "اوم" ہری اوم تت ست " ۔ مےٚ دوٗنُس گتہِ بھیر ۔ "کیا مہرا ۔ تہٕ ہنٛزی سارِ ہے تیاگ چھو کورمُت ۔ سہ ماداتھ نہٕ بیہہ ۔ یالَس تام نہٕ روزان تہٕ ۔ تےٚ واپہ زِلوٗ نیران "اوم" سارِ سے احاطہٕ کرِتھ ، بےنادٕ تہٕ نہِ اکار بالا حقیقتھ ۔ اَسہِ کا بہِ پی تن یامتہٕ پی تن ۔

اَمی اگر کُنہِ وِزِ کانہہ تہٕ یتھو گروُن کاںہ اُردوُ شاعرن ہند شعر لطر گژھِہ ہمس تہٕ وَنہ ہے " ہے بوزٕ ساشعر بیخود دہلوی چھُہ وَنان ؎

میں نے پوچھا تھا کہ مشہور دل آزار ہے کون

لے کے انگڑائی کہا کان میں جوبن میرا

تہٕ بہِ اوسُس کُنہِ کُنہِ لوٚپہٕ دستی ترجمہ کرِتھ داد حاصل کران ؎

پرژھوم سَس زناٮ۪ دِلازار کُس گو

کٔڈتھ کا ڈٕ کنہِ ٹلی ووٚنُن میون باوُن

یا داغؔ دہلوی سُندیہ شعر ؎

مانگا جو میں نے بوسہ انگوٹھا دکھا دیا

اتنے بڑے سوال کا یہ مختصر جواب

بوسہٕ مونٛگمس اَکےٚ، تہٕ ہوٚون نہٕ ہوٚکھ

یوٚت بوٚڈ اکھ سوال پیوٚنت جواب

تہٕ کیا ساہ چھہِ تفریحہٕ تہٕ دِل بہلایہِ باپتھ نسخاہ حاصل کران؟

(YOU ARE PAID FOR ENTERTAINMENT) ادا جناب! اَدٕ کیا۔ یہ گوٚو سورُے۔
خدا یہ سُند دِیُن۔ بتہٕ پیٹھ سیشُن۔ بندس تام ہے آسہے۔ ہوٚہس تام
تھوٚہے قادٕ گرِتھ۔ ہا ہا! ہا! ہا! گوٚب اَسُن کھنگالاہ تراوِتھ بدلہٕ ونس
زمانس تہٕ سام ہوان تہٕ منزٕ اوس ینٛنہٕ دوٚکھن تہٕ دوہ لابن یتھ کنی پھیر
دِوان۔" پوٚنیر صاحب اَکیاوٕنے، زندگی منز چھُے اَکی غمن لوٚکہٕ سورُ گوٚرمُت۔
سہٕ گوٚو سیٚٹھاہے لوٚچہٕ وٲنسہٕ منز میالِس لوکٕٹس نیچوِس سُند تراوِتھ گژھن۔
یہ کیا ولو ہوٚسہٕ کوتاہ حسین، ذہین تہٕ خوش لحن اوس۔ تَمہٕ پتہٕ باسیوٚو مے
یہٕ سورُے دُنیا مایا ییتہٕ نہٕ کُنہٕ تہٕ پایداری چھےٚ۔ اَتھ بارٕ صدمس پیٹھ چھےٚ تمی
بڈٕ دلس ترٛیتھ گژھتھ وُن مرثی لیوکھمُت۔ کینہہ وری آسی تمہٕ دوہہ یہ تہٕ طالب
صاحبس آشنہٕ سو رگہٕ واس سیدی مِتس گمتی۔ سہٕ اوس دوہس ترٛاوی ترٛاوی
یمن صدمن پھیر دِتھ بوس ژھانٛرتھ نان۔

طالب صاحب اوس ڈہی دوہس یوٚت پلہٕ ہس تیوٚت مصروف
روزان۔ ژوِ ہ نجہٕ پتہٕ تہٕ چھُے کٕشر پھیرسہٕ گرِ تہٕ چھیٹھ بیتر پانے ٹائپ کران

وُچھمت۔ یمن تہٕ چھہٕ تہنٛز کینٛژ ذاتی چیٖزٕ موجود یِمہٕ تمۍ پانے ٹایپ کٔرِمٕژ چھےٚ۔
مےٚ چھےٚ طالب صابنٛ تیار کورمُت کشیرِ منٛز فارسی ادبُک تاریخ ناوی نادر
قلمی نسخہٕ وُچھمت، یُس سُہ چھاپ کرُن اوس یژھان۔ اَمہِ خصوصیتھ اُس
یہ زِ طالب صابن اُسی شعر پانے لیکھی متی تہٕ انگریزی ترجمہِ تہٕ اوُسنکھ تلہٕ
کنہِ ستی ٹایپ کٔرِتھ دِتھمت۔ یہ اوس تیٚزی پاٹھۍ طالب صابن بوڈ کارنامہٕ
یُس تمۍ سیٚٹھاہ نفاستہٕ، سان وٕرتھہِ وانٛجہٕ زٕٹھٕ ھرمُت اوس۔ زانہٕ خداتھ
تاہ کی کارنامس کیا گیوٚ طالب صابنہِ واصل حق گژھنہٕ پتہٕ۔ اتھ مسلس
تیٚز کا ٹنٛر تہند مِلکس ژگٕ درٕ نہٕ دعوادارن سٕنٛن۔ تہٕ کیا زونہٕ چھہٕ آدن۔
طالب صابنٛ دوٚہ شوٗرے شعری مجموعہٕ رشحات التخئیل (۱۹۲۵ء) تہٕ مرقع
افکار (۱۹۵۲ء) یِمہٕ رنٛگ موقہٕ تہٕ چھہٕ مےٚ میوٗلمُت۔ طالب صابنٛ شاعری
چھےٚ روایتی آسنس ہیتی ستی تہٕ وقتہٕ کِس حاوی شعری رجحانس لرِ لوٗر ٹیکتھہِ
تہٕ یٔنٛ ہیوٚن تہٕ بارٕ ذٕن رنگ قائیم تھوٚوتھ۔ تمۍ چھہٕ کاہہِ وُہرِ یانہٕ ہیٚچھے شاعری
کٔرِمٕژ۔ منشی امیرالدین، تہٕ پنڈت دتاترٕیہ کیفی بیتر چھہٕ تمۍ سنٛدِس شاعرانہٕ
مزاجس پیانچھہٕ لاونس منٛز پیش پیش روٗد متی۔ برجموہن دتاتریہ کیفی اُسِس
دوہ ستادیہ کِتھہٕ چھےٚ تہند طویل خط وکتابت تلہٕ ٹاکارٕ۔ ویرندر پرشاد
سکسینہ ہن چھہٕ ۲۲ جون ۱۹۵۸ء کِس "ہماری زبان" شمارس منٛز طالب
صابس مُتعلق تفصیلہٕ سان لیوکھمُت۔ طالب صابس اوس اردو، فارسی
تہٕ انگریزی زبانن ہیٚچھ پوٗر عبور۔ تمۍ چھہٕ "بہارِ گلشن کشمیر جلد (۲)" ناوی
شاعرن ہنٛدِس تذکرس تفصیلی دیباچہ لیوکھمُت۔ لالہ سری رام بنس "خمخانہ"

جاوید" ناوی تذکرس تہٕ چھُن مثنوی منز گوڈ کنہ لیکھمتۍ۔ یتھ منز الہ پلہٕ اُردو

ادبہٕ کین اکھ ہتھ بہلہ پایہ تخلیقکارن ہُند ذکر۔ چھُ یتھ کنۍ کرنہٕ آمُت سہ

کہیں کرسی نشیں تھے میر و سودا

کہیں سوز اور جرأت، درد و انشا

کہیں تھے حاتم و ناباں و ناسخ

کہیں مومن، اسیر و برق و راسخ

حفیظ جالندھری سندِس نرگس منز طالب صابنۍ یم شعر ترجمہ

ورائے پیش کرنہٕ روزن مناسب یتھ ییمہ کتھہِ ہندِ پوٗر اندازہٕ ہیکہ

سپدِتھ زِ طالب صابنِس بظاہر خاموش وجودس کُس طلسم اوس

منزِ منزِ ووتھ تُفان یُس گژھے ڈل ڈہس تہٕ کاہے شالمارہٕ تہٕ نشاط ڈیڈل

شکارِ اوس لاگان سہ

| | |
|---|---|
| بہار میں شباب ہے | شباب انتخاب ہے |
| نظر کی آب و تاب ہے | کہ حسن لاجواب ہے |
| عذاب ہے، ثواب ہے | سکون و اضطراب ہے |

یہ عالم مجاز ہے

کہ زندگی کا راز ہے

طالب صابن چھےٚ "لل دید" ناوی کتاب پروفیسر جیالال کول صابنس

ہتی ترتیب دِتھ شایع سپز جموں و کشمیر کلچرل اکادمی ووینک تام ترمیمہ اضافہ

سان تہٕ ییمہ پھِر چھاپ کرٕ یہ کتھ چھےٚ پھِرنی لایق زِ لل واکن ہُند ترجمہ چھُ طالب

صاٚبنۍ کورمت ییٚس بیہ ہمن تہٕ زبر ہینکہٕ سپدتھ۔

"جوہرِ آئینہ" چھُ طالب صابن اُردو تحقیق تہٕ تنقیدس منٛز اکھ موٗلۍ اِضافہ۔ یہ چھُ مرزا غالب نہٕ کلٲم کلامک اکھ موختصر جایزٕ ییٚس طالب صابن بڈٕ جُرتہٕ سان انٛد چھُ واتنوومُت۔ یہ جایزٕ لیکھنس متلق چھُ تمیو پانہٕ کتابہٕ ہنٛزِ گوڈنِکتھ منٛز ووٚنمُت۔

"غالب یالس متلق چھُ واریاہ کیہنہ لیکھنہٕ آمُت۔ یہ کتھ نظرِ تل اٚنتھ اگر میانۍ یہ کوٗشش غارٕ ضروری زانٛنہٕ ییہ، کیہنہ عجیب چھُنہٕ۔ مےٚ چھےٚ تو تہٕ اتھ سِلسِلس منٛز کیہنہ کتھ دٕنٛنہٕ ضروری باسان، یتھ یہ کتاب ترتیب دِتھ تہٕ تیار کرنہٕ چھِ کیتہٕ پھٕٹھ نیرِ۔"

از برونہہ تقریبن ژٕتجی وری (۱۹۲۹ء) اوریور گووٚ مےٚ غالبہٕ سندِس تہٕ پیشرو اُستادن ہندس فارسی تہٕ اُردو کلامس منٛز ہشر دٕرینٛٹھ — مضمونہٕ تکرارٕ چھِہ خوٗبیہ نہٕ خامیہ تہٕ وُچھم۔ چنانچہ، مرزا غالب تہٕ باقٕی شاعر "عنوانس تحت دژاے میانۍ خیالاتھ، مُلکہ کین معیاری رسالن یمن منٛز" زمانہ (کانپور)، ادبِ لطیف (لاہور) تہٕ "محقق (بہاولپور) شٲمِل چھِہ۔ کینٛژن آیہ میانہ یمہ کوشِشہ پسند تہٕ کیہنہ گیہ ناروٗنار۔ میانِس جذبس لوٗگ وٕتش تہٕ یہ رٕوٗدُس دردسان یہ کام جاری تھٲوِتھ۔ ۱۹۶۱ءس پتہٕ دژلے میانۍ بیہ خیالاتھ "سرمایہ غالب" عنوانس تحت، انجمنِ اسلام اُردو ریسرچ انسٹی ٹیوٹ، یمہ کِس ڈائریکٹر تہٕ سہ ماہی (تزرہ توار) رسالہٕ "نواے ادب" کِس ایڈیٹر مرحوم پروفیسر سید نجیب اشرف ندوی سندِ دٕنہٕ ۱۹۶۵ءس

تام قسطہ وار۔ امیُک آخری قسط اوس وُنہِ اکھ رسالس منز چھپنے زِ ستمبر ۱۹۶۸ ہس سپدِی سید نجیب اشرف ندوی صاب رحمت حق تہٕ یہ رسالہٕ تہٕ گوٚو بیتی بند۔ امِکی سِنز موضوعس پیٹھ اکھ قابلِ قدر روایتھ تہٕ اُردوٗ ادبکی بڈی بڈی نمانہ اہلِ قلم جناب پروفیسر ضیا احمد، پروفیسر سید احتشام حسین بیتر چھِ اکھ قابلِ فخر کارنامس وُزھ وُاتی جہِ داد دِوان۔ مولوی عبدالحق، چودھری خوشی محمد ناظر تہٕ چھِ طالب صابنس ذوقِ سلیمس تعریف کران۔ ۱۹۶۹ ہس آو سارہٕ سے مُلکس منز غالب صدی تقریباتن ہندِ ذری مناونہٕ تہٕ غالبنہِ زندگی تہٕ شعری کارنامن متعلق آیہ تحقیقی لایق کام کرنہٕ۔ طالب صابنی کتاب "جوہر آئینہ" چھِ غالبیاتس منز پنہِ رنگہٕ اکھ اہم اضافہٕ ــــ طالب صاب اوس توشان زِ یہِ کتاب وُچھہن یہ پانہٕ چھپتھ۔ مے چھِ یاد زِ مرنہ برونہہ وُچھ تمی اکھ پروف تہٕ تہٕ یتہٕ اَرِم چھپتھ کاپی تہٕ۔ مکتبہ جامعہ دہلی کہ طرفہِ یہ کتاب ۱۹۷۱ ہس منز شایع سپدِنے چھ اکھ بوٚڑ اعزاز۔ سو چھ تو دوے ترہن وُری پتہٕ بلکہ والنہِ ہنز محنتھ کُھشر یوٚتُس وَڈہ۔ یہ گوٚستہٕ شوہر تک بوٚچھ تہٕ آسن تہٕ پننس طے کرِ دِمِتس منز لس تعلق مطمین آسن یتھہ منز طالب صابنس یتہٕ بوٚڑ آسس بوٚڑ بارہ دخل ہیکہِ آسِتھ۔ گژھ چھِ کیتہٕ یتہٕ بڈی تہٕ بریھان یوٚزُسہ رُود تمہِ لشہِ مچھے۔

طالب صاب اوس اکِہ بار سوٚرغ پنڈت خاندانک سوٚ لوٚت۔ تمی سُندہ جدِ بڈی بب گیوٗ پنڈت رگھوناتھ کول لُس کشیرِ ہندِ وزیراعظم اوس رُودمت۔ بُڈی بب اوسس دیوہ کاک کول لُس وَقتک فارسی تہٕ

سنسکرت زبانٕ ہُنٛد بوٚڑ بابہٕ عالِم، ممتاز خوشنویس تہٕ مُصوِر اوس۔ تس
اَس موسیقی پیٹھہٕ تہٕ دست گاہ حاصِل۔ طالب صابنس بابہٕ صابس اوس
پنڈت ٹھاکر پرشاد کول ناویس سنسکرتُک بابہٕ بوٚڑ عالِم تہٕ خوشنویس
اوس۔ اَتھی ادبی تہٕ علمی ماحولس منٛز لوٚب طالب صابن زنم۔ طالب صابن فرزند
جناب پشکر ناتھ کول سپدی حال حالے محکمہٕ بجلی ہندس چیف انجینیرٕ ہندس
بُڈس عہدس نِشہِ ریٹایر۔ طالب صابن بوہ روٚباری، شرافتھ تہٕ حلیمی چھس
تورے عطا سپزمژ۔ طالب صابن یوسہٕ اُردوٗ زبانہٕ تہٕ ادبس خدمتھ کرٕ
سوٚ چھےٚ اکھ یادگار۔ جامعہ اُردوٗ علی گڈھکی اُردوٗ امتحان رایج کرنہٕ خاطرٕ
چھےٚ طالب صابن رول بڈٕ اہم۔

طالب صابس اَسی بیٚیہ ترٚینے باے سوٚ رگہٕ واسی، ڈاکٹر رگھناتھ،
پروفیسر جیالال کول تہٕ پنڈت بشمبر ناتھ کول یُس حال حالے محکمہٕ
زراعتکہ ملازمت نِشہِ سبکدوش سپُد۔ اکھ بیٚنہِ تہٕ اَسس یوسہٕ نہٕ
وونی حالے حیات چھےٚ۔ طالب صابس اوس کرالہٕ کھوڈکِہ اکہِ آسن
والہٕ گزیک نیٚچھر۔ یند ڈمبہ زٕ شُری اکھ لڑکی تہٕ لڑکہٕ پنڈت پشکر
ناتھ کول یتھ کُن اَسی روٗد متی۔

طالب صابنس خاندانس اوس حاجن سوٚنہٕ وارٕ تہٕ سعد ناہٕ جاگیر۔
اَتہٕ تہٕ چھِہ ۱۸۲ کنال گیس حدس منٛز یتھ ہندی واریث اِصلاحاتِ اراضی
قونٛونن تحت کاشکارن نِشہِ پنٕنہ حصہ حاصِل کران۔ پروفیسر محی الدین

حاجنی تہٕ اوس یہنٛدین کاشکارن منز شامل۔

وصفداری ہُند حال اوس یہ زِ طالب صاب اوس ایس۔ پی۔
کالجہٕ پروفیسر آسنس دوران فُل ٹائمس پیٚچھ یوان تہٕ تہٕ گرٛشھان تہٕ۔ گرٕ کٔلی
حاب کتاب تھونہٕ خاطرٕ اوسُن منش تھوومُت۔ تِہُند پایگ مہمان نواز
اوس۔ پرٛژھس اوس پانے ٹھلی کران۔

یہ سِلسِلہ اوٚن ستمبر ۱۹۸۵ہس منز تہندس فرزند کوٗل صابس نِش طالب
صابنی منز پدچاالاتھ علوم کرنہٕ ہٕنٛد گرٕ کرٕ نگر گوس تتہٕ وُوٚنم کرایہ دِرو نِرِم چھہ دۄ شوٗے
باتہٕ گوٚرِنش امریکہ گامتی۔

سُہ اوٚس پرٛانہٕ پیٚر ہُند نہٕ نوِ زمانکی نوی نظریہ تہٕ انسانی ہنر نوو کھنے
بوزٕتھ اوس ووٚشلان۔ تس اوس نہٕ بہسان زِ زنانہ تہٕ مرد چھہ زندگے
ہندی زٕ اصول آسنہٕ سبب پانے بناوٕمتی قۆلون پھٹراوتھ نوی دستور
نہٕ ردکرٕنہٕ باپتھ بناوان۔ تس اوٚس پرٛانہٕ پیٚیہ ہُنٛد حیا وبزرسہ ٹالونٹھ۔
اکہٕ دوہہ اوٚس مُترٕ یہ زٕ بیٚنہٕ زندگی ہُند اکھ ذاتی واقہ پھرُن یتھ کٔنہٕ
ذاتی واقہ کیاہ دلوس۔ یہ ہیکہِ ساٚنہٕ اجتماعی سماجی زندگی ہُندا اکھ موٗل تجربہ
آسنس سیتی اکھ عبرتھ تہٕ آسِتھ۔

"میانہٕ فکرِ پیٚنس سیتی سیتی گو اکھ تماگی بایاری دُچھان وُچھان
لکھ ییٚتی بنتھ۔ میٚ دوپ یاالٰہی یہ کیاہ ماجرا چھہ۔ اُسی آسی کیتہ کالک اہندی
داتہٕ گوروک اہٕ ناوان تہٕ ستہِ اوس قدرے کرٕتھ۔ بتالہ اندرکُ تموک
سوزان ہکوب تہٕ منز دار۔ یتھ دیوان خانس شوٗبیے۔ تہٕ مشکھ ژھیٚٹھ ہے۔

......کیٚنہہ تام پٲٹھۍ گوٚو رازٕ نوٚن۔ مزدورس ڈیٚٹھ ناموزوٗنی کم ہاکنٕہ کیا۔ تمہٕ کی بابا ژاری گوٚو گرفتار۔ ذلیل کیاسا۔ سو ہا تمہٕ کس ستیٚ گڑٕ لبہٕ، دگوی زچہِ، پیٲئی یلہ ہاری تہٕ وانگن کاچھ بیترٕ لاوٕتھ دِتھ وہ گہ منہٕ لٕہ لوکن والان۔ یٕژ زے بوٚزنہِ مےٚ ترٲوی اوے سگریٹھ تہٕ تہٕ گو روگ چینس تہٕ کرم چھٹی۔ ترکہِ یوٚز سا اصلی نقلی پتہٕ وتھ۔ یہ ونان ونان تہٕ آس طالب صابن ہمس وہ شلنیٚ نعمہٕ ژیران۔ شاید آسہے سوچان زِ اصلی نقلی آسہٕ تہٕ چھ انسان دنیاوی ہوٚشہٕ زِندٕ روزِتھ تہٕ سماجک وجوٗد قایم تھوٗتھ۔

"طالب صاب اوس یتھ مین دوہہن ہنا گوب یوٗزان تہٕ دوہٕ اگر کانہہ بے ادبی سان زِ ژِہ ہنا زورے بہٕن کیٚنہہ کرہے، سُہ وو تھہے ژکھ ہوٗت" ژینے گوٚٹس کیا نزر چھپہِ۔ لوٚ تہٕ لوٚ تہٕ آس کیٚنہہ کران۔ "YOU ARE A PERFECT GENTLEMAN" ژٕہ ہسا چھکھ مکمل بلے مالس۔ بہٕ اوٚسس یہِ یوٗزنتھ پانس ڈُلی دوان زِ امایہ ووناہ پٕزی کنیٚ مےٚ کٕن۔

جولائی ۱۹۷۱ ء گوٚو سُہ اکادمی ہندِ ملازمت لیٚتہٕ خوش خوشحال پٲٹھۍ رٹایر۔ ۱۵ اگست ۱۹۷۱ ء سپُد قومی اعزازی خلعتن ہند اعلان۔ طالب صاب تہٕ اوس تمن عالمن منز شامل یمن ۱۹۷۱ ء یک قومی اعزازی خلعت تہندِ ادبی تہٕ لسانی خدماتن ہندِ اعتراف پٲٹھۍ دِنہٕ اوس آمُت۔ ۱۳ اپریل ۱۹۷۲ ء ستمبر اوس اکس خاص تقریبہِ پیٹھ طالب صابس صدرِ جمہوریہ نہِ دٔسی یہِ تھوٗو اعزازٕ رٹُن۔ مےٚ چھُ واریاہ ژٕہ تس تمی دوٚن مےٚ امہِ اعزازٕچ خبر بوٗزِتھ زِ میانہِ زندگی ہند منہ کونیٚہ ارمان (AMBITION) گوٚو پوٗرٕ۔ اعزاز حاصل

کرنہٕ باپتھ آسہٕ دلہٕ سکھر نچہٕ تیاری جاری۔ سوٗلس پتہٕ صافس تہٕ آوکرہٕ مون رنگ دِنہٕ۔" "THIS WAS MY AMBITION IN LIFE" یہ اوس میانہٕ زندگی ہُند منہٕ موون ارمان"۔ اکھ یاتہٕ دوہ برونٹھ ژھٹس دیمانچ رگ تہٕ ۱۱ ستمبر ۱۹۷۱؁ گوٚو اکنتہٕ وٚری وانسہٕ منز سانہٕ مشترکہٕ تہذیبُک یہ مجسمہ اسہٕ تراوتھ۔ زانہٕ دے! موتس کیاہ راوِ ہے اگر سہٕ لوٚلچہٕ زندہٕ موٚرتھ پران ہنس بیہ اکے دوہ پرار ہے ؎

تل زمین صوٗرتھ شرین اَدٕ نہٕ لوان دُبارٕ تے!

---

طالب صاحب روٗد، دہن وری ین تمنا لکھنوی سُند شاگرد یُس "دربار" ناوی رسالک ایڈیٹر اوس۔

اَمہِ پتہٕ سُند ۱۹۱۵؁ پیٹھ برج موہن دتاتریہ کیفی سنز شاگردی ہُند شرف حاصل۔ یہ کنتھ چھے تمہِ خطہٕ کتابتہٕ ستی ثبوتہٕ تا باپتھ سیدان یوس وارہ یاہس کالس ییٚن درمیان جاری روٗزمتہٕ چھے۔

گوڈ اوس لیکھت دلبر، یمہِ ہہٕ تبدیلی ہُند ذکرہٕ ییتھ کنی کورمُت چھُن۔

؎ بجائے دلبر طالب، بنا ہوں طالب دلبر
کہ دامن گیر بنتا ہوں میں اب دامن کشاں ہوکر

(پروفیسر غلام محمد شاد صابن چھُس شکرٕ گزار زِ تمو تھوو مے کینہہ اہم مواد آیت)۔

# پروفیسر سری کنٹھ توشخانی

پروفیسر توشخانی صابس مُتلق لیکھن وَنہِ چھےٚ ضرور یہِ ژھِتھ دِل پٕھوان زِ بہٕ کَمہِ اَنمانہٕ تِلہٕ اُمس فلسفیس، اِنسانی ہمدردس، سماجی اِصلاح کارس تہٕ زبان دانس سنز زندگی ہنز کتھ ہُند توسہٕ پَن۔ نہ توسہٕ پَن کتنگ جایخ تہٕ کتھ تُلنگ انداز ویوٗد۔ توشخانی صاب اوس پرتھ وَرہِ یہِ وَندہٕ لیوٗن کرشنا مورتی سنٛزِ تقریر بوزنہ گژھان تہٕ یَنہٕ لِس شریرس تہٕ اُمی ہتہِ چِک اَپ کرناوان۔ یِہس تہِ اوس سُہ اَمی اَرمانہٕ وہری وری لَس پونہٕ لوٗنک پَتھ یَلہِ کُنہِ تھ مدراس گژھوٗن دِلہِ ٹھہرِتھ نِہیر یاوِ پیٹھ ژوُلس لوٗن وَسہٕ وُن کھوٗ رنپیرِتھ۔ کلس آس اَندہٕ ی چھیوٗ کھ تہٕ ہم دسمبر ۱۹۸۱ ءٕ راتھ کُیت گوسوٗ رگہٕ واس۔ نہ دوٗد تہٕ نہ دَگ تہٕ نہ کانٛسہِ پیٹھ پیوٗن۔ بی یَرٛھان اوس نی گوس پَٹہٕ باگرِوان اوس۔ سوٗ رگَس منز اُسی نَس جاے تہٕ رُحس اُسی نَس سوٗ کھ تہٕ شانتی نصیب یِتھ کِنہٕ گُزرِیوو کاشر زبانی ہُند یہِ ژُکی درتہٕ وے شیتھ وُری وانٛس کَڈِتھ۔ پروفیسر توشخانی زاو سرینگر ۱۸۹۷ ءٕ لِس کُنیت اَکہِ

آسن لبن وٲلۍ گرٕ۔ فلاسفی منز کورُن ایم۔ اے تہٕ ایل ایل بی کرنہٕ پتہٕ کٔرن
کیٚنژر کال وکالتھ تہٕ۔ اکھ پُرخلوص اِنسانی ہمدرد کتہٕ ہیکہٕ ہے وکالتکی
لازمی فند فریب وَرتاوِتھ۔ کامیابی ہنز ہیر کھسِتھ۔ وکالتھ ترٲوِتھ کٔرِن
محکمہٕ تعلیمچ مُلازمتھ اِختیار تہٕ واریاہس کالس رُوٚد سکوٗل اِنسپکٹر تہٕ ۱۹۵۵ء
اَدٕ پیٚور سیٚد ملازمتہٕ لٕتہٕ سبکدوش۔ ۱۹۶۷ء تہٕ پیٚتھہ ۱۹۸۰ء تام رُوٚد سہ
کلچرل اکادمی ہندِس ڈکشنری پروجکٹس ستی چیف ایڈیٹر ہِسند حیثیتہٕ
وابستہٕ۔ یہِ چھِ توشخانی صابنی باصلاحیت نگرانی ہِنز کاشر ڈکشنری سیٚز
زبانی ہِندی جدید تقاضہٕ زیرِ نظر تھٲوِتھ ستن جلدن منز مکمل۔ اَتھی لرِ پیٚور
رُوٚد توشخانی صاب اُردو، کاشر فرہنگ تہٕ پننین رفیق کارن ستی ترتیب
دِوان۔ یہِ لوٗغت تہٕ واتہٕ وری لیس دۄہ وری ین تام اندٕ لیٚہ یہِ چھُ کوٚڈنیک
موقہٕ ٹیلہٕ کاشر ڈکشنری شایع سپدِتھ حقدارس حق ووت تہٕ گیاہ زٕ ایشر
کول صابنی کام پنی یاد بناوِتھ اَس جارج گریرسنن کاشر انگریزی ڈکشنری
ترتیب دِژمٕژ۔ اُزی چھِ ڈکشنری ہنز چھِ اکھ خصوصیتھ، یہِ تہٕ زٕ اَتھ منز چھِ
پرٛتھ مۄلہٕ لفظک آگر تہٕ دِنہٕ آمُت۔ مےٚ چھُ فخر زٕ مےٚ سپُد واریاہن
وری ین توشخانی صابس ستی کام کرنُک موقہٕ فراہم یتھ دوران مےٚ تمہٕ
ہنز شخصیژ ہندی واریاہ پہلوٗ وچھِ یم ہر لحاظہ قابلِ رشک آسی۔

توشخانی صابس اوس رٕتہٕ کھوتہٕ رُت ورتاون نہٕ لاگن تہٕ۔ بامے
سۄ پلو آسہٕ ہے لوٗتھ آسہٕ ہے، گر آسہٕ ہے یا شیٚو مشین۔ ژھوٹ قد،

---

۱ یہِ ڈکشنری چھِ تہٕ سیٚز کتہٕ جلدی بردستہٕ مکمل۔

دہ دہشہن تَن، ہُتھ گیشوم، کلَس سفید تنہٕ مَس وال تہٕ طوطہٕ نَس کُرِتھ پَرِتھ وزِ
یکہٕ وُن شریر چھُم ازتہٕ اَچھن تل۔ سہٕ اوُس ییٚتر پاٹھۍ ژکھ ژایان پوٚز
بانسران اوس اَکی زیرِ۔ ساد تہٕ تہٕ کم غور نہٕ اوس۔ یَمن پان اوسُن لوکچارے
کٔنژ روٗمُت۔ یِتہٕ ہیوٚت دیُت آسہِ ہے تَتھ خاندرَس اوس نہٕ گژھان۔
سماجی بدتَن اوس پوٗرِ خلاف۔ لالچی اوس نہٕ پوٚز یَمن حق تراوُن اوس
پاپ گٔنزران ییمہٕ کِنۍ پٔرِتھ وُری یہٕ کاشتکارَن نِشہٕ یَنُن داں حصہٕ وُگراونہٕ
اوس گژھان۔ توشخانی صابن اَسی زِنیھِر کرِ متو۔ دہ شوے وٲلِس
اَڈٕ دلی اند۔ گوڈنچہِ آشنہٕ زامُت نینچو کُیوس بلہٕ کاک درہٕ ہن ہُند زامتر
لُس جایہٕ مرگ گو۔ تہندِ ڈمبہٕ زامترِ کوٗرِ چھے نیٚبر لکھنو باگنی آمژ۔ دوٚیمہٕ زنانہٕ
اَتھہِ زالِیس نہٕ کوٗرِ تہٕ اکھ نیچُوُس ڈاکٹر ششی شیکھر توشخانی ناوُ سارِنے
وایہٕ ود چھُہ۔ ششی شیکھر چھُہ کشیرِ ہندِ سَس مشہور شاعر بھٹ
اوتار نہٕ بانا سُر کُتھایہ پیٹھ تحقیقی مقالہ لیکھنس چھُن پی۔ ایچ۔ ڈی پرووُمت
توشخانی صابنہٕ سوٗرگہٕ واس گژھنہٕ برونٹھے دہ نوے آشنہٕ یمہٕ عالمہٕ
گژھنہٕ کِنۍ اوُس سہٕ یَنہٕ سوبادٕ کنۍ گرس منز روٗزِتھ تہٕ گرِ نیٚبرے زُن روزان
بوٗزِی تو اکہٕ رنگہٕ اوسُن سُنہٕ پاس دور مُت۔ اِنسانی ہمدردی سٕتی اوس
تمہٕ سُند دِل بَرِتھ۔ یمن پان مذہبہٕ نہٕ دھرمہٕ بدوُن زانِتھ تہٕ اوس
سہٕ یَنہٕ جایہِ دھرم پالان۔ کشمیر سازش کیسس منز اوس سُتہٕ اکھ سرکاری
گواہ بہترین مُقرر اوس۔

وقتک اوس پوٗرِ پابند تہٕ آخری دہ ہَن تام ترووُن نہٕ نمہٕ گرس

کھسُن یِتھ نہِ ڈلیوٹی تہٕ بیہِ اور یور وقتس پیٹھ وانہِ ہے تہٕ بُجرگ احساس تہٕ
مرہے ہس تحقیق اوس یِروٗہہ زانان نہٕ وُسی ہتھ کھوہ تہٕ وُسی یا یہ الناس تہٕ
اوس نہٕ کُنہِ لفظک پھور بیتر پیرٕ ژھُن غاب گنزِران توشخانی صابس
گوژھہ تحقیق بایتھ کانہہ لفظاہ کانٛہہِ ہند طرف کنن گژھُن۔ ونَن والِس
آسہِ ہے مُشتھ گومُت نہِ تمی کیاہ ونیوو۔ پوژ توشخانی صاب وَنہٕ ہس
ضرورہ آگرٕ سپر کھرکرِتھ زانُنک ماتہِ چھ یِتھ کِنی یا یہ نہِ فلانی تکنیکی اصطلاح
خاطرٕ چھ فلانی لفظ موزوٗن تہٕ مناسِب۔ کُنہِ لفظُک گردان کرن وِزِ اوٗس
سُہ ساری ضروری آواز ترٛایہ تہٕ ہاوِتھ دِوان۔

انگریزی الفاظن ہند غلط پھور کرِہے کانہہ تہٕ فورن وَنہٕ ہس نہِ یِمی
پھور چھ یہٕ تہٕ سیٖلہِ سُہ تور جو جتھ کرٕ ہس تہٕ ڈکشنری ہاوِتھ دی ہس یِنٛز
یِمی انگریزی دانی ہند ثبوت۔ پروفیسر توشخانی صاب اوس نہِ زبان دانی۔
ہُند سند یافتہٕ ٹلی کرِ وار یاہ زبانی زانہٕ کِنی تہٕ پُرخلوص بامقصد جذبہ
وَتہٕ ہاوُک آسنہٕ سببہ اوس تس کانٛشرِس گریمرَس تہٕ لسانیاتس پیٹھ پور
عبور۔ توشخانی صاب اوٗس شاردالپی (رسم خط) علاوٕ کانٛشر، سنسکرت،
ہندی، اُردو، انگریزی، بیتر زبانی زانان یِمہِ ستی کانٛشر زبانی ہُند بدلہ وُن
مزاز پرکھاوُنس وار یاہس حدس تام مدد مِیلُن لازمی اوٗس۔ ہندوستانکین
بہلہِ پایہِ زبان دانن ستی آسِس وِدہِ تھ بیتھ۔ سدلیشور ورما سُند ناو چھ
یمَن ساہِ نے منز پیش کرن لایق۔ کیتژن ملک گیر لسانی کانفرنسَن منز
چھ توشخانی صابن کانٛشرٕ پچ نمایندگی کرمٕتر۔ زنانن ہنٛز تعلیمہ کُن دیُت

ثُمہٕ گوڈٕ الوارہ توجہ تہٕ کورُن وُمن ویلفیر ٹرسٹ قایم یُس وُنکین وَسنتا ہالیٚ
سکوٗلہٕ ناوٕ ہاوی لوٗکن دیوان چھُ۔ یہ اوس ۱۹۲۵ہ یک زمانہ مسلمان کورین ہُند
اورکُن پُن اوس مُشکلے پۄز توشنٲوی صاب سَید اَتھ مقصدس منز تہٕ کامیاب۔
توشنٲوی صابن کور ژۄمن رَسم خطس منز اَتھی وُرلیس دَوران گوڈٕ الوارہ
کاشُر پریمر شایع۔ دیوناگری رسم خط تہٕ پیشروٗ ونس۔ کاشرِ رسم خطیٚچ وَکھنے کران
چھُ سُہ لیکھان "یوٗدوَے شاردا اَچھر تہٕ دیوناگری اَچھر چھِ اَکی ترتیبہ تہٕ لرلوٗر
ہام لوٗکن نبر زیرلوٗ تہٕ سنسکرتس منز استعمال سیدان۔ مگر کٲشری آسیہ ین
اَچھرن نتھ پانٹھی ییران نہ کاشر آوازہ تہٕ آسہ نیران تہٕ سنسکرت تہٕ اوس کاشر ادہ
یوان۔ اُیا چ اوس واو بدل تہٕ تہٕ "و" بدل تہٕ کام دِوان مثلن اُز ہیکہ طریقہ
اوس اُتم "لیکھنہ یوان تہٕ "ووتم" پرنہ یوان۔ پُشکر اوس "پوشکر" پرنہ یوان۔
سُکھ لیکھتھ اوس "سوکھ" پرنہ یوان[1] یمہ اَنگہ وِنہ رسم خطیٚچ کوشش
سپُز وارہ وارہ فاید مند ثابتھ تہٕ واریاہ ہو مرحلو منز گزرتھ واتی آسہ از کس
تسلیم شُد رسم خطس تام یُس صوتیاتکین ریواجی وضعی تہٕ خالص صوتیاتی
اصوٗلن پیٹھ ڈرتھ چھُ۔ توشنٲوی صاب اوس کاشرس رسم خطس ہردم ستہ
ستی تہٕ ۱۹۵۳ہ یس تام یُس عربی چالہِ رسم خط وضع کرنہ آیوو سہ اوس
زیادٕ ساینسی تہٕ دوٗررس ٹمینگ ٹایپہ ہاوک TYPE INDEX آسانی سان
تیار ہیکہ ہے سَیدتھ پوز شتہ سَید سیاسی مصلحتن ہند شکار۔ حساب
کتاب یوسہ تیار کرنہ آس آمژ تتھ منز آسہ کینہ نوِیہ وِنہ اصطلاحہ
گرنہ آمژ مثالے تقسیم کیوو باگرن یا باگے حاصل تقسیم باگیہ پھل۔ یتھے کنہ

[1] کاشر رسم خط بدوہتہ تہٕ اَز "بحوالہ" سون ادب۔ کاشر زبان تہٕ ادب نمبر۔ کاشر رسم خط

اوس منزٕ یِمن گوڈنُن وٕنتہٕ آمُت تہٕ حاصِل ضرب گیوٚو گوڈنَن پھل۔ جمع گیوٚو سو مُبرن
پاپُشترن۔ تفریق گیوٚو والُن۔ (SIMPLIFY) آسیہٕ وَنُن تہٕ وَپنہٕ ہوٚ "تٕرٛمرو"
بیترِ۔ اَمہِ پیٹھ پیمہٕ تہٕ کمیٹی یِہ سرکٲرۍ یا غیر سرکٲرۍ طور بناونہٕ آیہِ تِمَن منز
رٕدٕ تۄشخانی صاحبُن رول رسم خطٕچ تشکیل دِنس تہٕ سۄ نیٚچھ ناوُنس منز
سیٹھاہ اہم لیکھ ہیوٚ تہٕ چُھ وجہ زِ کلچرل اکادمی پتھرٲزِ ڈِکشنری تیار
کرنٕچ اہم ذِمہ وٲرۍ اُمی ییہ سہٕ اُمی سیٹھہٕ جان پٲٹھۍ اَندٕ واتہٕ ناو۔

کٲشُر بوٚلان گرٕ چھِنہٕ اُسٕس سۄ نفریتھ تہٕ مروجہٕ زبان کٲشرۍ ناو
منزٕ اوٚرچھ پرٛش، اَگٲرۍ، بینکی، پینٛچ، نٔسی بیترِ بدلہٕ اوس سۄ دٕھٕر، بَبر،
اُچ بیترِ وَنہٕ اِنس تہٕ ترجیح دِوان سہٕ اوس کٔنٛرِ وَنان زِ اُسی کٲشرۍ چھِہ
پیٛدا گ تہٕ ناقدر شناس۔ پروفیسر جیا لال کول اوسُس میٛلنگہٕ دوران
منزٕ رٕچھان زِہے کانٛہہ چوٚب اہے کانٛہہ چوٚب اَکھتہ لوٚزرسا۔ تۄشخانی صاحب
اوس چُھتِ ووٚنہٕ لان تہٕ لوٚنہٕ تھٕ زوٚر لاگان یَتھ کنِ باہٕ ترٛوک
کران۔ خبر سۄ کیا زِ اوسُس یَتھ زادہٕ سرپٲٹھۍ تھوان۔ حالانکہِ دِیان
چھِہ زِ یہِ کمزوری چھےٚ زبانن پیٛایٕ۔ یتھ پاکھنڈی دُنیاہس منز تیچھ نہٕ
برانٛچھے آسہٕ تہِ ہیکہٕ سٕمبٕتھ تہٕ سٕمبٕدان تِہِ چھِہ۔ ڈاکٹر ششی شیکھر
تۄشخانی سٕندٕ وَنُن چھِہ زِ تِہندی سیٹھہٕ رگٕ وٲسی بابہٕ صاحبن اوس ووٚنۍ کٲشرِ
زبانی ہُند لسانی مُطالعہ کرنُک منصوبہ یتھ منز اَمیٚک گرٛیر تہٕ شامِل
اوس، ہٕزرٕس نیٚو مُت۔ نمبر پیٹھ بیچھ نہٕ یِنہٕ چھِ آسہٕ تار تہٕ اتفقہٕ کامہٕ
بیہ سٕنے بسم اللہ کرنہٕ۔ کُس آسہٕ تیاہ زِ کاشہٕ زبانہٕ ہنٛدِ پایہِ بوٚڈ محسن

گَنڈِتھ اَڈوٚدٕلی لورٕ تُرِتھ۔ توشخانٕ صاحب چھِہٕ دوہلٕ اَسہِ درمیان لوٗز تمُہ سُند
مَرُن مُشرِتھ یِنہٕ نِس مقدس لور رُوزنگ جذبہٕ بَنہٕ پَرٕتھ وِزِ سون وَتہٕ ہادُگ،
تمہِ ساتہٕ تہٕ یایہٕ اُسی یتہٕ سوچان آسوٗزِتھ کأشِر بُتراتھ پیٚٹھ اوسایُتھ تہٕ کانہہ
انسان روزان۔ لیس ماجہ زِلو پیٚشرٕ ٹاٹھ اُس۔ تہٕ لیس کأشِر تہذیبک لوٗت
ژُرگ اوس۔

# نوین کاشِر شاعری

بہٕ آسہٕ ہاںساتہٕ وُہرٕ ، یُلہِ مُلک تقسیم سٕپد تہٕ ہندوستان، پاکستان قٲیِم سپدٕنس ستۍ ستۍ المناک فِرقہٕ وارانہٕ فسادن کیتۍ بےگوناہ لُکھ چھیپہِ لگۍ۔ سانہٕ جوم کٔشیر ریاستس تہِ گٔییہ ورزٕ باگے، ڈوگرٕ خاندانُک اَخری حکمران مہاراجہ ہری سنگھ جی، تٔرٕل کٔشیر تراوِتھ تہٕ تٔمۍ سُند جوان سال کُنۍ زُرانہٕ کُمار، یوٗراج کرن سنگھ جی، بنیوو ریاستُک صدر تہٕ شیرِ کٔشیر شیخ محمد عبداللہ وزیر اعظم۔ ریاستکۍن دوٗن حِصن ہُند عارضی الحاق سٕپد ہندوستانس ستۍ تہٕ باقے اکھ یعنے ترٛیٚیم حِصہٕ چھُ وُنہِ تہِ پاکستانکۍ اکھ انگ۔ بہٕ تہِ اکہِ بیٚتھ لیسارٕ گامُک روزن وول سیوو ساڈٕ شُر کیٚتھ پاٹھۍ ہیکہِ بیٚنٛن یان، یِمن تاریٚخی واقعاتن ہُند چیشم دید گواہ آسِتھ۔ دوٗن گوٗو ییٚشر ہَن چھُم کم کاسہٕ زٕہتس زِکانہہ ہے پیٚیہ مکایہِ وَچہِ کُھہ تراوِہے تہٕ لوٗکھ آسن نہٕ یان شاید آدٕبم تراونہٕ تیٚتھے کُنہٕ بیٚتھ کُنہٕ ازٕ گاڈِ ٹارینچر گرتھ ایٚہہٕ! تہٕ لوٗکھ چھہِ زمان زِکتہِ تام گوٗو بم دَماکے تہٕ خبر کس کس آسہِ سٕمن سٕمن

آمُت یہِ اوس اکتوبر ۱۹۴۷ء۔

تواریخ چھِ دِوان لرِ پھیرُن۔ بِ گۆو دا سہِ ستمبر تہٕ۔ شیرِ کشمیر آو ۹ اگست ۱۹۵۳ء گرفتار کرنہٕ تہٕ بخشی غلام محمد بنیوو جمّوں کشمیر ریاستُک دوٚیُم وزیرِ اعظم۔ بِ سپدیٚمیک نہٕ گُمانے اوس۔ کشیرِ ہِندی لۆکھ آیہِ نٕکِی ہٕدِ سٹرکن تہٕ چوکن پیٹھ نٕ سپدِ اکھ گرفتاری خلاف نعرٕ دِوان۔ تکیا نہٕ ہند محسن اوس نٕ ژھتہ نٕ آمُت۔ حقّہٕ تہٕ خلاف نعرن لوٚگ چلے جاؤ ــــ اکہِ پاسہٕ آسہِ وَنان "یہ مُلک ہمارا ہے، اِسکا فیصلہ ہم کرینگے۔ شیرِ کشمیر زندہ آباد۔ قائدِ اعظم سوٗن شیرِ کشمیر گوٚ کُمن ہندہِ ول، خُدا ین گوٗل۔ تہٕ بیٚکہ پاسہٕ اٚکی سٹیج تہٕ دِلکھ نعرٕ امنِ عالم زِندہ باد۔ کشمیر کو دیا نہیں بنے گا۔ خالدِ کشمیر زندہ آباد۔ خالدِ کشمیر گوٚو بخشی غلام محمد۔ وَنہٕ آدٕ شیرِ کشمیر اوس امریکی منصوبس نتہٕ وَنہٕ ہوس ژھٕ یہِ تحت کشمیر ہُند خودمختار حکمران بٕنن۔ یہِ چھُ اکھ الگ سیاسی بحث یُس نہٕ سوٗن موضوع چھُ۔ پزر چھُ یہِ زِ کشیرِ ہُندانا (بتا) ۱۹۳۱ء یِمیچ علامت ئیتر کالی شیرِ کشمیر شیخ محمد عبداللہ سٕنز ذاتھ آسن بنیمژ، اوس وُدی گومُت۔ یہِ سلسلہ چھُ وُنہٕ تہٕ اکہِ نتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ جاری۔ کرفیو لوٚگ تہٕ کیتہٕ بےگناہ لۆکھ گئیہِ مارنہٕ۔ یہِ اوس لولایہ اداں زین بیپرن ہُند گاسہٕ لوٗنُک وَق، بہٕ اوسُس امہِ دوہہٕ الھۆمہِ جماژ پران ــــ گیوٗن واَلی آسی دہر باج ہینی ہینی جایہِ۔ گیوٗن لاگان۔ مقبول آدٕنہٕ آسہٕ گیوٗن چیہ (اگوپی ناتھ) احد نیامہٕ (عبدالاحد نعمہ) عبدالغنی نمتہ ہالی پیر غلام رسول تکیہ نلورہ، پیر حبیب اللہ زینہ پورہ بیترِ تہٕ مقبول عام کلام

اوس :-

۱. دَپہ لو ہا باغوالو نوبہارک شان پیداکر
پھولن گل گژھن بُلبُل تِھتی سامان پیداکر

(مہجوؔر)

۲. ژ ا و سکھ گاژ جارک نور لوگُتھ نار اِنسانو
کرُتھ اِنسانیتھ بدنام ہالے عار اِنسانو

(آزادؔ)

۳. دپہ تھ باغچ کلکہ لی، کوکوکری کرہ جل تہ قمری منہ ناونے
دُچھ سونتکہ وادک ہوہو آمت باغہ بوسبر وزناونے
گوژھے یوٗد نا جوشاہ تادِمس نِشس جبہ کدل یِزہ ہے
برن یوٗد تاری آسہ نوبہارو دارِ دارِ تل یِزہ ہے

(دینا ناتھ نادمؔ)

یِمی واقہ چھینہ اَچانک سپدان ۔ یِمن پتہ کنہ چھہ سوٗ چیتھ شُرتھ منصوبہ آسان ۔ کاشُر شاعری تہِ اوس نہ اوٗت تامُک سفر اُچھہ ٹٹہ وارسے منزلے کوٗرمت ۔ اتھ سلسلس منز یِمی کاشِر شاعرن ، دانشوٗرن تہ وگدار اُدیبن مہجوٗر نادم ہوٗد شاعرتِہ کاشُرس کُن پھیرِ سُہ چُھہ مِرزا غلام حسن بیگ عارفؔ ، یُس عبدالاحد آزادؔ ، غلام احمد مہجوٗر تہ دینا ناتھ نادمؔ سُند ہم کال تہِ اوس تہ ہم خیال تہِ ۔ یہ اوس سیاسی کیو ثقافتی دپہ لوٗ ژ سوٗ تھرِ بن پیٹھ معنہ سوو تہ ہنگامہ پرور زمانہ ۔ ترقی پسند تحریک آس جوان سپدلس ستی ستی سوو تنہ

لُجِسمٕژ۔

۱۹۱۴ءَ کِس گوڈنِس جنگ عظیم پتہٕ گوٚو لینن نہٕ رہنمٲیی منز روٗس اکتوبر
۱۹۱۷ء منز اشتراکی بٔنِتھ۔ دوٚیُم عالمی جنگ وقتہ ۱۹۳۹ء کِیت تہٕ گوٚو چین
تہِ اکتوبر ۱۹۴۹ء کِیت ماؤزی ڈُنگ نہٕ سربراہی منز اشتراکی بٔنِتھ۔ جرمنی
گٔیہ زٕ ژھیلہٕ، مشرقی تہٕ مغربی جرمنی۔ ہتہٕ گوٚو اشتراکی نظام قٲیم تہٕ یتہٕ
روٗد سرمایہ داری نظام برقرار روٗسکی پانتزدہ کرد ر لکھ آیہ مارنہٕ۔ توتہٕ ہور
جرمن فوجن، ستہٕ شینہٕ طوفانس برونٛہہ کنہٕ دیان ہٹلرن کوٚر پانہٕ مور۔
حالانکہٕ موٗلہٕ کوتاہیو کنی گٔیہ سوویت روٗسس تہٕ ۲۵ دسمبر ۱۹۹۱ء کِنیت ور
نہٕ باگے تہٕ امہٕ برونٛہہ اوس برلن دیوار تہٕ ۳ اکتوبر ۱۹۹۰ء، ستیکہٕ دوٚسہٕ ہندی
پاتھٕ آو سیومت کیا، والنہٕ آمت۔ یم چھہٕ تم اہم واقعات یمو یتھ پسارٕ ملکن
ہندِ سوچہٕ والی لوکھ زٕ بتھ دیاوی۔ دُنہیک ترییُم حصہ اوس دوہ زِ اشتراکی
گوٚمت سوویت روٗس نظامس کُن لگی ساری ایشیاہکی لوکھ نجات دہنٕد
سنٕد خٔتی یتہٕ وُچھنہٕ۔ ادبس منز لوب ترقی پسند تحریکہٕ زور۔ ۱۹۳۵ء
اندر سیٚز مُمتاز اُردو ناول نِگار تہٕ افسانہٕ نِگار پریم چند نہٕ سربراہی منز
انجمن ترقی پسند مُصنفین قٲیم۔ ادب آو زندگی تیوٚت نکھ زٕ ادب تہٕ
سیاستھ بنیہ یہ اکی حقیقتژ ہندی زٕ روٗپ۔ ختکی معیار بدلییہ تمہٕ اندازٕ زٕ
ادبک فن تہٕ تمکی زاوی جار گٔییہ گال کھالتس نعرہ بازی آیہ بارسس۔ لیش نہٕ
تہٕ کرِہے سُہ اوس نہٕ ادیبے یا شاعرے۔ ۱۹۱۸ء منز چھے یتھ پُر زور لہجس
تہٕ اپشاہہٕ برژلیہ منز چکبست وَنان سہ

ہو چکی قوم کے ماتم میں بہت سینہ زنی
اب ہو اِس رنگ کا یہ ہے دِل میں ٹھنی
مادرِ ہند کی تصویر ہو سینے پہ بنی
بیڑیاں پیر میں ہوں گلے میں کفنی
ہو یہ صورت سے عیاں عاشق آزادی ہیں
قفل ہے جن کی زباں پر یہ وہ فریادی ہیں

علامہ اقبالؔ ہِیُس پایہِ بڈِس شاعرس تہٕ مفکرہ۔ ہنزِ شاعری مَنز چھِ یمَن تبدیلین مُتلق یِم نُنی تہٕ ٹاکارٕ اِشارٕ میلان سہ

قوموں کی روش سے مجھے ہوتا ہے معلوم
بے سود نہیں روس کی یہ گرمیٔ رفتار
اندیشہ ہوا شوخیٔ افکار پہ مجبور
فرسودہ طریقوں سے زمانہ ہوا بیزار
انساں کی ہوس نے جنہیں رکھا تھا چھپا کر
کھلتے نظر آتے ہیں بتدریج وہ اسرار

اُٹھو میری دُنیا کے غریبوں کو جگا دو — کاخِ اُمراء کے در و دیوار ہلا دو
گرماؤ غلاموں کا لہو سوزِ یقین سے — کنجشک فرومایہ کو شاہین سے لڑا دو

اُردو اَدب تہٕ شاعری ہنز کانہہ تہِ لوکٕٹ یا بڈٕ آواز چھِنہٕ امہِ تبدیلی ہندِ اَثر نِشہٕ بچیتھ روزمٕژ۔ یہ چھِ الگ کتھ زِ ہنگامی شاعری ہُند گرٕ بزٕ ژھوکِتھ بالہٕ وسہٕ و نہٕ آرٕ کی پأٹھۍ۔ زندگی ہندِ بنیادی مولہٕ پتھرن سیتۍ اَچھ مِیل کرنس

ستھ سیتی۔ ساڑی دُہمہ صدی ہندی نادہنس لائق ممتاز تہٕ پایہٕ بڈی ہمکال پیرزادہ غلام احمد مہجورؔ، عبدالاحد آزادؔ، دیناناتھ نادمؔ تہٕ مرزا غلام حسن بیگ عارفؔ چھہ نوٕ زمانکین تقاضن منز شدت ژینتھ باوژ ہندی نوی پیمانہٕ گرٕتھ کاشر شاعری نوٕ دوز زبہ عطا کران۔ ۱۹۴۵ء کیت سپیز مرزا عارف سٕندِ سربراہی منز "کشیر بزم ادب قایم" یمہ پیتہٕ دون زبانن کاشرس تہٕ اردوہس منز اکھ خوبصورت رسالہ "گلریز" کوڈ۔ ۱۹۴۸ء منز کوڈ مہجورن "کشمیر کلچرل فرنٹ" ناوچ تنظیم قایم ییمنگ جنرل سکریٹری مرزا عارف بناونہٕ آو۔ امی تنظیمہ ہند طرفہ سُید پتہٕ ۱۹۵۰ء کیت "کوہ نگ پوش" رسالہ جاری لیُس وری ین جوہ ہن نیران روڈ۔ یہ اوس اکھ کاروان لیُس ثقافتی، سیاسی تہٕ ادبی سوتھرس پیٹھ وُتھ دِوان اوس جبہ مرن مشرتھ سرگرم عمل اوس۔ اتھ منز اسی دیناناتھ نادمس علاوٕ پروفیسر محی الدین حاجنی، تنہا انصاری، محمد امین ترڈ دہ، نشاط کشتواڑی، شوریدہ کشمیری، محی الدین نواز، غلام نبی عارض، غلام نبی فراق، لکھن لال ژو، مولوی ابراہیم، جیالال کول، ناظر، پروفیسر رحمان راہی، سیفی سوپوری، رساجاودانی، سید شمس الدین غمگین بیتر شامل۔ ادب تہٕ ترقی پسندی اسی ماز تہٕ نم۔ احد زرگر صابس، تہٕ صمد میر صابس ہوی پایہٕ بڈی صوفی شاعر تہٕ اسی اتھی زمانس منز ینن پرٕ اسرار تخلیقی سفر جاری تھاوِتھ فاضل کشمیری صابن تھووینن وکھر انداز قایم تہٕ ماسٹر زندہ کولن تہٕ ینن عارفانہٕ تخلیقی انہار برقرار۔

اتھی پوت منظرس منز چھے پیرزادہ غلام احمد مہجورنی روٗمانی

تہٕ سیاسی شاعری تہٕ ٹھسنہٕ پیوان۔ سُہ چھُہ رمزن تہٕ کنایَن منٛز کاشرِ نِ پانہٕ
والہٕ زمانچ بشارتھ دوان تہٕ کٲشرِ جدید شاعری ہُند بُت آغاز تہٕ کران۔

گیتہٕ ترٛچ گاش آو کاہ ترووالن    سنگر مالن پیوٚد پراگاش

سنگر مالن کوہن تہٕ بالن    سنگر مالن پیوٚد پراگاش

باغکی رینزل داِلِن گالن    بُلبُلہٕ غم تراو کٔرِ یکھن واش

بیتہٕ لور چوٚنے مذہب پالن    سنگر مالن پیوٚد پراگاش

ہر دُک طوفان پوشہٕ تھر ژالن    سونتھ پیہٕ دو یہٕ اَکِ تُلہٕ پرخاش

سے چھیلہٕ تن یس دِیہٕ جنجالن    سنگر مالن پیوٚد پراگاش

گُلِ آفتابن موہرلنہٕ تھالن    لوٚلکہٕ اسمانہٕ ہیتھ آو راش

اسپند زولس اُمی گُلِ لالن    سنگر مالن پیوٚد پراگاش

معنہٕ ژاہ ہیوٚہ سنزن مِثالن    نشرِ تھ وَنہٕ ہے سر گژھہٕ فاش

دانا لوٚزن نادان نالن    سنگر مالن پیوٚد پراگاش

تَس چھُہ احساس تہٕ پتہٕ اُندری وٲنٛج کوٗران زِ سہ

چھُنہٕ اولوانن کانہہ تہٕ واتَن دادو فریادس

کن کونہٕ تھاوان بُلبُلس گُل آلوَن نالن

"وُدلو باغوالوٗ نو بہارک شان پیدا کر" بیوٚو کٲشرِ ہُنٛد سیاسی تہٕ
قومی نغمہ اوٚت زٕ شیر کشمیر اوس پننہٕ ہتہٕ تہٕ یہٕ بأتھ جلسن منٛز سیٚتِن پیٹھ
گیوان۔ مے چھُہ یاد تہٕ سُہ اکادمی ہنٛزِ اکس تقریبِ پیٹھ زنانہٕ کالج مولانا
آزاد روڈ سرینگرکس آڈیٹورئمس منٛز ۱۹۷۵ہ پتے یہوے بأتھ سیٚٹجن پیٹھ

لیہِ سان گوان بوٗزمُت ؎

دِوِلو ہا باغوانو، نو بہارُک شان پیدا کر
پھولَن گُل گَژھن بُلبُل تِتھی سامان پیدا کر
اگر ؤزِنہٕ ناد ہَن لیتی دِلَن منز تراوِ زیر و بم
بُنیل کرواو کرِ گگرایہِ کرِ طوفان پیدا کر

مہجوٗرن رُژھراوِ کاشُر شارٕ رلوٲنِتھ تہٕ واتناوِ ہِن نوِ زمانکین تقاضن تام۔ تِمو دِژ کاشرِ پرٕزنتھ زلو۔ ارضی عشقس بخشن نوی رنگ، نوٕ شیہ تہٕ تیہ،
بہچھ ؎ اَتھہ دِرد صوٗرژ پرٕدٕ ٹِلِتھ گوٚو ژٕ رسول میر

مہجوٗرٕ لاگِتھ آو بنیہِ دوٚبارٕ اَتی روز
باگو اوہ ہے ماسا وُچھوڈن یار میون
بلبلاو تہٕ ژہماری تون دلدار میون
ژلہِ لارٕ وُچھمکھ حال ونہ ہے وارٕ وُچھے روے
گگہِ زلونے گیُم اوش ودوٚتھم ودرایہِ ونے کیا
نسیمہ بوٗزم ژٕ بالہٕ دامنی کمند ہیتھ پھکتھ شکار ژھاران
بہٕ شوقہ چھانے شکار اندر ژین یہ سر ہیتھ ترے ہالالو
کامہ دِیوکرِ سال ڈل بوزم شبنم گژھتھ تیل بل
درشنس آلبس اندر پمپوشس لاگِتھ پیرٕ ہا
پوشہِ اوزنہ مُشکہ بری تھکھ رسہ پائنی کنڈ مترو تھکھ
اسہِ ونہ دبانہ گری تھکھ آواہ وارٕ وارٕ

آسے دوہ نزدیک جلدے نیر گشتہ کھچھ پھیر لوز
زوٗ نہٕ ہندی یاٹھی دریٹھ ین دوٗر گوٚپہ تے غار میانۍ
پتہٕ پھٹے اوسُس نہٕ اوسُس وقتہٕ اکہٕ باختیار
دِن گواہی میانہٕ کُنہٕ ہم پرانی کُنہٕ دیوار میانۍ

نظم آزادی" چھ مہجوٗرن برپوٗر کامیاب سیاسی کُو سماجی طنز۔ یلہٕ ساری برہم چھٹس، اکھ دردمند دِلہٕ وول شاعر کیا ہیکہٕ اَمہٕ کھوتہٕ پننہٕ زورہاوِتھ سہ

تنا ساری پیرو ساہن گرن منٛز ژایہ آزادی
سیٹھا یئتر کانی اَسہٕ کُن جلوٕ ہاوان آیہ آزادی
یہٕ آزادی چھے تراوان مُغلِس کُن رحمتِ باراں
کراں سانِس زمینس پیٹھ ژھری لگرایہ آزادی
غریبی مُفلسی بے بوٗج ستہ ہیتھ خانہٕ وارانی
اَمی پتہٕ ترایہ اَسہٕ پیٹھ سایہ تراوان آیہ آزادی
لُکن پیٹھ گئے یہٕ آزادی سیٹھاہ گوٗب بار پٔتہٕ زن
چھے کینٛژن خوش نصیبن پوٗشہٕ تل زے ڈایہ آزادی

فٔرژن یا غزل، نظم چھ ترانہٕ، مہجوٗرنہٕ شاعری منٛز چھ لوٗکہ لیہ ہندی جامہ ڈلیتھ انسانی مُحبت۔ کٔشیر، کٔشیرِ تہٕ کاشری سنٛز پیرزنتھ تہٕ ماجہ کشیر ہندلول زندگی ہندس شدہ پوٗتھرس پیٹھ گٔتھ ساران تہٕ آبہ ملرن ہندی یاٹھی اکھ اکس نالہٕ متہٕ رٹان۔

عبدالاحد ڈار(آزاد) وفات ۱۹۴۸، اوس مہجوٗرن کوٚنژھ ہم کال

یمو کاشرِ زبانۍ تہٕ شاعری ہُند اردو پاٹھۍ گوڈنیُک تذکرٕ لیوٗکھ تہٕ یُس
ریاستی کلچرل اکیڈمی وُنیک تام دۄہ تہٕ پھیرِ ترین جلدن منز چھوپ پیٹھ
بڈٕ کام کرنس پیٹھ کٔنہ تہٕ اوس کشیرِ تہٕ کاشرِ دِسنز پرزنتھ بحال کرنٕک بے پناہ
جذبے کار فرما۔ تِمہِ تہٕ نیچھِ ناوِ کاشرِ زبانۍ ہنز شعر روایژ۔ فقط تیمی تاجی فُدی
وانسہِ منزے دِلۍ تِمہِ یہِ آشوب تہٕ ناساز حالاتن منز بڈِ بارٕ کارنامہ انجام۔
تِمہ دیُت گوڈنچہِ پھیرِ کاشرِ زبانۍ طبقاتی شعور۔ علامہ اقبال صابن سیٹھا
سۄن اثر قبول کرِتھ تہٕ کٔڈن پننہِ وتھ پانے۔ تِمہ ابرٕ نِز لکس جامس منز
نوٗ مس ریچھ تیز تہٕ تیہٕ یُتر کال اوشہِ۔ تِمہ بناو کاشرِ شاعری اِنسانی دردچ"
مُتیج تہٕ زندگی ہنز ترجمان۔ تِمہ لبو دریاوچ تمثیل تہٕ وننہٕ کِنہ زِ تیتھ زندگی ہند غزلہ
ینزٕ زِ تیہٕ فقط اکھ اٹھین تبدیلی سرس چھیے ؎

ژلان چھیم شر حبابن اِضطرابن ولولن اندر
لیواں چھیم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر
مے عاد ننہ چھیے نہ لوت پھیرن مے لتس گوٗد برونہہ کنے نیرن
نہ چھس گٕژ پان چھیم تیرن نہ بلبل اوال چھیم سیرن
بہ چھس خوش ییچھ وتابن انقلابن زلزلن اندر
لیواں چھیم زندگی ہند سوز سفرن منزلن اندر
نہ چھس بنداہ نہ مستاناہ، بہ چھس اکھ لولہ دیواناہ
نہ بے گرداب گاہ ساداب گاہ بے تیز طوفاناہ

ڈلن ہیٚز شتوب سُد برِچ شان میانین ولولن اندر

یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

جگر چھُس سنگرن کتران رفتارس سۄ گرمی چھم

مدلوارن بدن ناوان الوارن سۄ نرمی نچھم

سبز رتے لول چھُم نبر نبر ورن ییمن دِلن اندر

یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزلن اندر

روایتھ یکنا د آزادن یُمہِ اُوی لہِ تہٕ زادی لہِ انداز بروہہ ت

کمہِ شوقہٕ آسس سنزراں کیا ہتمام ژہ ہتس یوم

ہتیاب اوش بادام چشمن سورمہ چھلتھ گوم

مے شادی اُسم ژے دادی باوے یہ جادی ہالکل گیم ہالالو

ژے کینہ رونھتم یہ سینہ ژونھتم مے لولہ کرتل ییم ہالالو

خشتمہ چونے چھے محشرک مادان　　محشرس منزِ ولی تہٕ ہارن دِل

ماتنزنمن، ہُمن کزل پوشہِ بدن نہ پوشہ تل

نتہ چھس ستمگرس ژورِ یہِ دِل بہ ہتاو با

بُلبلو وزد گُل ہرتھ ییٚنی سرٕ کاز گیہ رونزہ رونزی

چاک جامن دِتھ مے کیاسنہ پاکدامانس وینوم

یہِ چھے خوشتن قسمتی کاشرِ زبانی تہٕ ادبک زِ آزادس آو ڈاکٹر پدم ناتھ گنجو صابس ہیوہ دگدار دوست، امانتدار باگہ، یمی ۱۹۶۷ کیتھ نمی نند مطبوعہ تہٕ غار مطبوعہ کلام ترتیب دِتھ ریاستی کلچرل اکیڈمی چھاپنہ باپتھ حوالہ کور۔

آزادن ہلام چھوپ انتام کلچرل اکیڈیمی دِژ یہ لیٹہٕ کُلیاتِ آزاد" ناوٕ کیہہ نہٕ اَسی تَن آزادن، ثرڈ نیزی پاہٹھی سنگلات تہٕ نو تخلیقی زباں غلط کرِتھ بدلوون کاشر زبانی ہند منزانہ تہٕ۔

مرزا غلام حسن بیگ عارف (ولادت: ۱۹۱۰ء) چھِ کاشر زبانی ہندِ ہ ڈگدار۔ یمی کاشر زبانی ہنز علم بلند تھونہٕ باپتھ ہنہٕ جایہ تہٕ تخلیقی کام کرِ تہٕ تنظیمی سوٗترِس پیٹھ تہٕ امکہٕ دِژتہٕ بوٗ خاطر تھسکنہٕ لایق کوششہٕ کرِ۔ عارف صاحب چھِ موجودٕ سدٕ ہندہن جدید دورکین تَن گوڈ کالکین شاعرن منز سر فہرست یمی کاشر زبانی ہند ہلم پنو تخلیقی جوہر دستی اوٗر۔ یہ چھِ عارف صابنی یمی ہنرس ونس کُن تھوٗتھ کاشر زبانی ہندی پایہ بڈی شاعر بجوٗر تہٕ ناوٕم بیتر کاشرِ ش کُن پھیری۔ ظرافت چھِ تس دراشتن تہٕ منز تہٕ تمی سنز شاعری منز تہٕ چھِ اَمِچ زیرِ مثالہ درینٹھ گژھان۔ عارفن ذہن چھ سائنسی یتمہٕ کنی تمی (HUMAN ANATOMY) کاشرِس منز "آدمی موٗر" ناوی تخلیق کرِ تہٕ یمہ باپتھ تس کلچرل اکیڈیمی ہند ایوارڈ تہٕ میوٗل۔ "لولہ وہار" شعر سومبرنی باپتھ توٗرُس ساہتیہ اکادمی پنامہ۔ باقیہ کتابن منز چھِ تمی سنز "آگہ ودلی" (۱۹۷۱ء)، رموزِ عارف (۱۹۴۶ء) رُباعیات عارف (۱۹۵۸ء) تہٕ بانگ اول (۱۹۵۴ء) بیترِ ناوہنس لایق۔ عارف چھ گوڈ پیٹھے شاعری تہٕ ادبکس سماجی تہٕ اخلاقی مقصدس پیٹھ پزھ تھاوتھ لیکھان آمت تہٕ وُنہٕ تہٕ چھس اتھ پیٹھ ایمان۔ تمی چھ غزل، نظم، رُباکھ، واکھ، مرثی، مثنوی، وَژن، نعت تہٕ منقبت تہٕ لیکھی متہٕ تہٕ وُنکین چھ قرآن

کریمکۍ نثری کیو منظوم ترجمہٕ تہٕ مکمل کرِتھ تمۍ چھپایہٕ ہنرہٕ ژٕ کامہٕ کٔرِن لگِتھ۔ عارفن دور چھہ ینہن ہمکالن سان، یمہٕ شرادبک گاشر تہٕ متحرک دورہٕ عارِف چھنہٕ اکھ فرد بلکہ اکھ انجمن تہٕ اکھ روایت تہٕ۔ امی تھاو ہمیشہ پننۍ شناخت قایم۔ تمۍ ووّن نو شعر زبان تھران سہ

گُنہٕ ہیتھ گرگوم آلبس، شہلالبس وَنہٕ کیا

کو نہٕ ڈرایم بے تالبس شہلالبس وَنہٕ کیا

جان کھسو رُم تھان والنس یان چھُم چھیس اندر

ینیژ ییرم گرِدالبس، شہلالبس وَنہٕ کیا

شینہٕ نیرتھ یان چھوُم سنگلاتن نار درام

تو ہٕ ترٕلِس متی آلبس، شہلالبس وَنہٕ کیا

مارہ منڈی سندِ مایہ دوٗرس نارٕ تتی چھُس لٔلہٕ وان

دُبہ دال پھیوڑم عبالبس شہلالبس وَنہٕ کیا

نالہٕ متہٕ چھم عالماہ اکھ بیر ٹُھکی کرناو کتھ

شیر کیا وٕتھ اِضطرالبس شہلالبس وَنہٕ کیا

اوش اُچھن منز عارفن یہٕ چھہ موکھتہٕ صدفن درہ جگر

شبنمن ووّن آفتالبس شہلالبس وَنہٕ کیا

عوامی راج کھوت جینن تہٕ کارن
وَٹھان فریاد مو چھہ نٕنہٕ وور لارن

بُرِتھ آو گرِدِ دونس چھکھ بلیومت
چھُہ کیا ووہٕ لی واٹھہ بے کارن بکارن

غریبن مال دُیت سرمٕیت تہٕ زرہٕ دیت
کموٗ ون راج پنن لیڈرن کیٚت

تمن شاہی اُمس تلقین صبرک — یہوے روزان دوہے قربانین کنیت

وُچھم اکہِ ووڑہٕ موکھ شیرین بنان شال — لوان یم لبنہٕ ہیو آسان مس وال

یِزیک ایِزیک کران ماحول قایم — دِہنداں شٕیستر قلاے آساں زٕلرِ زاں

وٕتہٕ کیہ بند جنگی ین ہُند دوہ آو — زیٹھ عوامک منتخب از لور آو

لوہ ژٕنڈ کھینہِ فاقہٕ ہیتہٕ اکی باکھ ژھٹ — ہا خدایو از تہٕ پے چھس ہور کاو

سیاسی بازی گر وایان ڈابرٕ — چھہِ پھیٖراواں سیٚدین سادن اناں گرٕ

نظربندی کرتھ کاوس وِنان پاژ — پھوان یٚتہٕ کالی جیس آسان گنٚٹر پھیر

دینا ناتھ کول نادم (۱۹۱۶-۸۸ء) چھہ تہٕ تہ اوس تہٕ کاشرِ زبانی ہند ممتاز، جادو نگار اکھ سوینُ ہند سوداگار، گریزُن تہٕ پُر اسرار لوکہ لیہ ہند شاعر یمی سنزِ شاعری ہند مولہ مزاز کاشرِ مٹیرِ ہنز خوشبویہ ساروے کھوتہٕ زیادے قریب چھہ۔ یہ کتھ چھےٚ تمی سندِ کلہم شعرِ مزازہٕ تلہٕ نٕنے تہٕ ٹاکارہٕ موضوع آسی تن سٕھے ما مولی مگر نادمنی قلمہ چھی چھےٚ اکھ ٹٹہٕ وہرس منز سہ ولس سٕرتل بناوان۔ سہ تمی سنز "ماج کشیر"، "گوڈنیک نظم آسی تن یا پوس لیو کھمت کانہہ "حارِ ناتھ"" سہ چھہ جادٕ برتس اکھ فضاہس ژھایہ اکھ وسیع معنہ لورت دُنیا آباد کران یمکی بے شمار معنہ ژاران ژاران اسہِ وقتک خیالے چھینہٕ روزان سہ

ژرے کمی ووٚن نے چھہِ بلبل جایہ ناریتھ — بہتھ واراہ نے منز کاٹھ مارتھ

ژٕ چھکھ ہمالیچ زٹھ ٹاٹھ ہش کوٚر — توے چھےٚ لوٚرہ آلوشن ژرے برلوٚر

دلیس آو نِندرٕ منز سونیا منس منز — وُچھن اکھ الپہ رانیٚش لوٚدولس منز

یہِ لوٚزِتھ آوا سُن تَس دراییہِ وُزمل ۔ سنگرمالن کھٔژتھ رٕوز ژھایہِ تَل تَل
یہےٚ وُزمل تہندِ موکھ یام درایے ۔ بٔنتھ کشیرِ دلوی پایہٕ آے
(ماجِ کشیر)

یاد وُچھتون یہِ نظم لیوٚکھ نادِم صأبن ۱۹۴۶ منز تتھ مشاعرس منز یُس
مرزا عارف صأبن لِشاطہِ تھوومُت اوس ۔

ہٕژراوی بٔرِ تے دارِ ولِیسی سونتہ ہے سالہٕ آو
گُل لالہٕ سوٚنبلن ستی ستی کاٹھ کالہٕ ہے آو
پھوٚرج ٹیکہٕ بٔنِتھ سٔندہٕ بٕتھن مائے ۔ برائی
تَس بندرٕہتس ژھایہِ گِتن آیہِ ۔ جوانی
لُس لالہٕ کھٔژتھ اوس ژٔتھ جامہٕ سٕہ لوٚن دراو
ہٕژراوی بٔرِ تے دارِ ولِیسی سونتہ ہے سالہٕ آو
گلاب تھرلوٚغایہٕ منزٕ آب چھُ چومُت
بے تاب نرہٕن بُنگرِ نرہٕن چھوٚنبِ چھُ ہرلومُت
خمار ہتین پوٚشہِ پھٔتن وُچھتہٕ کوتاہ چاو
ہٕژراوی بٔرِ تے دارِ ولِیسی سونتہ ہے سالہٕ آو
تُمی آسہِ ژوٚمژ لولہٕ ہتن کارٕ پیتن ستی
یا آسہِ شونگمُت میانہٕ دلکِن نارٕ تتن ستی
نتہٕ کیاز وہٕ شلیومُت چھُ بالن ژھایہِ چمکاو
ہٕژراوی بٔرِ تے دارِ ولِیسی سونتہ ہے سالہٕ آو

وۄ تھی بارِیٖژ کُکلی کوکو کٔری کٔری جل تہٕ قُمری منہٕ ناوِنے
وُچھی سونٹکہِ واوُک ہوٗ ہوٗ آمُت باغہٕ بُمبُر وُزناوِنے
گاہ لوٗگ گٹہِ سٖتی مُتی کرنے
شبنم لوٗگ باغس پھٹتی برنے
مےٚ چھُہ باسان شاید اَز برس تَل وُزمل لٔجِ مَس مٔژراونے
یایہِ مَتس عطرَ تہٕ پھٕلی لٕہ مِلیتھ
رۄ پہ سٔنز تنہٕ سوٚہ سُند جامہٕ وٕلیتھ
کمہِ تیہِ سال نوٗریہ آمُت چھُے لوٗد جود گُلن وُزناوِنے

سوٚنتھ تہٕ ہرُد، نعرۂ شباب، نعرۂ انقلاب، گرہٕ اوٚ کشیرہٕ ہند دعویٰ، سوٚوزِ برزُن چھُم مےٚ چھِم آش پگہچ، بہ گسوٚ نہٕ اَز، مےٚ چھِم کاٹم باقی، کاٹھی دروازہ بیٚیہٕ گرہٕ تام بیٚتر چھُہ تمہٕ نظمہٕ ہِنْزِ نادِم زور زبردستی ہندِس دُنیاہَس سینہٕ دٲرِتھ دوٚکھ لٔدِ انسانہٕ سُند انسانیتُک نغمہٕ خان بٕنِتھ کاروان تہٕ ترانہٕ گیوٚی گیوٚی تازٕ دم چھُہ کران۔

۱۹۵۳ء گیٚیت چھُہ پرد لٔعٲری دِنیہک لوٗڈ بار سخت گیر لیڈر تہٕ سوویت رٗوسُک ڈکٹیٹر حکمران اَٹھو وُہن وٕری ین حکومت کٔرِتھ مران یمہٕ پتے نرم روی ہِنز پالیسی ہندی اکار نیٚو ٲسن نیرِ ہیٚتی متی — خروشچیف آو برسرِ اقتدار تہٕ تمی بخش نہٕ سٹالن سندس شوٗس تہٕ۔ تیز رفتار زندگی آیہِ علامتہٕ نکھہٕ۔ تکنیکی طور بدلہٕ وُن دُنیا ملکی لِس گنڈِتھ تھوٗن رۄد نہٕ مُمکنے ٹکیاز تہٕ کینٛژھا گٔن اوس تہٕ چھُہ تہٕ زندگی ہندِس موٗلہٕ ہِنٛزِس تہٕ انسانی سوٚبادس

تہ پرکرٕ تھان خلاف۔ پتھ روز مفادن آویز سیاست سو چھے گاسہ کرِتھ
تہٕ تھپہٕ کران آمت۔ ساری برہم پھٹتھ کترِ وچھ تا پہ لہ اکھ تہ ولکلوو۔
۱۹۸۰ء اور پور چھ نادم "نابدتہ تیٹھ وینہ" حاری شاتھ تہ زتنہٕ تہٕ تخلیق
کران۔ نادمنی شاعری چھے زیاد معنہٕ ساو۔ رنبہ ووذ سرتازہ تہ بیہ ہن سدا
بہار بنان۔

سماجی، اخلاقی تہ اشتراکی مقصدیتس آویز ادبی کاروان دیت
دارہ وارہ تھکھ۔ پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر غلام نبی فراقؔ، محمد امین کاملؔ،
ارجن دیو مجبورؔ، غلام نبی عارفؔ، عبدالستار رنجورؔ، پتامبر ناتھ درفانیؔ،
مکھن لال محو بیتر ساری لگی پن پننہ آیہ ووند باوژگتی باوژبل ازماونہ
تہ ازی چھ کاشر جدید شاعری ہنز نند رواتھ یمکی مولا دار مہجور تہ آزاد
چھ، داتہ پہی بدلان، نوی رنگ تھٹان اسہ تام، سون گون تہ معنہٕ لوٗرت
آوازہ لہرن ہند روپ دارتھ سہ

بیوکھ دیت کمی تال تھوو ی اشکالن
آگرہ ناگرہ تھیوو پر ہتھ پھیرود
انہ گتہ کمہ تہ کھ کوسہ نتہ زالن
ولیسی معنہٕ میانین نالن رود
(کاملؔ)

---

لہ محمد امین کامل صابنہ وننہ مطابق آسی امہ کمن منصب دارن تہ ممبرن منز غلام محمد صادقؔ، مرزا محمد افضل بیگ، جسٹس جیالال کلم، درگا پرشاد در، اسداللہ کاظمی، شودھان سنگھ چوہان، مس محمودہ احمد علی شاہ۔

تریلوک کوٗل، محمود ہاشمی، پریم ناتھ پردیسی تہِ شامِل۔ کلچرل کانگرس کِس بدلیمتِس ناوَس تل اوس مہجوٗر امیک سکریٹری عبدالرحمان راحت، سومناتھ بٹ، نور محمد روشن، اختر محی الدین، امین کامِل علی محمد لون، سومناتھ زُتشی، پروفیسر پُشپ، عزیز ہارون، غلام رسول سنتوش، پران کِشور، غلام نبی فراق، غلام نبی خیال، ارجُن دیو مجبوٗر پریم ناتھ پریمی بیترِ تہ بیدی اَتھ سیتی شامِل۔ (شیرازہ ۲۲: شمارہ ۳-۳ ص ۲۰-۲۱ مہجوٗر نمبرن ہُند ورقہٕ پھیر۔ امین کامِل۔)

# غلام رسول سنتوش

تَمہِ سوٗدُن یَجہِ نجہ تُر تہٕ پوٚنہِ سوٗ مہ چشمہٕ کَنہِ گنہِ میُل کرِہ تہ تلواُری بہٕ
کُتاد پھولہٕ وَن ڈٲکہٕ، ڈوٗگرٕ ڈوٗگرٕ اَسہٕ وُن موکھ، تھزِ تھزِ نستہِ بوٗنہٕ کَنہِ
شُبہٕ وٕنہِ ژھو چیہِ ژھو چیہِ گونٛڑھ، تَمہِ تَمہِ پۆرزلوٗنہِ دَندٕ مالہٕ، چھِج دار گوٚن
کانکنہِ مَس، سوٗم سوٗم قد لوٗڈ لوٗڈ پیٚری تُرادِ وُن تہٕ جولنہٕ نالہِ ژھنہِ ووٚتھ
وانجہِ لوٗ تہِ لوٗ تہِ خبر اَتر پۆر ژھَن وول سنتوش ساد، تُرول اَسہِ ہمیشہ یابتھ
۱۰ مارچ ۱۹۹۷ء آتھوارِ تہٕ ژٕندروارِ ہنزِ درمیانی راتھ تُرادِ تھ یہانہٕ کوٚرنس
دِلہِ حرکت بند گژھنہٕ ک۔ وُنہِ اوس اَہ ہاتھ وُہرے۔ وُنہِ شُبہِ ہَس تہٕ کاشُر
تہٕ کاشرِ زبانی ہُنداُ ذہشوٗرداوٕ ہالہِ ہنزِ ہمہٕ آمُت چمَن تُرادِ تھ نیرُن تہٕ
ہمیشہ ہمیشہ خاطرٕ روشُن۔ بقولِ وہاب حاجنی ؎

چھُہ ہر کانہہِ اَتھ سوسنس باج دیُن
کلَس سارِنے سوسنُک باج دیُن
گژھَن کانہہ یِم تازٕ سوسَن یرے

یہِ بُڈ زانہِ انہ تام کأتیاہ گرے
یہِ دُنیا چھےٚ زَن مالہِ کٕے ناوِ گاٹھ
ترَن کیتہٕ تارے کرَن خأر یاٹھ

کوتاہ رُت گیوو اگر یہِ مأری مۄند خأر یاٹھ ہنا بیٚیہِ تہٕ تٔریر کال تام
پوشہِ ہے تہٕ نیأوی پوشہٕ نرم اَتھہٕ واس بیٚیہِ تہٕ لولکُ وُشنیر بأگراو ہے تکیاز
اُزی کِس شٔیہمتِس ماحولس منز چھےٚ خدایہ سٕنز یٔژھہِ ہش بُڈ عنایت
زیادے پہَن درکار نتہٕ مارہ ونہِ یہٕ الٲنہٕ سٕنز رنگہٕ رنگہٕ واوس لوٗگمت
ژھوٗرنہٕ چھوٗن وجوٗد تہِ ڈٲنجہِ۔ سہٕ اوس وُنہِ پننس لوکٕٹس بأگِس تہٕ ریاستکس
معروٗف مُصوٗر، صادق سُند موجوٗدہٕ پُرآشوب حالاتن منز گوٗلی ہنہٕ کہِ بہانہٕ
جانمرگ سپدہٕ نِشہِ سنداریٚنی زِیانہٕ تہِ دوتُس ہنگہٕ منگہٕ تورہ کُےٚ ناد۔ لوزوٗدے
تہٕ زندگی ہندِس اکہِ حسابہٕ کُلی تہرِس اَلوندیاروٹہٕ وأنِٹس ڈوٗلِس سےٚ چھےٚ
اَکےٚ یازٕے ووکھہٕ گبلہٕ کأنی تُھترِس شرہ ہیٚنہٕ باپتھ۔ یاوَلوٗ یہِ کتھ ہیٚتھ کٔنہٕ
زِیتھ واوِ ہالہِ منز چھُ کُمَن کُمَن رأیلیَن کڑاپھ کرِتھ یتھ لایہٕ ہیٚنہٕ خأطرٕ اکےٚ
واوِ جوٗنتھ بکار۔ کأشرِ زبأنِ تہٕ ادبس رود نہ صرف اکھ مُنفرد اسلوٗبہٕ
وول معروٗف شأعر، کہأنی کار تہٕ ناول نگار بلکہ اکھ بےمثال دگدار
تہٕ ٹرگ درلیَس کأشرِ تہذیب سٹھے لوٗٹھ اوس۔ پرأنہِ کیٚٹنی ہُند تنہِ دار
پھیرن لاگن کوٗرمن نہٕ آخری دمس تام زِنٕنہِ ترک، بامے کٔشیرِ منز روٗد
یا کٔشیرِ نیبر دِلہِ منز۔ ہٹہِ اَس ہمیشہ روٗدہٕ مالا نألی آسان۔ سنتوشن تھوٗ پننہٕ
خاص انفرأدی شناخت برقرار اکِس فردہٕ سندِ حیثیتہٕ تہِ تہٕ اکِس ممتاز بیٚن

الاقوامی شہُرت یافتہ مُصوّر سُند حیثیتہ تہٕ۔ تِس یا تسندین شُرین پاٹھن
گوو نہٕ یہِ نہنے تہِ کاشُر بوٗل حالانکہ تمی گُذوٗر پننہِ تخلیقی وٲنسہِ ہندی کیٛتی وری
گرِ کٔشیرِ نیبرٕ دِلہِ منز۔ سنتوش اوس مَنہ شوٗد تہٕ وہ ندہ وشُن فنکار تہٕ تہٕ
انسان تہِ یُٹھمی دیہ دِلی تخلیقی قوت سنجیدگی سان ورتاوِتھ بے پناہ انسانی
مُحبت نیچھِ لوو۔ ۱۹۶۸ء ایس کُئت گوو امرناتھ یاترایہ پیو سہ تھندی وننہ
تَسنز مُصوّری، تہٕ شاعری تہ اَدبس منز اکھ اہم موڑ تاتھ سپنز۔ ۱۹۶۹ء
پتہٕ کوٗرُن پننین تصویرن پیٹھ دستخط کرنٕی ترک۔

سنتوش اوس اکثر وندس دِلہِ منزٕ روزان تہٕ رہتہ کالہ کٔشیر گرتران۔
یار برادری ہند حال اوس تیتھ روزان زِ تٔمِس آسی پننی، تاٹھی شری باٹہٕ
تہِ مُشتھے گژھان۔ وونہ ژھتس تہٕ خاصکر یتھ اکھ وٕھس لا اُبال انسانہٕ
سُند یا فنکارٕ سُند دامانہ کُس یُتھ رٕ نفسانفسی تہٕ خودغرضی ہنز وٕنلہِ منز
ہینہٕ آمتس ماحولس دیدمان اَکھ منز یلہ نژاوُن ــــ!

سہٕ اوس رنگہ رنگہ ریاستی کلچرل اکیڈمی ستی والبتہ بلکہ ہکو
یِہ کتھ وثوق سان وَنِتھ سنتوش روٗد مرنس تام اکادمی ہندِس پالسی سازٕ
سنز اہم ذمہ داری نباوان۔ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہُند قیام آو ستمبر
۱۹۵۸ء کُئت عملہ منز ـــ تمہِ پتہٕ کیٛنہ وری گژھی تھے آیہ ییر بتھ وری یہ
آرٹسٹ کیمپ ستی ستی سنتوش مجسمہ سازن ہندی کیمپ نہٕ باقاعدگی تہٕ
گنڈتی پاٹھی لاگنہٕ۔ یمن بامعنے تہٕ بامقصد کیمپن ہُند مولہ منصوبہ ساز اوس
غلام رسول سنتوش۔

بہٕ رُودُس پانہٕ تہٕ تقریبن دٕہن وریَن اکیڈمی ہندِ کاشُر شیرازُک
تہٕ سون ادب سالنامُک ایڈیٹر مارچ ۱۹۹۶ء منز رٹایر گژھنس تام۔ مے
رُودی تمی سندی سوٗ للی مشوٗرِ وِزِ وِزِ حوصلہٕ دِوان۔ تمی سُند قلمی تعاوُن
تہٕ اوس جوٗر رُوس یٔمہِ تلخ حقیقتہٕ باوجوٗد زِ اکادمی ہُند دِنہٕ ینہٕ وول
معاوضہٕ چھُہ تہٕ تہٕ اوس تہٕ برائے نام۔ تمی پرٛژھ بہٕ مے زانہہ تہٕ زِ نظمہٕ،
غزلس، کہانی یا مقالس کیا تہٕ کوتاہ معاوضہٕ ترٛاوِم۔

فروری ۱۹۹۵ء دوران کوٗر ساہتیہ اکادمی نوٚ دِلہِ تہٕ جمُک اکھ ورکشاپ
منعقد یُس دٕہن دُہن چلان رُود۔ ترجمہٕ باپتھ اُس شِو، کے، کُمار
سنٛز ترتیب دِژمژ انگریزی معاصر افسانہٕ سومبرن۔ "CONTEMPORARY
INDIAN SHORT STORIES IN ENGLISH" ژارنہٕ آمژ۔ سنتوش صابس
علاوٕ اُسی اَکھ ورکشاپس منز سوٗرِ گرٕ واسی پروفیسر پی، این، لیشٹ، غلام
نبی ناظر، محمد یوسف ٹینگ، نشاط انصاری، ڈاکٹر محمد زمان آزردہ،
ہری کرشن کول، شاد رمضان، عزیز حاجنی تہٕ مجروح رشید تہٕ شریک۔

سنتوش رُود باقاعدگی، اژکہِ تہٕ سنجیدگی سان ورکشاپ بامقصد تہٕ بامعنے
بناونس منز پیش پیش۔ ترجمہٕ کار اوس پنٕن ترجمہٕ پران تہٕ ساری بوزن
دأی اُسی ترجمہٕ بوزنس ستی ستی تمیک مقابلہٕ موٗلہٕ انگریزی مسوٗدس ستی
تہٕ کران۔ سنتوش اوس ژکھِ گژھنہٕ یانکھ رچھنہٕ وراٰپی کاشرس ترجمس
منز زبأنی ہنداصل روٗح قایم تھاونس پیٹھ زور دِوان تہٕ موٗلہٕ کہانی
ہُند حاوی فضاوٕ ژٕ زدنہٕ کرنک بانٛد باند کران۔ وٕنی کین چھِ مے یکوٗ بہٕ ماگر زارِدمتہٕ...

تم معنہٕ برٚٹ تہٕ ہی پھیری پھیری تٕہ تس پتوان تہٕ سنتوش اُسہٕ وُن، مرنجامرنج،
رِندمشرب تہٕ روشن خیال انسانی پیکر برونٛہہ کُن انان۔ سنتوش صابس
ستی اوس ذاتی طور میون یوٚہے آخری مُلاقات، وۄں گو وخط پتہٕ تہٕ قلمی
تعاونہٕ کنہٕ اوس اوٚڈ ملاقات سپدٕن تھٕے۔ خُدائے کرِ ہٕنس رُحس سکوٚن عطا،
اَسہِ کرِن تہٕ ہندِ ین انگن آشناون سان یہِ بار صدمہ برداشت کرنہٕ باپتھ
صبرجمیل عطا۔ تکیاز اُسی چھہِ اللہ تعالیٰ اِسندی تہٕ گژھن تہٕ چھہٕ پھیرتھ
تٔسندِ نش۔ اِنا للہِ وَاِنا اِلیہِ راجعون ہ۔

غلام رسول ڈار "سنتوش" زاو ۱۹ جون ۱۹۲۹ء لیس منز ڈب تل سرینگر
تہٕ روزان اوس چینکرال محلہ سرینگرٕ۔ موٚل اوسُس یُلہٕ وول۔ سنتوشس
اوس لوکٕ پانہٕ پیٹھے تصویر بناونک شوق۔ سُہ چھہ پانہٕ تہٕ اکھ کتھِ کُن اشارٕ
کران لیکھان۔

"بہٕ چھس بیک وقت مُصور تہٕ ادیب۔ میون ادب تہٕ تصویر چھہٕ اَز
تام لرٕ لور ٹکی متی لہٰذا چھہٕ سفر تہٕ، دۄ یہِ کُن گُنے ـــ امے آس لوکچار
پیٹھے تصویر بناونس کُن رغبت۔ میون موٚل اوس یُلہٕ وول تہٕ یلوامہ
اُسس خزانس ڈیوٹی۔ امہِ وقتہٕ اوسُس بہٕ تٔرۄ مہ جماژ پران۔ امہٕ برونٛہہ
یوٚر مے محلہٕ ہیٚپے منز جبری سکولس منز۔ یم جبری سکول اُسی پرتھ محلس
منز سوٚرگ واس مہاراجہ ہری سنگھ صابن ترٛاوی متی۔ چھیٚ ین منز تہٕ اوس
اَسہِ اکھ بٕڈ ماسٹر گریٹھ سکوٚل اَتان تہٕ پرناوان۔ یلوامیک مڈل سکوٚل
اوس اکھ سُہ واحد سکوٚل یُتہٕ دۄیمہٕ جماژ منز تہٕ ڈرائنگ اُسی ہیچھناوان۔

ڈرائنگ کاپی اُس ہلکہِ نیلہِ رنگہٕ اکھ اَنٹ مربع خانہٕ بناوِتھ آسان۔ ڈرائنگ
ماسٹر تہٕ اوس بلیک بورڈس پیٹھ یِتھی خانہٕ بناوِتھ تِمَن منز جگ، گلاسہٕ
بیتر بناوان تہٕ لڑکہٕ آسی اَتھ نقل کران۔ اَتہِ اوس ڈرائنگ ماسٹر بھاسکر
جُولیُس ہڈبی پارک لبسکین اوس۔ سو رُگہٕ واس شِونانھ رینہ تہٕ حالے حیات
دیناناتھ ولی تِہ آسی اَتی لبان۔ مےٚ چھُہ یاد زِ پلوامہِ سکوٗلہٕ ڈرائنگ کلاسس
منز اُس اکھ لوٚکٹ سینری ڈرائنگ ماسٹرن بناوِمٕژ۔ مےٚ اُس یہِ پٹھ
خوش کران تہٕ رِسس اوٚسس اکثر اَتھ وُچھنہٕ لوان۔ مےٚ اوس پرائیوٹ
ماسٹر لیس ناو اوس عبدالاحد۔ یہِ اوس پیر کوٹ تہٕ مسجدِ نِکھ اوٚسس
مکانہٕ۔ یہِ اوس مُصوّر۔ اوٚہنِد اکھ تصویر یتھ منز سکاوٹ جھنڈٕ ہیتھ
اوس، اُس سانہِ سکوٗلہٕ ٹرافی لیوسہٕ پیر ہتھ رٕٹتی تتھ کلاسس اُس دِنہٕ
لوان لیُس سارِوے کھوتہٕ صاف آسہے۔ یمن دوہن اوس سکوٗلن منز
صفائی کا ہفتہ، مناونہٕ یوان۔ لڑکہٕ آسی گامہٕ گامہٕ پھیرتھ صفائی کران۔
اکِہ دوہ یہِ اوس نہٕ میون پرائیوٹ ماسٹر گرِ۔ مےٚ وُچھ کمرس منز رنگہٕ
ڈبہٕ پلیے۔ مےٚ تُل برُش تہٕ بنووُم کاپی منز اُہند تصویرُک نقل۔ رنگ
کران کران اوس مےٚ اُہندِس اُکس نکاح نامس یتھ اُمی حاشیہ بنومُت
اوس رنگہٕ چھکو دروٗ دیتمُت۔ یہِ اوس میون اولین رنگ لبتہ تصویر
یتھ یاٹھی چھُہ سنتوش اُکھ ٹیا نوو ہرے مُصوری ہُند آغاز کران
لیُس بلاشک تِمی سند اولین عشق تہٕ چھُہ۔ میٹرک کوٚرُن ۱۹۴۵ ہس منز
سٹیٹ سکوٗلہٕ پاس۔ تِمہِ پتہٕ گوس مول مٔرتھ تہٕ گو یتیم۔ ماجی ہینزی

سُفارشہِ پیٹھ اوس شالی سٹور دوہہ مزدوری کران تہٕ دہ روپیہِ آسس رتس تنخواہ۔ غازٕ حاضر روزنس پاٹھٕ پری واتنس پیٹھ اوسُس دوہ ژھبنان۔ ژاٹہٕ باژ گاٹس کالجن۔ سُہ اوس یژھان تو تہِ ٹیکنکل کالج گژھتھ مُصوری ہیچھنی ہُنتھ اوذقہ تہِ پکہ ہس تہٕ اندرِمس فنکارس من تہِ رنزوتہٕ پییہ ہس۔ شالی سٹور نوکری تراوِتھ بنیو رنگ ساز تہٕ لوگ لسن لِکھاے کرنہٕ کمیے کالس گییس اُدہ ڈالکھاے کرنچ مہارتھ۔ سو رگہ واس مہاراجہ ہری سنگھ نہِ محلہ تہٕ کرن رنگ سازی۔ تصویر سازی ہند شوق تہِ تھوون جاری تہٕ آخر ووت سُہ دوہ تہِ ییلہِ تمی ۱۹۵۲ منز نیڈوز ہوٹل سرینگر پننین تصویرن ہنز گوڈنچ نمایش لاج۔ ڈاکٹر کرن سنگھ صابن ہیتہ اَتہِ سنتوشنی نہٕ تصویر ٹلی تہٕ بنیو تمی سندِ شوقیہ فنک گوڈنیک خریدار۔

۱۹۵۸ ہس منز آیہِ ریاستی کلچرل اکیڈمی وجودس۔ سنتوش سپد اَمچہِ سنٹرل کمیٹی ہند ممبر مُنتخب۔ اَتہِ اوسُس ماہوار ہتھ روپیہ تران۔ تمنے دوہن لوڑس بھارت سرکارکہ طرفہٕ مُصوری ہنز تربیت حاصل کرنہٕ خاطرٕ وظیفہ تہِ۔ بروڈا مُصوری ہندِ کالجُک سربراہ اوس این۔ ایس۔ بیندرے ییس نِش تمی تربیت حاصل کرنچ خاہش باوٕ مژٕ اَس۔ تمہِ باپتھ پیو سنتوشس پرائیویٹ طالب عُلمہٕ سندِ حیثیتہٕ تتہِ داخلہٕ نیُن۔ وظیفہٕ اوسُس رتہٕ واد ڈاے ہتھ یمہِ منز ہنژاہ روپیہ ڈکہٕ بچہِ ماجہِ اوس سوزان۔ باقے زٕ ہتھ روپیہ اوس پننس عزیزٕ دوست مُصور ترلوک کول صابَس ستہِ زٕلِتھ ترتس پوشناوان۔ بروڈا، واتنہٕ بروونہہ اوس سنتوش لینڈسکیپ بنیٖر کیوب

اِزمُک اوٚسُن سوٗن اثر قبوٗل کوٗرمُت ۔ للت کلا اکادمی لوٚو دِلہٕ ہُنٛز گوڈنِچہِ
نُمایشہِ منٛز کٔرِن سے سمٕی لینڈسکیپ تصویرٕ پنٕنہِ ہُنٛز نُمایش ۔ بروڈا ریلوے
سٹیشنس پیٹھ اوس ہنصف راتھٕ تام سیکچنگ کران ۔ یہِ روایت تھوٗن
اٚخرس تام اکِہ نٔتہٕ بیٚیہِ رنگہٕ جٲری ۔ لوکچار اُس تٔہنٛز آرٹ گیلری حبہ کدل
پیٹھ بازرگ تصویر دُکان ییٚتہِ دِلوی دوتاہن ہندی پرنٹ بٹہٕ ملی آسی
ہوان تہٕ ییٚتہِ سہ گٲنٹہٕ واد شکلہٕ وُچھ وُچھ گساوان اوس ۔

صحی پاٹھی النسانی شبیہہ بناونی ہیٚچھن مہابلی پورم تہٕ کونارک مندرن
منٛز موٗرتن ہنٛز سیکچنگ کران ۔ ۱۹۵۷ ادیس منٛز توٗرُس "امن" تصویرِ
باپتھ للت کلا اکادمی اوارڈ ۔ نیشنل گیلری آف آرٹ کہِ طرفہٕ آیہِ تٔہنٛز
اکھ تصویرٕ ملی ہیٚنہٕ ۔ ییٚتھ کٔنی آو سنتوش کشیرِ نبر تہٕ زانہٕ نہٕ تہٕ تمی سندن
رنگن ہنٛز تیٚہہ وانٹہٕ بڈہن بڈہن الیوانن تام ۔ اتھی دوران کٔر تمی بمبیہِ منٛز تہٕ
تصویرن ہنٛز نُمایش یمہٕ اٲسی رنگہٕ تصویر آسہٕ تہٕ یمن منٛز تمی برشہٕ بدلہٕ بلیڈ
ورتوومُت اوس ۔ برودا پھیرتھ ییٚنہٕ پتہٕ بنیوو سہ مکمل پیشہٕ ور (پروفیشنل)
مُصور ۔ اوٚرِ پیوٚس پیچ کام کرٕتھ اوس اوقٔ پکناوان ۔ کُمار گیلری بمبیہِ
سیتی اوس مُسلسل رابطہٕ ییٚتہٕ تٔہنٛز تصویر منٛزی منٛزی کنٛنہٕ تہٕ آسہٕ یوان ۔
سنتوشنہٕ تصویرٕ چھےٚ پوٗرس اکھ تخلیقی تسلسل ہیٚتھ شوشکتی ہندِس
کاینٲتی تصوٗرس پیٹھ ڈرٛتھ لیُس تانترک ناد وِیود چھُ ۔ سنتوشنس آسی
رنگ کیٚتھ کرناوِنی تگان ۔ یہِ چھےٚ تٔہندِ فنُک آفاقی اپیل یمہٕ کِنی تمی بین الاقوامی
سوترس پیٹھ تہٕ ییٚنہِ فنی نُمایشہٕ نیوٗ یارک، لاس انجلز، شکاگو، شہرن

منزلاجہِ — واشنگٹن، جاپان، کنیڈا، یو۔ ایس۔ اے، فرانس، جرمنی، ہانگ کانگ، مانیلا، سنگاپور تہٕ دوٗبے ہوٚن شہرن منز لاگنہٕ آمژ گروپ نُمائشہِ تہٕ شوٗ براوِن پننہِ موٗقلمہٕ کرِ تیٚنز سیٚتی — اکس نُمائشہِ منز اوس پنُن بُتھ پیٚنٹنےٚ آیہِ رنگن ہنز زیوٚ لوٗومُت یُس بڈٕ پسند کرنہٕ آو۔ سنتوشنہِ تصویرٕ چھےٚ ہندوستان تہٕ امہِ نیبر بین الاقوامی سوٗترس پیٹھ فنکین گنجینن رونق تہٕ ہُرر آوِتھ تہٕ موٗل تہِ۔ سُہ روٗد سارِ سیٹھاہ وانسہِ ریاستچہ ثقافتی تحریکہِ خاصکر ہتھ کٲشرِ منز اکس پالسی سازٕ تہٕ وٲتہٕ ہاوک پنٕدرِ حیثیتہٕ عاوی۔ یُہمیک اعتراف ریاستی کلچرل اکیڈمی علاوٕ دوٗردرشن تہٕ ریڈیو بیترِ ہوٚن ادارن تہٕ چھُ۔ تس چھِ مُصوٗری نیچہِ ناوہٕ یا پیٹھ للت کلا اکادمی اواڈٕ علاوٕ ریاستی کلچرل اکیڈمی ہندی کیٚتی اواڈٕ تہِ ترٛی میٚتی۔ پدم شری اعزازٕ آس ۱۹۷۷ یس شر عطا کرنہٕ "بےٚ سوکھ روٗح" ناوی شعر سوٗمبرنہٕ چھُس ۱۹۷۹ ءکس ساہتیہ اکادمی اواڈٕ توٗرمُت۔ "سمندر پیاسا ہے" ناوی اُردوٗ ناولہِ تہٕ گُلریزٕ ناوی اوپیرا ہس چھُس ریاستی کلچرل اکیڈمی اواڈٕ دِنہٕ آمُت۔ امہِ علاوٕ چھُن کٕلہن اواڈٕ تہِ پرٛوومُت —

سنتوشُن موٗقلم چھُ شیدہٕ سوٗرس لرِ لوٗرِ لیکان۔ دہ شوٗب صوٗرتن منز چھُ عشقُک تہٕ حسنُک ترجمان بےٚ مثال، بےٚ انت تہٕ بےٚ نام پیکر سنتوش، یُہُندُک اظہار سُہ "بےٚ سوکھ رُح" ناوی شعری مجموٗعس منز پیٹھ کُنہِ تہٕ یُہمہِ اندازٕ کران چھُ:-

"ییٚن تجربہٕ بییٚن تام واتہٕ ناوُن تہٕ تِم تتھ منز شریک کرنہٕ چھےٚ اکھ

فطری خاہِش۔ اَمی خاہِشہِ ہُند نتیجہ چھُ میانٛی یہِ بیاض۔ اَتھ منٛز چھُ سنتوش
اکھ عام انسان، اکھ عام ذہن، قُدرتکین نظارن ہُند پرستار، اکھ عاشق
عشقٕچ وبا اکھ دِوان۔ دۄکھ ہِنٛز ہمدردی ہُند جذبہٕ وۄتلاوان۔ بآج
وَرِٕ تہٕ سۄکھ بۄگان، اکھ مُصوّر رنگن گِندان، رنگن آکار بخشان۔ رنگن لفظن
ہِندی جامہٕ پآراوان۔ لفظن معنہِ بدلاوان۔ اکھ فکر انگیز ذہن قدرتکین
رازن سَنان۔ زٕگتہٕکِس پریتھ رۄلِس منٛز یَنٛنے رۄپ وُچھان۔ ہینِس
آکارس منٛز نراکارٕ سُند آکار وُچھان تہٕ ژھاران۔ واتنہِ ہندلو دۄہ
دۄہکیو تجربو کۄرُس بالغ۔ زمانٕکیو حادِثاتو تہٕ حالاتو کۄرُس جوان تہٕ
جوان ذہن دُیت ہم۔ عشقن دِژُم اظہار۔ رفیقو تہٕ دوستو ژٕلرووُم ریاض
لِجر۔ گوٚنمات دوستو دِژُم شعرن روانی۔ فکر انگیز رہبرو کرِ ژُم رہبری۔ نیم
خام ناقدو تہٕ نالوٚختہٕ تنقیدو کرِ ژُم حوصلہ افزائی۔ غلط تاریخی مقالو کۄرُس
میر میر پھیٚرال۔ اَتھ سارِسے سرس تمام زانٛی کارو، دوستو، رفیقو، عزیزو
لُس لول مےٚ وِزِ دِزِ لوٚر تُمی بنووُس بہٕ سنتوش۔"

سنتوش بہٕ کینٛژھا ہینہِ مصوّری باپتھ رنگا تہٕ شعر باپتھ سور
ژور، تہٕ کۄرُن زبر ہینہٕ سو باوِ منگوٚ مطابق۔ سُہ رۄدہٕ روائیژ زٕنژھران
ٹِلکی لِس گنٛڈِتھ۔ تُمی یکناوِ مُصوّری ہنٛز قدیم کاشُر روایژ تہٕ
بروٚنٹھ۔ اگر نہٕ سُہ تہٕ کرِ ہے سُہ کرِ ہے نہٕ مۄقلمہ کہٕ تیز ستی شالِمس منٛز
یَنِن ناو روشن۔ تُمی یہِ کینٛژھا زندگی منٛز سۄر تہٕ سۄرُن مرُن اَشر تھ۔
سنتوشس ستی تُمی سنٛدِ عشقن ولوہار چھُ تمیُک گواہ۔ تُمی یہِ وۄفن تہٕ

ہوو تمی کرٕتھ۔ تہٕ گوو یہ زِ تٔمی کوٚر نہ صرف مُلکس منز بلکہ تمام عالمس منز
سنتوش ناو مشہور۔ سُہ رُود مرنہٕ کِس دمس تام ووٚن جِسمن ہُند
دُنیاوی رشتہٕ عشقِچ کاینات زانہٕ نیادان۔ سُہ چھُ پانے وَنان۔

"تہٕ بیاکھ (بےٚ سوکھ رُح) کٔرنے "سنتوشس" نذر "سنتوش"
سو "سنتوش" یہ سنتوش (CONTENTMENT)۔

سنتوش اوس بے مثال خلاق ذہن تہٕ وجوٗد ہیتھ ژورے آمت۔
تٔمی تہٕ کینژھاہ لیوٚکھ تہٕ بوٗزن ہلکہٕ کنہٕ وول چھلہٕ ودٲیی۔ "بےٚ سوکھ رُح"
علاوہ تہٕ لیوٚکھ تٔمی وارِیاہ۔ سُہ اوس لیبارٹویس۔ تٔمی لیکھی سانیٹ
اوپیرا، واکھ تہٕ تہٕ وژُن تہٕ۔ تٔمی چھُ وژُن فارمہٕ منز لیکھاوہٕ ہیتھ شتھ
تہٕ لیوکھمت۔ سُہ چھُ وارِیاہن طویل نظمن ہُند خالق تہٕ ییمو منز اکھ
"شکتی وہ ٹرار" تہٕ چھپے یمہٕ اکھ ہتھ تہٕ ترونزاہ بند چھِہ۔ "واکھ سبد
سو مبرن، یتھ کم کھوتہٕ کم ژور ہتھ واکھ چھِہ، تہٕ چھِہن چھاپنہٕ یا یتھ
ترتیب دِتھ کھوٚتمتی۔ واقعہٕ کربلاکہٕ حوالہٕ چھِہن روایتی فارمہٕ منز امام
عالی مقام، حضرت امام حسینؑ تہٕ تہندِ بن آلن اولادن کیتی مرثی
نذرٕ کرٕ مٕتی۔ کاشر گوڈنیُک فیچر فلمہٕ "مأنزِ راتھ" کہن نغمن تہٕ باتن ہُند
خالق تہٕ اوس سنتوشے۔ ماہنامہ کاشر رسالہٕ "کاشر ادب" ۱۹۶۷ء پننس
لاگتس پیٹھ کڈن وول تہٕ اوس یوے۔ امہٕ رسالکی سنتوشنی لیکھی مِتی قلمی
خاکہٕ چھِہ وُنہٕ تہٕ سانِس یادوٚ ترس پیٹھ تازٕ۔ ووہنی اوس یتی موٚ
کینژو وٚری یوٚ پیٹھ ہارِ پریتھ آثارن ہنز شارِ کادیوی ہِند حوالہٕ کاشر زبانِ

تہٕ ثقافتی، نۄ‌ٚے خیالی تہٕ میتھیاۓ وکھنٕے کران۔ تٕمۍ چھِ وارِیاہ اُردوٗ افسانہٕ تہٕ لیکھی یِم وارِیاہن نُمایِندٕ ملکی رسالَن منٛز شایع چھِ سپدی متۍ۔ اکھ سٹیج ڈرامہ "ژٕ ہتھ" تہِ چھُن لیوکھمُت۔

یہِ چھُنہٕ ضروری زِ یہ کینژھا تہِ سنتوش وَنہٕ یا لیکھہِ تہِ مالوٗ اُسُن چھُ یُتھ وُنتھ۔ وۄں گۄڈٕ یہِ کتھ چھےٚ ثقہٕ زِ سنتوش صاحب ہِوی ہمہ جہت پایہِ بُڈۍ مُصور فنکار تہٕ قلم کار، چھِ یُتھٕر کاتلی زنمس یِوان ؎

وانٛہٕ وادِن چھےٚ شاہ ہوان بُتراتھ

خال آساں چھُ شاہکار نصیب

سنتوش چھُ پنُن منفرد روٗمان، یاوَن تیٚوٗل تہٕ عشقن وَکھرِ تہٕ نیرل دود ہیتھ اَسہٕ تہِ عشقٕنہٕ صحراوٕ ژورٕ قدم ہُنت تام یکٕنس آماد کران۔ یہِ چھُنہٕ کینہٕ کم ؎

اَتھ اۄت وُچھنَس لگی نےٚ آے

بُتھ گۄدم سوٗرُے نظرَن تَل

سُہ پُس نہٕ تۄہ ہیٚہ وُچھِ وَان سُہ میوٗن دلبرَے

چھُ نظر کھۄتہٕ زادٕیُل خیالہٕ کھۄتہٕ آدٕیُل!

کوٗر کاکُہ چھُ کتھ کراں لبھنے

لۍ چھُ گُدٕ ال نگرِ یہ کس باوَد

بٕ بردٕس یتہٕ کنہِ میاّنی ذاتھ

پانٕے پانَس واتُن پیوم

دُبارٕ کُس سمکھیو کمِس تہٕ اَز تامتھ
وُچھارٕ گےٚ دُنیا بَنان بَناں اَز تاں

شہر گوٚمُت خالی لبساں بہٕ چھُس تنہا
سمَے چھُہ نارٕ ے نار دزان بہٕ چھُس تنہا

یِہ کینہہ ژٕ بخشُن چھےٚ بخش تہِ سنتوشس
مُرِتھ پیو لاکن اتاشہٕ ترٛاوکھنا

زٕ ہِنٛتھ گرٛتھاں اکثر بہٕ چھُس سمنٛز سڑکن
مےٚ زانہہ تہِ کانٛہہ وَنِہے ہیو اِکھ کُن ڈٕل

گوڈٕ نیٚنم کِمی کترٛاوِتھ
پتہٕ ادٕ دوٚ بینم کرٛاتھٕ واس

ژٕ آنہٕ پھِٹراوُن ہنا مگر بیہِ سوٚنچ
دُبارٕ آنٛس سیتی خبر نظر رٕلِہ ما

اگر تہِ زانہٕ سمکھی دِلس مےٚ گےٚ تسلا
ہا یارٕ سنتوشس پٮ۪ٛہِ وَنتہٕ کرٕ پوٚرٕ یوٚد

اَتھ وُمرن ہُند فقط مےٚ غم اوسُم
سُہ غم تہِ ہے یارو پٮ۪ٛوٚ قضا ہیتھ تٕرٕوٚل

مینتہِ دی توٚ زلوٕ ہتہِ کرٕ ہا کتھ
یَتھ سینس منٛزٕ چھم لَچھ پرٕ بَتھ

یاوُن میوٚنۍ گُرٕ واتِتھ
بَرٕ پیٹھ زانیاہ والِس ژٕوٚل

یَتھ نہٕ موٚلے کانہہ دَوا اَسےٚ دود گوٚد
میانہِ جگرٕ کہِ وادِ ژٕرےٚ نبابہ چھےٚ بَلُن

آسمانَس سِتارٕ پین شاید
یَنُن گاشہِ تارکھ بہ مالین شاید
مُرِتھ مرتب پھولان لَس قبرِ سوسَن
بہارٕ کی دوٚہ چھےِ کاتیاہ تیم تہِ لوسَن

## سنتوش

سنتوش گوو پانس ستی پنن سنتوش ہیتھ، یتھ کُن تزووُن موٗل سرمایہ رنگن تہٕ شیدن ہندیُس اَسہِ ییتھ شوٗبہِ تیتھ تہٕ یوٗت جلد پلہِ تیوٗت ژھرآدِتھ پرٕ تھوُن۔ سُے آسہِ تھندِ ناوٕ سون عقیدتُک لوٗدٕ خراجِ...

پرٕ بتھ رِتھ شُہُل سنتوش — یوٗت وَن گژھُل سنتوش

رنگہ پوٕنہِ ریہوان رنگ — شیدو رہُل سنتوش

بہزاد کاشُر بوٗم — پھوٗل وارِ گُل سنتوش

جہرُل سُہ بوٗد شاہکار — نیرمل مُژھیل سنتوش

خوشبوے ہیو تیلیوو — نغماہ رسیُل سنتوش

وِہہ چون رہہ ژانین — روٗتُل ڈُہُل سنتوش

حُسنک تہٕ عشقُک یار — مَس چیتھ گتُل سنتوش

روشے کوٗ ژوٗلکھو — وُنہِ آس سُہُل سنتوش

اکہٕ نندہٕ کتہِ ژھار وقھ — جنگلے جنگُل سنتوش

سرحدہٕ لیس بتھِ آسے — عالم سُہ کُل سنتوش

لرِ غالبن ھقوو ڈکھ — ییِتھ دار کُل سنتوش

---

۲۹ مئی ۱۹۹۷ء گے محمد یوسف ٹینگ، ڈاکٹر مرغوب بانہالی، ڈاکٹر شفیع شوق شاد رمضان تہٕ سنتوش گرٕ بھارتیہ آرٹسٹ کالونی دِلہِ تہٕ پتہٕ انڈین اکسپریس بلڈنگہٕ پتہٕ کنہٕ واقع دہلی گیٹ مزارہٕ پتہٕ سُہ اوسوٗد چھ۔ قبر چھس سنگِ مرمرُک سوٗژ سیاہ پیوٗر لاگتھ ییتھ پیٹھ عبارت کھنِتھ چھے۔

ھُوَ المُصَوِّرُ

غُلام رسُول سنتوش

پیدائش : ۱۹۲۹ء، چینکرال محلہ، سرینگر

وفات : ۱۰ر مارچ ۱۹۹۷ء

مُطابق : ۳۰ر شوال ۱۴۱۷ھ

(س۔ر۔پ)

# عبدالرحمان آزاد

پَننِس گوڈنیٚک شعر سوٚمبرن "کرٕہِنہٕ مازٕ کھٔنجہٕ"، آسِن تِمنٕے دوٚہن تعقاب کرٕمژٕ۔ مےٚ سمکھیوو لال چوک سرینگرٕ۔ مےٚ اوس وُنہٕ کَمے کال رٔیتی کلچرل اکادمی منز مُلازِم لگِتھ گوٚمُت۔ یہ ہیوٚے ۱۹۶۸ء رِپتہٕ کوٗل ہیوٚہ اوس۔ لال چوکس سمکھیوم تہٕ تروٚونسے نہٕ۔ اُزکُس ہنگرِ تہٕ منگنک آورین، اندرٕٹی لدٕ ماحول اوس نہٕ انسانی محبتس منٛز چھیر دِوان۔ اَز چھُ گرٕیہ ڈیٚپی زِ وصیت کرِتھ نیرن بیٚوان، زِ آسے تہٕ سون سٕندی گَۓ تہٕ گاسوی۔ اَزکُک ہیوٚہ آسُن اگر نہٕ اوس مگر پھیرٕ پیٚٹھٕ پھِرِتھ اوس نہٕ۔ تمی نوٗمُت نہٕ اکہ حسابہٕ گلہٕ وِتھ تہٕ داتہٕ نوورنس تمام

باگی آکہ دوہہ لیچھن پنُن ہوورِی قبلہ ماسٹر عبدالرحمٰن صابُن
گرِ پیتہ لَس ماما مال تہ اوس۔ ماسٹر جی چھہ پانہ سُخن فہم تہ تہ
ادب نواز تہ۔ تمہ دوہہ تہند گرِ ژالس روزنکہ سریہہ چھہ میہ وُنہ
تہ اُچھن منز یمہ کنہ اَسی پانہ وانی اُچھن ہُند لحاظہ از تام رٹِتھ دران
آیہ۔

ادبکہ تہ شاعری ہندی زادی چار ردوعہ اَسی ژاُئی ژالس وِڑھر
ناوان۔ یہ نہ زانکہ پاٹھی کرِد سان، اُکھی ہیہ گاش ژھیپتہ تہ ہیوکلہ
پتِھی لیف۔ سُتھنہ کرِتھ اور پورکنہ گژھہ تہ فنا۔ ڈمبر ٹنٹھی تہ
رُدی ژلان۔ ججیر تہ روز وزان تہ سون من رنِزوان۔ آزاد
رُد شاعری تہ لوزہ ناوان تہ افسانہ تہ۔ شاعری چھہ کران ساری
مگر شاعر چھہ آسان خال۔ مطلب چھہ یہ زِ ادب تخلیق کران کران تہ
شعر سوم زانسہ مبران گژھن اَکمی فنی زادی چار تہ زیر نظر روزنی یُسون
موضوع بحث رُدی۔ آسی رُدی شعر تہ دکھناوان تہ فتک تہ سرین
تہ معولہ ناوان۔ ناہر وقتی، ہنگامی سیاسی شاعری تہ سدابہار پوشہ
ونہ تہ آفاقی ابدی مسرت عطا کران واجبہ شاعری ہیشر سام۔ ماسٹر
عبدالرحمٰن صاحب تہ رُدی داد دِوان تہ اَسہ دون دیوانن ہنز
میزبان سِند حتشر پیتر شُہلی کران یوسہ نہ میہ وُنہ تہ چھپے مَشان۔
میون اختلاف رُد بدستور از تام تہ چھُہ قائم زِ "کرِیہنہ ماز کھنجہ"
شوبہ نہ کنہ تہ حسابہ اکہ شعری مجموعکہ ناو آسُن۔ مقصد کوتاہ تہ
تھوٗد اُسی تن، آدرش کوتاہ تہ اعلیٰ۔ شاعریہ ہُندی لوازمات پوٗرِ کرنی
چھہ لازم اگر نہ تہ سیٹھاہ اعلیٰ مقصدے پوٗرِ ہیکیس نہ رُت شاعر

بٔنِنہٕ باپتھ کاہنہٕ تہٕ اَتھ روٗٹ کرُتھ۔ یہِ کتھ تہٕ مانی اسہِ دوشوٗنیو۔ عبدالرحمن آزاد یہ زن ظاہر چھہٕ۔ چھہٕ علامہ اقبال رح صابس لِش وارِیاہ متاثر بنٕنہٕ پوان۔ بیاکھ کتھ چھےٚ یہ زِ تمی سٕنٛز ابتدأیی شاعری ہُنٛد زمانہٕ اوس مقصدی ادب خٲطرٕ سازگار ہوا ناوا ہیتھ تہٕ، یمہِ کنہِ تمی یتھی ہوی شعر تہٕ وٕنی

کھسِ کاسہٕ شبنمہٕ چونٹھ چھلہٕ وزناوِ گلاس
نوشوقہٕ، نوِ انمانہٕ مٔز ھنٕ گالہٕ زمیندار،
آسہِ دقناہ مانہٕ آدم شانہٕ لوٚڈ گوٚو گرٕویس میون
علماہ اقرار کرنہٕ واتھ لوٚڈ گوٚو گرٕویس میون
گرٕیسی بابو آچھہٕ مٔژ بیدار گژھہٕ،
ننٛدرٕ ہیتہٕ مستانہٕ ووتھ ہوشیار گژھہٕ،
یہ کینژھا ییتھ زمینس پیٹھ چھہٕ موجود
کوٚرمُتی پانہٕ مٔنی ننیو اَتھو لوٚد،
حیاتک کاروانہٕ، تتلی پکان روٗد
یہ ریٚدس زندگی ہندِس لمان روٗد،

بہوےٚ آدن، بہوےٚ شمشانہٕ میہنے!

گرٕوس چھس اکہِ دوٗرِ گامک میلہٕ وادےٚ دوٗر چھس!
قدرتن چھم تروٚٹ زلواہ دِژ ہٕ مٔژ لوےٚ مجبور چھس!
ژوٗر کیاہ نیہ ژوٗر، نادارس تہٕ لاچارس چھہٕ کیا؟
نتہٕ اگر از کأنسہِ وچھہٕ تلہٕ راوِ زنی تعجب چھنا!
آے کم کاو گاٹلہٕ وچھہٕ مےٚ کم ولہٕ ویرِ از،
میانہٕ ییتھ کلہٕ ہیرز امال گاڈ گنی تعجب اچھنا؟!

کاتھِن ہیُدن ہُند وننے ناہ "ناوک" آزادُن تہٕ غلام نبی ناظرسند منظوم مناظر چھہِ ناد ہیون لایق۔ میون ثقہ خیال چھہِ زِ، یہ مناظر چھہِ یمن دوہن شایع سپدن وألس، اخبار خدمتکس، سنڈے ایڈیشنس منز چھاپ سپدمت، یمی انمانہٕ تہٕ ییتھے یا اُٹھی

ناظر    اگر دزِ ونِی نظر تراوکھ وننے نا!

ژٕ نے وأنگ منے شہلاوکھ وننے نا،

آزاد    دِوال چھکھہ ناد سبزارس وننے نا!

وُنیتھ بنہٕ نار شہجارس وننے نا،

ناظر    تمن چھکھہ بنہٕ ژٕ شہجارن وننے نا

دزِتھ ییکھ دوٕھ مہ ژھین نارس وننے نا،

آزاد    ژٕ نے یم قصہ وُنہٕ تراوکھ وننے نا،

کوہن تیتھی پان دونی چھاوکھ وننے نا،

مُناجات تہٕ منقبت بدربار حضرت سیّد عبدالقادر جیلانی[رح] تہٕ چھہ زیرِ۔ یمن دوہن یعنے یمہٕ صدی ہندس شیتھ کس دٔہلس منز روزد اخبارِ خدمت تہٕ کأشرس منز شعری تہٕ ادبی سرگرمین فروغ دِنس منز پیش پیش۔ نندلال وأتلنس ادارتس منز نیرن وألس اتھ روزنامس أس یہ خصوصیت زِ یہ اوس اُنہ منز تہٕ منزی کأشرِ تہٕ چھپان۔ مگر اکھی ادارن اوس دوہ نِ امہٕ باپتھ ٲسن سنڈے ایڈیشن وقف کورمت۔ کأشر باپتھ اسی اندری زٕ در صفہٕ ییتھے گنڈتھ۔ یمن دوہن اوس از کلکہ سرینگر ٹایمز، اردو روزنامُک چیف ایڈیٹر صوفی غلام محمد خدمت اخبارُک سنڈے ایڈیشن، خاصکر کأشر حصہٕ تہٕ ترتیب

دوران۔ غلام حسن (کاتب) تہ لکھمن لال محو تہ آسی پننہ شوقہ پیٹھ کام کران۔ یہ سلسلہ گوو خبر کمہ وکانہ بتہٕ بند۔ تہ کریتھ تہ چھہ اخبار خدمتک رول تھپکن لایق روودمت۔ اَز لیہ مےٚ ہیٚتر کاٚلی عبدالرحمٰن آزادنی شعر سٕمبرن پھرنی ہیٚتر، مےٚ پیوو ترٛتھ زِ امچہ اکثر تخلیقہ چھپےٚ گوڈ اخبار خدمتکس سنڈے ایڈیشنس منز دلہ دِلہ دراِمتہٕ آزادن وَرتےٚ اوس امہ اخبارکہ ہفتہ وار کاشر ایڈیشن بے رنگہ بابسان۔

تہ کیازِ زِ سہ اوس شاعری علاوٕ خط پتر لیکھتھ، ادیب لوٗر زرکہ دِتھ کاشرن ادبی حلقن منز اکھ تحریک پادٕ کران۔ ہفتہ وارس اوس کنہ کنہ ہٕتہٕ بنہٕ باز پیٹھ قلمی جنگ تہ واد واد جلہٕ وٗن روزان۔ یتھ کنہٕ اوس ساٚنس محدود ادبی دُنیاہس تہ اکھ زُو زپتہ میلان۔

آزاد اوس مزاز کنہٕ بایردی۔ تس اوس پدٕ تہ باردٕ۔ سہ اوس نہ بزدل بلکہ اوس بےٚ وایہ تہ بے خوف پانٛژھ پننہ دوہ ہرچ باوتھ کران۔ اننت ناگ (اسلام آباد) پیٹھہٕ کوٚرن اردو ہفتہ وار اخبار "سرچشمہ حیات" جاری تہ روزد کنیٚرس کالس بے خوف پانٛژھ لوکن ہٕنز ترجمانی کران۔ امہ ہفتہ وارک قومی یک جہتی نمبر چھہ دُنیہ تہ پھرن لایق تہ تس تمہ سنٛد بے باک صحافی آہنگک ٹاکار ثبوت چھہ۔ "سرچشمہ حیات" لوٗگ ۱۹۷۶ء کیٚت امرجنسی چھپیہ۔

امہ پتہ چھپیوٚن پانے "انہار"، ناوی شعری مجموعہ ۱۹۸۲ء یس منز ریتھ ریاستی کلچرل اکادمی ہند انعام چھہ تورمت۔ ۲۱۶ صفحن پیٹھ دٕہربتھ اَتھ شعر سٕمبرنی منز چھہ آزادن پننہ نظمہ، غزلہ، کینہہ واکھ شُرکی تہ علامہ اقبال نس کلامس کینہہ ترجمہ تہ شامل کری متر

نِکٕری چھِنہٕ تران زِ امین کامِل ناوُنہٕ چھٕٹھی اَکھ مجموعس سٕتی وانٛتس کس جواز چھُہ۔ "کریہنہٕ مَاز کھننجہٕ" شعر سومبرنی منٛز چھپیمٕتۍ وارِیاہ نظمہٕ کیو غزلہٕ یتہٕ چھپٕنۍ "انہار"، کتابہٕ منٛز شامِل تخلیقن منٛز درینٛٹھۍ گژھان۔ حیر آزادس ما بس کو سہ وثر قصے آمس کلامس۔ زِ لسَن چھُہ تہٕ کرنہٕ بابتھ مجبور سیدٕمٕن ثبوت اگر نہٕ تِیتھ کیتھ منٛز کانٛہہ شک چھُہ زِ فِطری شاعر آسنہٕ کِنی چھُہ آزادنِس کلامس منٛز چھُہ مولِلی تخلیقی جوہر پرٕزلان مگر پتہٕ چھُہ پزر زِ یمن انتخاب چھاپن وزِ چھُنہٕ لسَن شایَد پنٕنہٕ لاابالی کِنی یہ خیالے روزان زِ میٚے کیا نہٕ کیا پزِ کیتھ منٛز شامِل کرُن؟ خا ر! یمہٕ چھنہٕ دوٚرسفنہٕ لایق کیتھہ، یِم شعر چھُہ سنٕنی لایق ـــ

قاشہٕ جِگرچہٕ وُندتھ دِژم سمیٚس     کالِنہٕ دوٚہم نہٕ دولہٕ کردِ نیمہٕ دوس

اَو نگجہٕ ٹِنٛڈی گلو قلم قلم سپدِ پارے     یادِ کُس روٚدی اَہرنیامتی ساتھ

بسرِ زوٚلس تہٕ آرِ پلِ وِگلیوس     یاد آم ہٕیتھے جوانی چانٛز

مُمکِن چھُہ بہٕ یار اوٚزمانس چھَپے ترٕشہٕ ترٛاے

موکھ ہاوِ مژر پانہٕ یہٕ دامانِ سخاوتُ!

کُتۍ جہ بولن گود زہر پتہٕ ما دِلو دُنہٕ سونٛتھ آو

کشمکش پٕلہ آسہٕ دُنہٕ ہرَدس تہٕ لُوس دُنی زِ کیا

بے وَایہ پانہٕ تحُ میٚے تبر شاخ گُل ژُہٕم

دامن ووٚل چاکھ چاکھ میٚتے پننے خطا وَنے

آزاد چانہٕ نالہٕ ژٕہان سے بنکُ جِگر،

اشہ دانہٕ چانہٕ کوٚر میٚے وضو با خدا وَنے،

کنڈی وٕکھ لوٚد میانہٕ وَنہٕ دُچھ لیٚلہٕ پھلی پدی آکھ میانی،

میانہٕ ہیتھ رنگہٕ وارِ کرِ سور لوٚد سونتک آب وتاب بۍ!

تہٕ

کتہٕ ییٚیی گامس اندر کانٛہہ دوہ کڈٕن

مےٚ قدمے چھوکہٕ زم نتہٕ ہاوی کیا اکرکھ،

مےٚ گٔی نہٕ زانٛہہ وُچھن ییٚتھ اَنٛنجہ مژھلی متی خواب

زٕ ے چھیٚے تہٕ پےٚ نہٕ آچھن ہندٕ چھہٕ کیا سوال تٔنٛنٕ

اُسلوب تہٕ اندازِ بیان چھہٕ ذاتکۍ اَثر تہٕ چیٹھیٚن ہندِس اَنٛس منٛز چھہٕ
لِکھأری سٕند پان تہٕ رنٛگی جلوٕ ہاودِتھ

پرِلن وأنِس تہٕ پانَس سٕتۍ ڈیٚتھ نوان - یہٕ زہے بوزو یہٕ چھہٕ غمِ جاناں
غمِ جہاں تہٕ غمِ ذات آسنہٕ کنہٕ لیپے، ناول، افسانہٕ، غزل کنہٕ نظم
سورے کینٛہہ مگر خط یتہٕ لیکھن ددل محبوبے گژھِ بےٚ وایہ تہٕ ہیکہٕ
سأری پردٕ تُلِتھ برونٛہہ کُن وأتِتھ ۔ عبدالرحمان آزاد سٕند "غبار" ناوٕک
چیٹھیٚن ہند مجموعہ چھپیہٕ اَکھ زمِس منٛز لوان تہٕ کیازِ، آزاد چھہٕ گوڈٕ
سوچنہٕ ییوان تُہٕ ادٕ چھُن قلم تُلمت ۔ یم چھپنہٕ تِم پانہٕ تھی خط یتہٕ
یمن منٛز تِمٕ سٕند باطن برپور اندازٕ کنہٕ ولہٕ چھپِلہٕ دِرآمے اَسہٕ برونٛہہ
آمت چھہٕ۔ آزادُن چھہٕ ۱۹۹۱ء لس منٛز چھاپی متس ۲۱۳ ہن صفن
تِم وُہن چیٹھن ییٚتھ مشتمل، اَکھ سو ہیٚرن منٛز، پنٛنہ ذأتی زندگی علاوٕ
ادبیات، دینیات، سماجیات، تہٕ سیاسیات ہوی موضوع تہٕ بیٚون بیٚون
چیٹھین منٛز ویٚبرأدی متۍ۔ اَکھ تہٕ چھہٕ ریاستی کلچرل اکادمی ہند اوارڈ تودمت،
تَس ہیکہٕ ضرور اختلاف آسِتھ مگر یزر چھہٕ زِ تِمی سٕند یہٕ چیٹھ مجموعہ چھہٕ
وارِیاہو ناکارٕ کوتاہیو باوجود کأشرِس ادبس منٛز اَکھ زبر تہٕ اہم ہٕرہ مرتٕ
چیٹھ چھہٕ ادیب تہٕ شاعر ادرِ لور سوزانے روزان۔ مگر کأشرِس منٛز چھپیے

مے مشہ نہٕ زاہ

یٕژھہ پیش کیابی صوٗرت منظرٕ نوٚ یِہ سوٗچتھ تہٕ دادِ دِلس پیٹھ مجبوٗر

چھےٚ کران ۔

لوکہ پانٕے ٲمی سِندِ سایہٕ لِشہ مرحوم سیدِ یکھ پیٚنہٕ ڈلکہ ہم ماجہ ستان زندگی ہندِ ہِن دولابن ہیتھےٚ ہتھ لگن کس نہٕ کراہِ پِلسہٕ آزادس تہٕ کرٕن ۔ سُہ اوس معدِ داوکُ ہیتھےٚ لور دہتٕ آوِتھ ۔ زندگی ہندِ بے پناہ لیپچہٕ دگ تہٕ اُسِس للہٕ ونی ۔ پوٚتس رڈییں دِلچ بیمارِی تہٕ تہٕ آخرس ہیوس ۱۱ جوٗن ۱۹۹۶ع بومواره دوہ زندگی ہندِس ناگزیر انجامس برونٹھ کنہِ سرخم کرٕن تہٕ گوٚو اَسہٕ نِشہٕ ۶۴ ؤری وٲنِہ منزٕ ہمیشہ باپتھ جدا ۔ اِنّا لِلّٰہِ وَاِنّا اِلیہِ رَاجِعُون ۔ یتھ پٲٹھی دٲژ اَکِس کاشرِس روٗمانی اِنقلابی شاعر، صحافی، سیاست کار تہٕ دردمند سماجی کارکُن سِندِز بامقصد عملی زندگی اَند ۔ اَندرِ اوس دگ للہٕ وان تہٕ نیبرِ اوس پانہٕ تہٕ اسان تہٕ یارن دوستن تہٕ اَسہٕ ناوان ۔ مےٚ چھہ وُنہٕ تہٕ کن ترکرُ آزاد، دُچھنِس اَکھس کیتھہ ژمر دبیگ ہیتھ کرِہِن بشروٲنی لاگِتھ، کلس قراکلی ٹوٗلی دِتھ زندگی منز ہیر کھسان تہٕ ستان ۔ خُداے کرِہِنس اَبدی سکوٗن عطا ۔ سُہ رُود وٲنِہ ظُلمس نغرٕ سماجی تہٕ اِنسانی نابرابری خلاف سینہٕ سپر کیتہٕ پھیر لوکہ جیل تہٕ ۔ سُہ اوس اِنسانی رواداری ہُند پاسدار تہٕ محنتکُ لولہٕ بزارِ ہمہ سٕ پننہِ زوٗک تہٕ زاہ وایہٕ لوٚر ۔ یہ کاروان روزِ پتہٕ لور تہٕ برونٹھہ پکان تہٕ کیازِہ تھکہ دین چھہ زندگی ہندِس اصلی رُوحس خلاف ۔ آزاد، گوٚو پنُن رول ادا کرِتھ ۔ وُونی لورُ پلواَمی سڑکہ کھوٚدرِ پاسہٕ چھہ قوٚیل گامے اوسوٚدِ تہٕ سفر چھہ جاری ۔ مےٚ ووٚنمس توٚے سے

لوٚت لوٚتے موٚت گوٚت نا آزاد گوٚو     زِندگانی ہندِ سرو شمشاد گوٚو

ہمہ بیہ رُدُستے قلمکارہ نیرل | لولہ صحراون شرہ نبل دِتھ ناد گوڈ
اوس یہ یار وُہمیس دِل بے قرار | اَزلہ حتنک مؤت سہ وادس واد گوڈ
اکھ رٔیہل گفتار انجا اکھ نہ غم | دَرِ یتہ دَزہی تن عالماہ دِلشاد گوڈ
"کرہنیہ بازچہ کھنیم" تے دِلہ کہ "غبار" | لوکہ کہ "انہار"[1] اکھ آزاد گوڈ
اَتھ وُچھون اَتھ پیکر حیرتک | سکھ چھہ عالم سکھ نہ کاتھہ لعداد گوڈ
ہے تہ ہرہ وُچھون ماڈالو ویارہ | لوگ کتھن کتہ نام ہے بیداد گوڈ

(دیوُنبر)

---

[1] "کرہنہ باز کھنیجہ" "انہار"، دوشوے شاعری ہترِ "غبار" چھیجہ سوممبرن عبدالرحمان آزاد، مرحوم نہ ترسے چھاپہِ کتابہ (س۔ ر۔ پونہیر)

# چمن لال چمن

پَنِنس خوش رو، خوش پوش، خوش خرام تہٕ خوش خلق دیرینہٕ رفیق کارس تہٕ ٹاٹھِس یارس مُتلِق تٔہندِس بے وقت سورگواس سَپدنس پیٹھ چھُس بہٕ یُنٛزی پأٹھی کینٛژھا لیکھن وِزِ ہیٚ بُنگےٚ گرٛژھان، مگر پوٚتُس چھُس پتہٕ سارِنٕے آدم زاد بایَن ہندی پأٹھی موتک ٹیوٚٹھ تہٕ لابُدی پزر مانٕنہٕ باپتھ مجبور سَپدُن یِہٕ ہِنٛز لایق کتھ تہٕ تسلیم کران زِ کأشرِ نہٕ باگٕہ ہٕند معروف تہٕ اہم نظم گو شاعر چمن لال چمن سَپُد یکُم جون ۱۹۹۶ءٕ ہُواکِ دوہ دِماغی سییِہٕ (برین ٹیوٗمَر) ہنز موٗذی بیمارِ ستی کمےٚ کالس علیل روزنہٕ پَتہٕ اَسہِ نِشہِ، پَنِنہٕ جومچہِ پَن تالاب رُوٗزن جایہِ پیٹھ ہمیشہٕ باپتھ ژھِینہٕ۔ بھگوان کرِن تٔہندِس رُحَس سکوٗن تہٕ شانتی عطا۔ تِمی سندِ پن انگن اَشناوَن تہٕ شُرِہن بأژن تہٕ دِین یِہٕ بے پناہ دوکھ وہتراونُک توفیق۔

۶، ۷ مارچ ۱۹۹۶ءٕ اوٚس اَبھِنو بھیٚر جوٗمہِ دوٚیِم دوٚ روزٕ کأشر ادبی کانفرنس سَپدن واجِنی یتھ منز چمن لال چمن تہٕ شریک سَپدن وول اوس۔

کانفرنسہِ دورانے لوٗگ اَسہِ پیٚےٚ زِ چمن جیٚیس چھُن مُہلِک تکلیفس منٛز ہرٛہ کوٗرمُت
تہٕ سُہ چھُہ رام منوہر لوہیا ہسپتال دِلہِ آپریشن کرنہٕ موکھہٕ نِنہٕ آمُت۔ کانفرنس
موکلنہٕ پتہٕ سیلہِ مےٚ پتاہ لوٗگ زِ سُہ چھُکھ آپریشن کرِتھ گرٕ واتنومُت۔ بہٕ
گوٚسس خبرِ کنہِ باتھ اوس کران۔ یارِ زان آسُس برقرار۔ یوٗت زِ دوٚپُن،
"دوہ ٹی ہاٹھوی نہٕ ژٕ تسےٚ" دوٚن کوٗرٕ ہن چھُنا ستمبرس منٛز کھاندر، تمہِ دوٚہ بہٕ
ییا زِ ضرور۔ دعوتی کارڈ تہٕ سالہٕ ناد، تہٕ سوزنے"۔ بہٕ ووتھس اوٚتھ تارِ ہن
منٛز روٗنہٕ کرِتھ" نہ سا اَسہِ کنہ چھُہ سالہٕ ناد حاجتھ کوٗرٕ ہےٚ چھےٚ نکھہ والنہٕ
ضرور والو۔ خدلے کرِ ینے ژینے اوٗرِ زوٗ تہٕ دوٗرٕ کوٗتھ عطا" پننہِ جایہِ گام
تسلاہ زِ چینہِ چھُہ ووِنی لوٗتر ٹھےٚ۔ مگر دلو کیا خُداے چھُہ ہو چھیٚن تھرِ ہن تامتھ
زٕوٚ دِوان۔ چمنس شفابخش کوٚہ سہٕ بٕدکھتے چھےٚ۔ کمیکال برونٹھ اوس چمن
لال چمنس بیٚنہِ اکھ کوٗنترھ بوے، تہٕ ٹریفک حادثُک شکار سپدِتھ تراوتھ
ژٕولمُت۔ سُہ اوس وٕنہِ سےٚ چھوکھ تسندارنے زِ موتہٕ ژوٗر پھوٗرتمی سفرِ
رنیہ ونی کایا پہِ مندورِ تہٕ نوٗن اَسہِ زِنتِ تھِیہِ۔ تھٕنز زواژ منٛز کوٗرٕ آسہٕ وٕنہِ مانسہِ
گُلی دارِ تھےٚ تہٕ سُہ ڈراد یاتہٕ سارِ سےٚ لتھ دِتھ۔ ۲۱ ستمبر ۱۹۹۶ئہ بٹوارِ دوہ آو، دوٚن
کوٗرٕ ہن سنگیا تہٕ سنجیتا یہِ ہنٛدٕ لگن وارٕ کارٕ تِسی تھی مقرر کرِ یتس دوہس برونٹھ انجام
اَنٕنہٕ۔ کھُی یا چھِچھ کتھر کرنہٕ باوجود تہِ ہیوٚکس نہٕ بہٕ سوٗرگہِ واتیس سیٚی کوٗرمُت
بیٚنہِ وعدٕ نباوِتھ۔ حالانکہِ بتہِ چھُس مارچ ۹۶ منٛز تس پتہٕ دوہ یہِ وہرِ
رٹار سپدُمُت مگر قسمہِ چھیٚن ووٚلہِ ہرِ شن تہٕ نجوٗرٕ ہن کیا کرِ زِ یمہٕ
ہوسراے تہِ چھِ کرنہٕ دِوان تہٕ یِتہِ میون لوکہٕ نظرن منٛز آزاد شہری آسُن

نِکھے چھِنہٕ وُسِتھ ہکان۔ اگر اَسہِ یاد کرن وول خدائے سانین یژھاین تہٕ سانین اَمارَن پننہِ دستِ قدرتہٕ سیتی قسط تراوِنہٕ تیلہِ کُس کرِ تس برونہٕ کُنہِ بےٚ وایہِ سرخم۔ بقولِ غالب ؎

سَناکس عالمس منز ژٕ ہٹہٕ چھے تہٕ ژھنٛز
دِلکۍ ارمان سارۍ کس سَنا دژٕاے

مےٚ چھُم کالکُ بتہٕ یاد، اپریل ۱۹۶۷ء ییلہِ بہٕ سینیر لٹریری اسسٹنٹ جایہِ خاطرٕ انٹرویوٗ دِتھ پرانہِ کے۔ ایم۔ ڈی۔ اَڈٕ منزۍ چمن جیس سیتی گرٕ کھسنہٕ باپتھ لکان اوسُس، سُہ وۄنتھ مےٚ کُن مےٚ رۄخصت کران "یوٗزم ہساٚژٕ تہٕ چھکھ ژارنہٕ آمتین وۄمیدوارن منز اکھ، مبارکھ چھےٚ۔ وۄنۍ گوو چھُن چھُہ جایہِ کیٚنژا آسن خٲلی۔ تمہِ پتہٕ کِھے کاڈ کرٕ مےٚ ۲۴، مئی ۱۹۶۷ء کلچرل اکادمی ہنز ملازمت اختیار ییلہِ زن چمن مےٚ برونٛہہ کیہن وُری ۱۹۵۸ء منز ریاستی کلچرل اکادمی ہندِ قیامہٕ پتہٕ مرحوم بخشی غلام محمدن سینیر لٹریری اسسٹنٹ لوٚگمت اوس۔ دُیھوٚے تہٕ اکہِ حسابہٕ گُذارٕ اَسہِ ہم پیشہ ہم سفرن ہندِ ختۍ پتہٕ سارے عملی زندگی یکوٹہٕ۔ اکے سے ثقافتی ادارس منز بلکہِ اکی سے کُٹھس منز۔

سُہ اوس کاشُر ڈکشنری تہٕ بہٕ اوسُس اُردوٗ کاشُر ڈکشنری سیتی وابستہٕ۔ کاشُر لغت اندواتنس سیتی بنیوو سُہ ترقی یژٕاوِتھ اسسٹنٹ رجسٹرار۔ بہٕ روۄدُس سینیارٹی مُطابق تس پتہٕ پتے لکان تہٕ بنیوس تمی سندِس کاشُر ایڈیٹر بنس پتہٕ ۱۹۷۸ء منز اسسٹنٹ رجسٹرار۔ سُہ گوو ۱۹۹۴ء کِس اپریل رٹس منز ۱۵ اہن وُریین ایڈیٹر کشیری روزنہٕ پتہٕ ریٹایر تہٕ بہٕ بنیوس ترقی

# چمن

پیر اَوِتھ جون ۱۹۹۴ ہکِس رٹِس منز تہنز جایہ رِیاستی کلچرل اکادمی ہِند کاشُر ایڈیٹر۔
اَسہِ کرِ اَتھ سارِی ہے وقتَس دوران اَکی جسمہ کین اژھین انگن ہِند پاٹھی کام
تہٕ اُسی رٕوَدی دفتری منصبن پیٹھ رٕوزِتھ تہٕ شوقک دِلو ہار زانِتھ کام کران۔
کلچرل اکیڈیمی ہنبر تہٕ رٕوَدی اکھ اکس سنگ رٕوزِتھ کاشُر زبانِ تہٕ ادبہ باپتھ
کام کران۔ اُسی دہ ؤری اُسی ساہتیہ اکادمی ہِندِ کاشُر مشاورتی بورڈکی ممبر۔
تہٕ اوس اَمہِ علاوہ مرن وِزِس تام ساہتیہ اکادمی جنرل کونسل ممبر تہٕ۔ تنظیم
ساز اوس نہٕ۔

گیہہ کتھ چھیٚنہٕ چمن جی رٕوَدِ بیندا ہن وُریِن سیکرٹری کلچرل اکیڈیمی
مُحمد یوسف ٹینگ تہٕ نگرانی منز موتی لال ساقی، بشیر اختر تہٕ محمد احمد اندرابی
تہٕ باقے ساتھین ہِندِ پُرخلوص تعاونہٕ دُوربتہٕ وار کاشُر شیرازٕ تہٕ سالنامہ
"سون ادب" ایڈِٹ کران۔ لانگن ہِند بوراوس ٹیکلیے پیٹھ تہٕ چمن جی رٕوَد
ہیتھے ایڈیٹر سندِ حیثیتہٕ پان کاران تہٕ لولا دوی حِینہٕ ٹرایان۔ کیمے وقتَس
سِہی میتہٕ چھہ پانہٕ ترتیب کارٕ سنز اہم ذِمہ داری یہِ انکساری سان نبھاوان
کتی زٕ ہر گرد ھٹھ ہٹہ والنی پیہمی۔ شیرازِس ستی وابستہٕ گی دوران پننی تجربہ بادین
چُھ شہ پانہٕ تہٕ ادرکن بیہتہ گنی سون توجہ پھیران۔

"یمہِ ساتہٕ شیرازٕچ ادارت مے حوالہ کرنہٕ آیہ، تمہِ وِزِ اوس نہٕ
اکیڈیمی منز خوشگوار ماحول۔ شیرازٕ مے حوالہ سپدن اوس اکھ چیلنج۔
اندرٕ ہنبر اوس ژھوِ ین تہٕ اکھ اکس زِنگہ کڈنچ کوشش ہِند دورٕ۔ فاصلہ
آدکرنہٕ زِلل دیدِ متعلق چھہ شیرازٕگ اہم تہٕ تواریخی شمارٕ کڈن۔ چنانچہ

گوٚنڈٕ مےٚ کمرِ تہٕ واریاہن ادیٖبن سوزٕم خصوٗصی عنوانَن تحت مقالہٕ لیکھنہٕ خٲطرٕ
چِٹھہٕ۔ اوٚت تام اوسُس بہٕ اوٚر دوٚرٕ اِنسان۔ دۄہ ہَس دفتریہِ کامہِ کران تہٕ
گرِ شیرازٕچ کام (امہِ آسہٕ شیرازٕ تہٕ انتھالوجی "سون ادب" تیار کرناونہٕ علاوٕ
بیہِ تہٕ کیٛنہٕ دفتری کامہِ ذِمہ بیمہٕ پوٗرٕ کرنہٕ مۄکھہٕ مےٚ دۄہ ہَس دفترک سوٗرٕے
وقت تِمنٕے کُن دیُن اوس پیوان ) یِم اَسی وَندٕ کرِ دۄہ تہٕ وَندس چھوٚٹۍ دۄہ ہیہِ
خبرِ زِ بجلی ہُند عالم کیا چھُہ آسان۔ لل دید نمبر گوٚو تقریباً ترٕ ہَتھ صفحہٕ
تیار تہٕ اَمِچ پروٗف ریڈِنگ پیٛیہ مےٚ سیٹھا دروٚج زِ بجلی کامن آسنہٕ سببہٕ
اَمہِ اَمِچ پروٗف ریڈِنگ موم بتہِ گاشس تَل کرٕنۍ پیوان۔ نتیجہ دۄاو
مےٚ ہیوٚتن کلہٕ گوٚبن تہٕ چکر ییٚنۍ۔ اَچھن ہِنٛز نظر زال ہش بنیٛ۔ چنانچہِ پیو
مےٚ ڈاکٹرن ہندِ مشورٕ تامٕتی منز عانکھ لاگُن تہٕ دۄ پہم آیندٕ گژھِ نہٕ نٕرِ
غلطی کرنۍ کیازِ پروٗف پرنہٕ خٲطرٕ گژھِ کھٕلہٕ ڈلہٕ گاش آسُن۔ ہنہ ہنہ تہٕ زٕرِ زٕرٕ گوٚو گاش
سوٚتاں۔ یوٚت تام شیرازٕ تہٕ سون ادب، میانِ اَتھن منز اوس تَوٚت تام اوس
نہٕ میانِ خٲطرٕ شامہٕ پتہٕ تِہنٛز پروٗف ریڈِنگ کرنہٕ ورأے بیٛیہ کانٛہہ چارٕ۔"

چمن لال اوس محمد یوٗسف ٹینگ سُند سربوج تہٕ اکھ قابلِ اعتماد
لوٚکٹ رفیق۔ یُس دفتری کیو پننہِ عام زندگی ہُند ٹیٛچہر تہٕ کترکھرا اسوٕنہٕ ہونجہ
منزِ شُریِ پتہِ پننہِ ذمہ واری ہرِ رنگہٕ نکھٕ وٲلتھ آوِ لہٕ رِشتک اوم پن زٕنُھرُن
پنُن دھرم تہٕ ایمان زانان روُد۔ یہِ یارٕ زِ تہٕ اَمہِ منز تس کٕنہٕ دروٚجی تأبتھ
سیدان تہٕ کتی دفتری رفیق تہٕ دفترٕ نہ برم لوکھ اسی تس بیمہٕ حقہٕ ناحقہ
ناراض گژھان تہٕ تس ٹینگ سُند چمچہ تہٕ چاپلوس وَنان باہمے دفترکس

ژھتس کرہنس منز تمی سُند اکھ آسہے یا نہ آسہے۔ وارِیاہ مُشرکری چھے یتھ پأٹھی غلط فہمین ہُندی نتیجہ آسان۔ پی سُید چمن جیس ستی تہ۔ یہ کیتھ چھے سارِنی وُنیر زِسہ اوس اشتعالہ باوجود تھکھ پہن گژھان۔ کفایت شعار اوس۔ تیوٗت خوش پوشش اوس زِ تمی سُنز صفأیی تہ شالیستہ گی اُس اکھ مثال۔ رُوٗدس تہ زِ یہ منز یکیتھ اوس تہند لوٗٹ نیہ نیہ کران۔ میون مشاہدٕ چھُ چمن لال چمنس زانہِ پی نہ تیوٗت نکھ کاہہ یوٗت ٹینگ صاب زانہ ہس۔ توقع چھُ سہ والہِ ضرور تمی سُند سرِ سر بوزج آسنک حق تس متلق پننہ قلمہ بے لاگ پأٹھی پننی تاثرات باوِتھ۔ کانفرنسہ آسہ منظم کرنہ یا شیرازکی تہ سون ادب سالنامکی خاصہ شمارہ ترتیب دِنی سہ رُوٗدِ ینٛن یان کٔرتھ شالیستہ گی سان پننی فرأیض نکھ والان زِ یتھ نہ ادا کرِس نیک ناوس دَرِتہ الگہ۔ چمن لال چمن جیس بروٗنٹھ یم زِٹھی تہ محترم رفیق اسہ نشہِ وارِ وارِ ژھینہ گئے تم چھِ پروفیسر نندلال کول طالب، پروفیسر سری کنٹھ توشخانی تہ علی محمد لون۔ یتھ کنی ہیٚتر زِ وارِ وارِ یتھ سمن بلس چھلہ ڈگرہ گژھنی ینٛتن اسہ یکو ٹہ ینٛن معنہ پوٗرت تخلیقی سفر شروٗع کریو۔ کاشرِ تہ اُردو ڈکشنری ایڈیٹوریل بورڈک رُکُن، کأشر زبأنی ہُند ہلہ پایہ نقاد، محقق، ماہر لسانیات تہ شاعر، پروفیسر پی۔ اہن لِشتیپ تہ سِیدی گرِ دوٗر دلہ منز ستمبر ۱۹۹۶ء سہپے منز سوہ رِگہ واس۔ وُنٛن ژھیم پی زِ سانِن زٹھین تہ ہم کال کاہ باجن ہُندِ یہ شوٗبہ دار، شولہ وُن تہ معتبر کاروان ہیوٗتُن سوہ تُن —— اسہ یتھ وُنہ تہ ینٛہنز زندگی تہ کارنامن ہندِ بتھِ پیٹھ نقاد تلنس آلشرے یوان تکیاز اسہ

چھینہٕ وُنہٕ پینہٕ یانہٕ نیبر وُچھنس ہاٮ۪ے۔

چمن جی اوس دفتری کامہٕ ہُندبور وہستراوہٕ علاوٕ روزنامہٕ آفتاب کِس ادارس سیتی کیتن وُری ین شامِل تہٕ یہٕ اوسُس تس منزٕ ونان زِ ژےٚ کیاسا ڈر ٹایر گژھنہٕ پیتہٕ چھےٚ صحافتُک میدان ییٚلےٚ۔ سُہ اوس تورٕ اسناہ کران تہٕ بس۔ مےٚ کیا اُس خبر زِ سُہ ژٕلہِ ۱۹۸۹ء پتہٕ کیو کشیرٕ ہندیو پُرآشوب حالاتو کنٕ ماٚج کشیر ترٛاوِتھ تہٕ نیبرِ جومہٕ اَڈٕ وَلی لورٕ ژٹھ۔

چمن جی اوس میون ہم کال تہٕ ہم عمر، اہم نظم گو شاعر۔ غزل تہٕ چھین لیکھمٕژ۔ کیٛمے مگر زٕ ترٛےٚ۔ نثر تہٕ اوس کیٛمے لیکھان۔ مُہم پسند اوس نہٕ تہٕ نہٕ اوس تقریر بازٕ۔ خلوت پسند اوس۔ مأرٕی موٚند تہٕ معتبر شاعر اوس۔ تمی سُند حُسن پرستی ہند جذبہٕ چھُ والہانہٕ۔ تس چھےٚ وسانہٕ ندگی ہُند راوَن تیول تہٕ للہٕ وُن۔ تمی سُند تخیُل چھُ وُپھل وال۔ تمی سُند اُسلوب چھُ وکھر۔ تہنز لفظ ژھرٕ چھےٚ سرتانہٕ، ساٚدٕ روار تہٕ معنہٕ برٕ ژٕ۔

مثالے پیٚم شعر سہ

میانہٕ وزٕ پینہٕ پردٕ دارہن، میانہٕ وزٕ لگی برٕنہٕ تأرٕی

میانہٕ وزٕ وُتھ سرٕ یہٕ مندٕہن گاشلی گوٚو شام

بہارس کُنتھ دِل کڈٕم یام کل ہش

یہٕ چھُس شینہٕ سےٚ منزٕ انان ویرامن

گیٛہے نار چھُس زن اتھو ستی پیران

گیٛہے یانہٕ شیہجار چھُس باگراوان

## گژھے شوٗرٕ پھٹرِن بہٕ کھاراں کٔلۍ کٹھٕ

(نظم: وُڈُو)

اُتی زن پٔری یہِ پینگتھاہ آیہِ
اَنگنُن آوُرُکھ
براندس لِشھ وأتھِ ہیوٚتکُھ وِنہٕ وُن
خبر کیا ـــــ فِکرِ کس توٚر!

(پریشاں زندگی آساں بے ترتیب)

یوٚس یہِ چھے یتہِ ریخ سٹرکھ یئمہِ بیٹھی بہٕ چھُس دوہدِش لیکان
زانہہ تہِ اَکھ گوٚ نظرِ اَسہٕ وُن بُتھ تہٕ تکینگُک جلال
پریٚتھ وِزِ ہن اَکھ سِری یہِ آساں تالہِ ییٚتھ زالاں الاو
کانہہ پیاہ آسُن تہٕ اَکھ شیہجار تھوٚو ینخ گرٚٹھ شبیل
اُسی تہٕ اَمہِ شیہجار مُنزی پکہ ہوٚتہٕ ہیٚچھ ہو دورہ نینی
سوٚن تیٚیے یتہٕ آو کانہہ شوٚبہس تہٕ اُسی ساتھاہ رلوٚن

(وُزٕدھ دار)

گاشہِ تارُکھ اَزٕ سُلی دِزٕامُت چھُ لوٚن
ٹٔری یہِ چھس وَنہٕ دان وُچھِ کوتاہ چھُ پروٚن
کیا خبر کیا سِید وِدہٕ ڈکس رونزِ دوٚن
دُزمَلو ہیوٚتمُت چھُ مسلر پوٚسہٕ تیچوٚن

شیشہِ بدنس بیٹھ چھُ ریشم تار تار
میانہِ وٕطنٕچ کتھ چھےٚ زن وٕہ لسوبہار
(میانہِ وٕطنٕچ کتھ)

مےٚ چھےٚنہٕ وُچھمتی مگر دیان چھہٕ زِ چمن جیس اوس دٕہن کتابچن ہندِس صوٗرتس منز ملکھن لال بیکس، جیس سٕتی پیٚن کلام چھوپمت۔ مےٚ چھُ تمہ سُند "شبنمی شار" "ناوک" چھوپمت شعری مجموعہ نظرن تل یُس ۱۹۶۳ہس منز اسہِ تام ووت تہٕ یُس پٔرتھ یہِ محسوس اوس سپدان زِ تمی سُندِ ینہٕ وول تخلیقی لیگاہ آسہِ شاندار۔ اکہ شعرِ سوٚمبرنٕ باپتھ اوس تس ریاستی کلچرل اکیڈیمی ہُند اوارڈ تہٕ تورمُت۔ تمہ اوس وٕہرٕنہ ۲۳ وٕری ین ہُند سوٚمبرمت کلام چھاپُن کیٚت ترتیب دِتھ تھوومُت۔ کیا اوس معلوم زِ کاشُر ادبُک یہِ پرزلہِ دُن تارکھ ییٚنہِ برلور گاہ ژھٕٹہٕ نہٕ بروٚنٹھےٚ اسمانہٕ پیٹھ وُسی تہٕ اُسی تہٕ وٕلو تھٔنزی زیوٗیادن پھیرِ دوان تہٕ شرللہٕ وان ۔

یک قلم زن آنہٕ باسی آسمانس سُمب گرٕھان
پرزنہٕ ناوکھ پرون کیاہ تامتھ وُچھکھ پیٚری پیٚری وُچھکھ
مشرییس دِکھ ناد وٕنہٕ ہس انز تہٕ چھیٚنہٕ مشہِ نیےٚ چمن
لی وٕنان اکہ تارکھاہ زن میانہِ انہارکُ وُچھکھ
میون محبت کامیاب!
(اشر)

اُمی سےٚ لوٚبہٕ وٕلنس محبت کس پرٕناری تہٕ ٹاٹھس رفیق سندِ مرنہٕ پیوو میٚنہٕ چھےٚ کن نون ہیوہ تہٕ دٕزنہٕ مکھ ییٚمہِ انمانہٕ ویدکھن ہنز زیوٗ سے

# چمن

ہیتھ ٹلوی تہ ونگل تتنے لارِتھ چمن
دزاکھ اسوِ نہ ہونجہِ وُہناوِتھ چمن
اندرِ دزِ ہُن وَن وُتھری واوس دوہے
نیبر سانی دوہنہِ شہلاوِتھ چمن
تاپہ کرایَن منز کنلی وُڈرِن لوگُکھ
بِنہِ نہ ہو ٹرینتاپہِ ٹھِکھ دیاوِتھ چمن
جانہٖ شبنمی شعر تے پارہ دی نظر
جانہٖ سوندر کاے چھکراوِتھ چمن
مانسر گلی وَنہِ چھم چمن [1] یارِ اونے
شہر دِلس ہیتھ گوڈ یہوے تھاوِتھ چمن
کوچہ گلی شینش یارہ [2] نرچی آلہ دِتھ
گوکھ بَن تالابہ ویہہ کھیاوِتھ چمن
لارِ نس یِتہ کینہہ لسا لارن یِتو
بے وفا دُنیا چھُ ازٕ ماوِتھ چمن

---

[1] چمن جی بہٖ ترے تا چھِ کوریہِ منز وہہنی زِ نکھہٕ دٕنہہ ہٕترٕ چھنے۔

[2] حبہ کدل سرینگر چمن جینیہٕ رعذن جلے۔ دَیاں تم اسی ژکہِ سہ کام بڈ گاریکی (موتی لال ساقی نیس مالِنہٕ گامس مہانوٕدس نکھہٕ گام) روزن واتی یتہ پیچھ تم ییتہ شہرِ دِسپتہ حبہ کدلے مستقل یاآمٹِ لسان اسی تہ ییتہ واتی ۱۹۸۹ ویتہ بن تالاب جوم

سون ادب، شیرازہ پتھ کُن چآلئ یاد

پوشہِ گونْدی کم ژٕ نے مُشکاوِتھ چَمن

خوش خلق، خوش پوش، خوش رو خوش کلام

بار صاحبہ نیوٗتھ ووہلاوِتھ چمن

(جون ۱۹۹۶ء)

# دیٛپہ کِس تمنا دراو

وٕلِسی کارِ مُشکل بار گوٚب گوٚم
وٕسترٕاوُن پیوم
گوٚلالہٕ پانٕس کالہٕ رنگ گوٚم
وٕسترٕاوُن پیوم

صمد میر چھُ تِمَو کینژو کاشرِ پو مُمتاز صوٗفی شاعرو منٛز اکھ یِمَو سٕندِس کلامَس منٛز شعری تجربُک سنٛر تہٕ وانٛجہٕ کوٚرٕ وُن پوشہِ وُن اَثر چھُ۔ پیٛرَن وول چھُ بار بار دیان یہِ ہا تہٕ صمد میرنٛی غیٛلکی عالم سنٛرِ ہا۔ اکھ بے ناو شہیار چھُ اَکِس وار فتار ذہنَس تہٕ جِگرَس محسوس گَژھان یِتہِ نُمبے زِندگی ہِند موٗلُل سرمایہ چھُ —— اِنسانس چھُ ییتھ باسہٕ وٕلِس امیر تہٕ ژٕکہِ مُفلِس، مکار تہٕ رزیل۔ دنیاہس منٛز ییٛنٛ یان بے تاج بادشاہ باسان۔ تژاوِ ہے تہٕ یہِ دُنیا تہٕ سٕرِ ہے اَزل تہٕ اَبد مگر تہِ کیتہِ۔ تَس چھُ معلوم زِ بارِ عیال گوٚو کارِ اَبدال۔ توٚے نہٕ چھُ شاعرو وٕوٚنمُت سہ

اکھ خدا ئہٕ ہارُن تہٕ بییہِ دُنیا بساوُن مُشکلاہ

تہٕ ہم خدا خواہیم وہم دُنیائے دوٗن

ایں خیال است ومحال است وجنوں!

صمد میرنی[1] باطنی تجربہٕ چھہٕ تیتی شیرین، تہٕ رَسہٕ بَرِتی زِ ساٖنی ذرِ لیچ دِبرائے چھِنے ڈٲجہِ روزان تِمی سند پن شعر تجربن چھِنے زندگی ہندین بے شمار غمن ہنز پیین لِمُنتر تہٕ دوٗرِ پرِچ ڈگ یِیہ ریڈان۔ تِمس چھہٕ تیلُن ڈٲکس لیکھِتھ۔ سُہ چھہٕ پننہِ ماحولہٕ لِنتہِ ژھینہٕ گژھتھ تہٕ دوٗر یوٗمت۔ تَس تہٕ تُہندِس فنس، دُنیا تہٕ عقبا ئرِ نس چھہٕ اژھین واتھ۔ دوٗرِ کہٕ ناپرِچ ڈگ، چھُہ سُہ "آرٕ ول" یِتھہٕ ژھٹھ یتھ کِنی للہ ناوان سہ

تن ناہ ژٕز آرٕ ولہِ کہو کلہٕ کرِ ٹھہراو

دیداہ ستی واہ بلہٕ کہو کلہِ کرِ ٹھہراو

سون یہٕ میٖنز موٗر چھُہ میٖنتھ تہٕ تولِتھ عناصرن ہُند بنیومُت۔ اکھ چھُہ اکھ اَباسہٕ دُن تہٕ پُر اسرار توٗوزُن۔ امہِ علاوٕ تھوٗولس واری داتن، حارتاتن تہٕ اتفاقن ہُنٛد اکھ اژھین سِلسِلہ تہٕ پَتے لِس اسہِ اُندی پکھ یتھ وُسیع کائیناتس تابع چھُہ تہٕ یتھ انسانن پننہِ نہٕ واتنہٕ تہٕ نہٕ پوشنہٕ کِنی عُرفِ عامس منز تقدیر چھُہ ناوٕ تھوٗومُت۔ زندگی ہندِس اکھ موٗلہٕ ییٚزرس وُچھتو کمہِ دِل لوٗرِنہٕ تہٕ سَنہٕ وِنہِ اندازٕ چھِہ صمد میر یِزراوان۔

---

[1] ولادت: ۱۸۹۲ء تہٕ ۱۸۹۴ء ہِس درمیان تہٕ وفات ۱۹۵۹ء؛ کُلیات صمد میر- مطبوعہ جموں و کشمیر کلچرل اکادمی: ۱۹۷۳ء؛ ترتیب: موتی لال ساقی؛ ضخامت: ۳۶۴؛ سائز: ۱۸×۲۲/۸

یِمہٕ چھےٚ شعر پیکرن منز محسوس کرنچہ کتھ یِمہٕ بےٚ پٔرٕ آسِتھ تہٕ دٔرۍ پرٕ چھےٚ یہٕ
چھےٚ سو بادشاہی یوسہٕ تورٕ سے چھےٚ عطا سپدان سہ

ییٚتہٕ لیُس اُولے پیھولہٕ      تَس آسہٕ گُرٕ گوند تہٕ ناو

تتہٕ چھپادوان انہٕ کھلہٕ      کھو کلہٕ کر ٹھہراو

امہٕ ییتہٕ وُچھتو آرٕ ولہٕ ہنٛز تنہاہی، یوسہٕ آرن تہٕ کولن دۄرانٛدکن
چھےٚ ییہٕ لان تہٕ ٹیمک اچھوٚیت تسُنٛد کانسی تہٕ چھیٚنہٕ وُچھمُت۔ یہٕ ہے
کان چھُس دِلَس تہٕ جگرس سنہٕ وُن تہٕ یِمہٕ کنہٕ تَس نلہٕ وٕڈ لولہٕ چھ
للہٕ وُن۔ لل زیدٕ وُن تہٕ نلہٕ وٕٹھ رٔود اسہٕ سارِنے تتہٕ پیچھ انتام للہٕ وُن.
تہٕ چھےٚ زندگی ہنٛد پرٕتہٕ بارٕ وسترادیچ صبر آزما عمل یورکن صمد میرٕ تہٕ اشارہٕ
چھُ کران سہ

پلہٕ کوٹ تہٕ پیھوٚ جسےٚ کولہٕ      زانہٕ ہامےٚ نتہٕ کاہنہٕ آو

نلہٕ وٕٹھ مےٚ اللہٕ ووم لولہٕ      کھو کلہٕ کر ٹھہراو

سُکُس کاشرٕ آسہٕ لیُس صمد میرُن یہٕ بنٛد پٔرتھ لل دیدٕ ہنٛد یہٕ وٕنُن زہٕ تس
پیٚیہٕ نہٕ سہ

ہونٛد مارٕ تن یاکسٕ ٹھ      المہٕ نلہٕ وٕٹھ ژلہٕ نہٕ ژاہ

یَتھ زنٛدس یِتھ کس انسانَس چھےٚ دِلکی ساری تمنادراہِتھ تہٕ دوٚلی نیرہن صمد
میرس۔ سوم نِکی پلکی تہٕ چھینہٕ آدم سیر گومُت نہٕ چھُ گژھوُن۔ یِمہٕ دُنیاہِ چھےٚ
لارٕ لار تلہٕ چھینہٕ آدمس پوٚتُس کھنی تہٕ لارٕ وُن، اوٕ کنی چھُ صمد میرٕ شینہٕ وان
دِوان زِ یہٕ زندگی چھےٚ ساہ سے اکھ گانگل یوسہٕ پنٕرس ژکہٕ واتہٕ سنے

مےٚ مَشہِ نہٕ زاہ

چھِنہٕ دِوان سہ

ہے کیٚہنہٕ کرِتھ گانٛگلہِ        دَیہ کُس تمَنا دزاو

کھینہ چیہ تہٕ بیہ تھاوِ پلہ        کہو کلہِ کر ٹھہراو

غالبَن تہٕ چھُ یہوے شرلہٕ وان یلہِ سُہ ونان چھُ سہ

ہزاروں خواہشیں ایسی کہ ہر خواہش پہ دم نکلے

بہت نکلے میرے ارمان لیکن پھر بھی کم نکلے

پرٛتھ کانٛہہ فانی انسان چھُ کریشان، زِ وانٛسہِ ڈلتھ تہٕ گونٛدھ تس یادَن بابین لفظن منز ژھینہٕ گوٚمُت محبوب پھیرتھ ییٚن مگر تہٕ کتہٕ..... سُہ کُس کرِہَس نہٕ زندگی ہُند ہرتہٕ زانٛہتھ لوٗلہٕ مَتہٕ لاے۔ صمد میرنٛ خۄد سُپردگی چھےٚ بۄزنہٕ لایق سہ

یاوَنہٕ ملہٕ وَتھ لوٗلہِ        بیہ یکھنا روٗے ہاو

دہ ہے ڈُچھمے تھلہِ تھلہِ        کہو کلہِ کر ٹھہراو

"آرٕدل" وَرٕتنس منز چھُ زندگی منز حاوی اَن ہشرٕ تہٕ عدم توٗزنٕ بیٚون بیٚون تمثیلو ہندِ ذریعہ تٕراونہٕ آمُت۔ دعوا تہٕ دلیل چھےٚ ستی ستی زنتہٕ مازٕ تہٕ نم۔ بِیڈنس، کوٚنگ ملوٗن، ژٕندنس ارکھولک کیٚلوٗن، مُہ سُندٕ ہسی تس ٹھوٗلہِ لگُن، یٔہی سُند ستہس لارُن، شالہٕ سِنز شمشیر یلہِ گَنڈٕنٕ، چھِیہ تہٕ سۄیہ ہُند ژٕہنگُن۔ بَبرِ ہُند عالم معطر کرُن، سُندٕرک دُسہٕ جاہ چھُ ساٗنیٚن اُچھن برٛونٛہہ کُن بیٚون بیٚون پیکر انان۔

تہٕ اَسہِ چھِ ینہٕ ماحولچ ناہمواری انتہائی شِدتہٕ سان محسوس ہیکان

کرِتھ۔ یُس نہٕ یمن اِشارن ژینہٕ وُن آسہ۔ یُس نہٕ زندگی ہند حسن و جمال یِزنہ تاوِتھ ہیکہ۔ یُس نہٕ غمچ دولت نصیب آسہ۔ سُہ کتہِ واتہِ صمد میرٕنین اَوی لبن تہٕ نا اَوی لبن رمزن۔ یُس نہٕ زولہِ گژھہِ نہٕ تہٕ اَدکیا گژھس۔ اَتھ زوٗس گِندچہ تہٕ راوچہ بازرِ منز صمد میرس ہوس دِل ہُتھ ناس اَتھ باز ییہِ نہٕ تہٕ اَدکیا گژھہ۔ توے تہٕ چھہ تُس دعوا زِ تمی کوڈ یاسہ سون تہٕ سَرتل اصل تہٕ فرع بیوٚن بیوٚن۔ بیتہِ چھہ نا یزر زسوہ باو چھِینہٕ بدلان۔ اَتھ نہٕ شیچھِ چھے اِنسانہٕ سنز مولہِ خصلتھ تمی نیران۔ اَدے تہٕ چھہ صمد میر ونان ؎

| | |
|---|---|
| لوہ لارِ شیرس دزاو | موٚہ گوٚو ہُمی تُس ٹھولہ |
| کہو کلہِ کر ٹھہراو | شال تھو شمشیر ہلہ |
| زاہہ ما درتھ دزاو | دچھِن کچہ کھشر ہلہ ہلہ |
| کہو کلہِ کر ٹھہراو | کاٹھی گرِ کوتاہ دلہ |
| صمد میرس آو داو | اغیارس گیہ زولہ |
| کہو کلہِ کر ٹھہراو | زگ تہٕ یِزرن کوٚدُن پھلہ پھلہ |

صمد میرادس نہٕ زمانہٕ چین نظرن منز لوٚہ مت مگر تمی سِند دلچہ چشمہ آسہ روشن ییمہ کنی تمی سِندی وجدانی تجربہ باطنی جلالہ تہٕ جمالک تیر تہٕ تیہہ ہنتھ چھہ۔ تمی سنز یزرگارپچ کل چھے بے ناو وتن تہٕ گاشراوان تہٕ ییمہ سانہٕ بے وَسا سمسارک شہر آشوب تہٕ بنان۔

غم چھہ زندگی ہند مولہِ یزرہ ییمہِ وراے نہٕ کُنہ تہٕ شادِ ہند خیال تہٕ کرِتھ ہیکی زِ۔ بوز وے تہٕ غمے چھہ زندگی نشاط بیتھ دردست زوٗزیتھ

سۄ کھ تہٕ سرورِ بخشان ییٚمہٕ کنہِ نہٕ غمہٕ سےٚ پان پُشراونہٕ ورآے کانہہ چارٕ چھُ۔ صمد میرنٕ شایہ تجربہٕ ہیکن بے شک ابدی حقیقژ ستی لین گژھتہٕ نکہ پوشہِ وُنہٕ جذبیچ باوتھ آسِتھ مگر ییٚمن ماورائی تہٕ داخلی تجربن زٕلو دِوان چھُ سُہ سانی عام لسٲنی ورتاوچ زبان ورتاوِتھ اُمِس تہٕ ڈیکہ ٹِکہ لاگان تہٕ اَسہِ تہٕ بے ناو، ونن پانس ستی یکٕ ناوان، یہٕ تہٕ زباہٕ کُنڈی پیٚتی چھِ سانہن یادن ہنز ہٕڈ لتہٕ پھاپہٕ وِتھ اَسہِ پانے تانٕ دم کرِتھ یہِ زٕلوِتھ تہٕ کریوتھ منزِل ماننہٕ بایتھ آماد کران۔

شاعرن کیا وونن تیتہِ برسر۔ یہِ نہٕ ووننُن سُہ معنہٕ ژارنس چھُ سون سوچہِ پلو آزاد ییٚمہِ ستی فنکارٕ شعر تجربہٕ ہنزی پاٹھی سدا بہار تہٕ لامحدود چھِ بنان مِثالے ؎

کیا کرٕ نہٕ آیوس سمارس غمہٕ روس ناکھیوم
دِمہٕ کس ازلس لی لیکھِتھ گوم وستراوُن پیوم
وَنہٕ ولیسی ونہٕ کس، لی نہٕ زانیوم تی مےٚ زانُن پیوم
اَمہِ سۄ نہٕ ہیژ نم کامہِ ستی کام وستراوُن پیوم
تَنہٕ چھیس گلاں وَنہٕ کس یہِ کیاہ گوم دوہن ہنڈے نیاے پیوم
اوش، گمہٕ تے خون دم کرِتھ چوم وستراون پیوم

تہٕ

یتھ جرخہٕ منڈرس توسہٕ کڑوم ورٕ تلہٕ رود اوم
پول گوو سُہ بانہٕ مول وِتھ گوم وستراون پیوم

صمد میرُن ہم کال تہٕ کاشُر زبانۍ ہُند پایہٕ لوٚد ممتاز صوفی شاعر احد زرگر چھُہ یُتھُے ییٚزہ تجربہٕ پننہٕ خاص ہُنرل اَندازہٕ پیش کرِتھ اَسہِ تہٕ نبرکوٚت واتہٕ ناوان ــ

لیا یانہٕ ہیٚتروم ہبانہٕ مہٕ لس     ژٕ تقوِیوم اَرزان
بیگانہٕ دٕیان توتہٕ لوٚلس     سُۍ مےٚ دِلس کان

# پرتھوی ناتھ پُشپ

کتھ چھےٚ زَن راتِھ فروری ۱۹۹۵ءیُک رٕہتھ اوس۔ نوٚ دِلہِ راہِندر بھوٚنہٕ اوس ساہتیہ اکادمی کاشُرس منز ترجمہٕ کہِ ورکشاپُک سنٹر کوٚرمُت۔ معاصِر ہِندوستٲنؠ انگریزی کہانؠن ہنز CONTEMPORARY INDIAN SHORT STORIES IN ENGLISH' کِتاب اٲس ترجمہٕ باپتھ تٲرنہٕ آمٕژ۔ مےٚ سان باقے ترجمہٕ کار ، غلام رسوٗل سنتوش ، نِشاط انصاری ، ہری کرشن کول ، ڈاکٹر مرزا محمد زمان آزُردہ ، غلام نبی ناظر ، عزیز حاجنی ، رشید مجبور ، فرح تہٕ شاد رمضان اٲسی دہوٚلی دۄہ ہَن حاضر۔ محمد یوسف ٹینگ ، پروفیسر پی۔ این۔ پُشپ تہٕ اٲسی ماہرَن ہِندِ حیثیتہٕ محفِل شوٗبہٕ راوان۔ ساہتیہ اکادمی ہُندؠ ڈپٹی سکریٹری رمیش بھیبن پروگرام آفیسر ہیرامنی ہندولی اوس ینہٕ رفیق ستی تہٕ ہتھ ساٲنؠ میزبان۔ پُشپ صاحبس ستی اوس دوہدِش مُلاقات سپدان۔ میانہٕ باپتھ اوس یہ ہۄے بوٚڈ راش زیؠنُن۔ یہِ چھےٚ سۄ آر زِ تھا یوس کُنہِ وِزِ آدم سرراہے چھُہ لبان۔ اگرچہ مےٚ پتاہ آسہے زِ پُشپ صاحبس

## پُشپ

بِہوس شوٗدِمنہٕ دٕرٕ دِلس تہٕ کاشُرٕ زَبانٕہِ ہندِس شُرکۍ درس تہٕ پننہِ
تہندیکِس دگدارس سیٚتۍ چھُ یہوے آخری مُلاقات تیلہٕ کرہا یہ تہنزن
بہترین علمی، ادبی تہٕ عالمانہ صلاحیتن ہُند پورٕ پٲٹھۍ زٕ نہٕ لوٗٹ پلہٕ ہم تیوٗت
فائدٕ تُلنچ کوشِش۔ گرٕ گژھِ ہَس مایرِ وہارٕ دِلہٕ سیٚتۍ تہٕ شیرازٕ یاسون ادبہٕ
باپتھ ییمک یہٕ تمن دوہن ایڈیٹر اوسُس ہیمہ ہَس "یہ تہٕ میون تخلیقی
سفر" عنوانس تحت مقالہٕ لیکھتھ ییمِک مے تمۍ چیٹھِ منز وعدٕ کوٗرمُت
اوس سہ

رفیقم پونیُر صاب!

آداب! تونٕہِ کیُہ کتھا!

تُہند اَتھہٕ آمِتِ چِٹھۍ۔ نتہٕ اوس گمشُدہ مراسلہٕ دفتری دوٚرِ رٕک
پاس دِوان۔ تُہند خط پٔرِتھ ووتُس زٕ نتہٕ گرٕ والِس تہٕ لوٗگُس کاغذ
ورقن دوٚنٕزٕ دِنہٕ۔ تھپیہ تھوٗس تٔرِم کینہہ تارٕ تخلیقات تہٕ تارِم نوِ
سٔر ورقن پیٹھ۔ ییم نٔیرن، بنیہِ بنیہِ سوزٕوٕ۔ مضموٗن سوزٕو نوِ ورِیہ،
یِہُس نہٕ کینہہ۔ کچھ دِ دوہ لگہم وُنہِ۔ پرائُس پھیُر دِوان چھم ناکینہہ یادٕ دوٚترِ
مشرب کِہ ملیہٕ تلہٕ کڈِتھ انتہٕ۔ ووُمید چھم زِ توہی آسو گرٕ بایہٕ سان وارٕے۔
مشترکہٕ احبابن ڈٔلی تو میون آداب!

حُبہٕ سان تُہند

پُشپ

یہ لوٗنۍ ورۍ تہٕ پوٗمس شہٕ بنس۔ دوٚپُن لَس جلدٕے۔ پننہِ جایہٕ

وۄنی نم زِ چانہٕ ساہتیہ اکادمی اوا، ڈیا نتہ الیسہ سو مبرز "کیھہ نتہ کیھہ"
بس چھم انگریزی پاٹھۍ تنقیدی جایزہ لیو کھمت یُس جلدے ینہٕ وٲلِس
(INDIAN LITERATURE) انڈین لٹریچر دوماہی رسالس منز
چھپہ۔ سُہ تبصرٕ اوس مئی، جون ۱۹۹۵ کِس شُمارَس منز چھپیومُت،
تیمیک سُہ اوتر اوترٕ ییہ لوگ مے چھُ پاسان سُہ آسہِ شاید تمہ
سُندیمُتھ ہیوہ آخری تحریر۔ پُشپ صاٮ۪بس آس کاشُر ماجہ زیو علاوٕ
سنسکرت، ہندی تہ انگریزی زبانن پیٹھ عالمانہ دسگاہ، تیمیک قایل تمہ
سُندی دیکھ یرتھ سپُدسانۍ چھُ ہیوان ــــــ وُنی چھم یہ زِ پُشپ
صاٮ۪بن موللی مشورٕ بٔنی سانہٕ امہ ورکشاپکی رہنُما اصول۔ ساہتیہ اکادمی
ہنز مہمان نوازی تہ آس بے مِثال ــــــ کاشُر زبانی ہندی ادیب
دانشورن تہ انہ کلکی ممبر پارلمنٹ پروفیسر سیف الدین سوزن دیت گرٕ عصرانہ۔
یہ کوتاہ پہر پُشپ اوس آسہِ پرٕ یتھ جایہ ستی ستی یوزہ ہندٕ چھیح دار سایہ
بنیتھ۔ تمہ پتہ آس یہ ینٕ گرٕ کشیر۔ چیٹھ سوزمس۔ نظمہ سوزمس چھاپتھ
رسالن منز مگر زندگی ہندِ رشتس اوس زنتہ درٕ سہ لوگمُت۔ پُشپ
صاٮ۪بنہ زندگی ہندی کاروانن اوس تھکھ دیُت مُت۔ یہ رووُس پتے تمہ
سُندیے کُدانس ٹیلہ مارچ ۱۹۹۶ ہ یس منز یہ تار گژھنہ پتہ تس شکریک
سوزمُت کارڈ مے واپس ووت۔ بے لوٹ تہ پُرخلوص محترم رفیق ساہتیہ
اکادمی ہند ہیرامنی بندوی سیُد مہربان۔ تمی سوز پُشپ صاٮ۪بنہ مایہ وارچہ
نورِ روزن جایہ ہُند تانہ پتاہ۔ واپس ووتمت کارڈ سوزمس تانہ چیٹھہ ستی

تۆہی۔ مگر سُہ اوس وۄنۍ عملی طور زندگی رۆشمُت۔ میانۍ چھیٚکُس طلوطُم
تہٕ طوفان تلہٕ بے ژھو پہٕ ہندس وِشال سُدرس۔ دِلہٕ ہنٛز اکھ معروف
ثقافتی تنظیم آس تس اکتوبر ۱۹۹۶ء یس کیٚت تمہِ سندِ ن ادبی خدماتن
ہندِ اعتراف ژنگی اکس پُروقار تقریبہٕ پیٹھ عزت افزایی کرن واجنۍ مگر سُہ
ژۆل بروٚنٹھے ۱۹ ستمبر ۱۹۹۶ء ، رۆشتھ تہٕ ہاوِن سوے بے نیازی
ییٚمیک سُہ وانسہِ رواداری رۆدمُت اوس۔ نِنہٕ والس اوس بہانہ
ژھارُن تہٕ نۆن اسہٕ لِتہ تھیہ ہُنٛد کینسرک وکاہ کرِ ھق۔ خدایے
کرِنَس رۆحس ابدی سکوٗن عطا۔ پُشپ صابُن سوم قد، لُوکہ اور دوٗر
جسم، ہوچھہ ڈیٚٹھ ژۆٹر ژۆٹریکن تہٕ اسہٕ وِنہٕ ہو نجہٕ زور زور پرٛزر یاٹھ
کرُن تہٕ نالہ متہٕ رٹُن یا کھوٗنۍ کلہٕ دی دی لسریکن یا بہن واٹلہ سُند
توجہ پانس کُن پھیرُن تہٕ اژھین آسن کھنگالہٕ تراوِن چھہ یاد پیوان تہٕ
پَژھے چھینہٕ بہان زِ سُہ گو وَاسہٕ لِتہ ہمیشہ باپتھ ژھینہٕ ـــــ بِجرکِ
مُہلک آثار ے آسی نہٕ وُنہ تس شنۍ حالانکہ تقریبن شیٚتہ وُہر اوس۔
پروفیسر پرتھوی ناتھ پُشپ اوس شوٗد منگ آندرِ نیبرِ ہوٗے منش۔
اندرۆن اوس نہٕ تسندی کنی پُوکمتے۔ شہرتک اوس نہٕ تس کانہہ تہٕ تمنا سُہ
اوس ییٚتھو تہٕ پموواریا ہو چیز ونتہٕ بے نیاز۔ تکیازِ سُہ اوس یہِ کتھ زانٛتھ
نہٕ زِنس ییتھ چھینہٕ نیتہٕ کینہہ تہٕ لارُن۔ تمہِ چھِ پانہٕ تہٕ دوٗنمُت سہ

اَتہٕ گتھ وَتہٕ گتھ    دَدٕ دو پتہٕ دتھ
سوٗراں سوٗرُے    روزاں ژٔھٹر کتھ

شیطان . بروٚنہہ بروٚنہہ       اِنسان پَتھ پَتھ

پانٕس سٕتۍ لوٚنز       واتِتھ کِتھ کٔتھ

پُشپ صاب زانَن بہٕ پانٕہ تِمہِ وِزِ ہیٚتۍ یێلہِ بہٕ پیٹھ ۱۹۶۲ ہَس منز پٔنٛژ

کَنہٕ ڈٟرِ شعر سوٚمبرِتھ گُرِتھ کیٚتھ؟ تِمَن پیش کرنہٕ تہِنٛد دفتر لال منٛڈی

گیوس ۔ تِم ٲسۍ تِمَن دوہَن ڈاریکٹر لائبریریز ریسرچ تہٕ آرکائیوز تہٕ دفتر

اوس تِکہٕ فوق بلڈنگہِ لال منٛڈی ییٚتہِ اَز کل ریاستی کلچرل اکادمی ہُنٛد دفتر

چھُ تہٕ ییٚتہِ پٮ۪تہِ واریاہَن مَنٛزَن پیٹھ کام کرنہٕ پتہٕ مارچ ۱۹۹۶ ہَس منز

ایڈیٹر کٲشیری سندِ حٲثیتہِ ریٹاَر گوس ۔ اکادمی ہنٛز ملازمت کرنس دوران

لوٚگ سانٛہن تعلقاتَن بیٚیہ ہَن پوچھر ۔ خاصکر یێلہِ بہٕ ڈکشنری ہنٛدِس شعبس

منز کام کران اوسُس تہٕ تِم ٲسۍ کاشُر ڈکشنری بورڈٕچ کنوینر تہٕ گوجری

ڈکشنری بورڈٕکۍ ممبر تہٕ ۔ کاشُر ڈکشنری بورڈٕکۍ باقے ممبر ٲسۍ پروفیسر محی الدین

حاجنی، مرزا غلام حسن بیگ عارف تہٕ غلام نبی گوہر، پروفیسر سری کنٹھ

توشخانی اوس چیف ایڈیٹر ۔ پُشپ اوس دِلہٕ جانہٕ محنت کران ـــــ

تہٕ اَسان اَسان کام اَندٕ واتہٕ ناوان ۔ پُشپ صابنٕ ٲسن کھنٛگالہٕ لوٚزنے

اوس فِکرِ تران زِ ڈکشنری بورڈٕچ میٹنگ چھےٚ لگتھ ۔ تِم ٲسۍ نہٕ بیگارِ ہی

زانٛہہ کام پیٚشہِ پیٹھ زٕنہ شین ووالان ۔ ڈائریکٹر لائبریریز بننہٕ بروٚنہہ ٲسۍ

کالج وِزہ ستادر روزی متۍ ۔ پُشپ صاب ٲسۍ موٚلہٕ وِزہ ترٕس بڑارِ آنگن انت

ناگِکی (اسلام آباد کی) روزن واتی ۔ پتہٕ ٲسۍ گوگجہ باگ سرینگر تہٕ وِزہ ذِمایر

دہارِ دِلہٕ روزان ۔ ہاے یِنجاری بخت زندگی! ۔ تہنٛز نگرانی منز لائبریری تہٕ

# لُتشپ

ریسرچ مُحکمُک انگریزی ریسرچ جرنل RESEARCH JOURNAL چھُ
وُنہِ تہِ بے مِثال۔ تہندِ ہِن لیکھِتھ متن مقالن ہنز چھپنہٕ وُنیُک تام کانہہ
سۄمبرن چھاپ گمُژ۔ لُتشپ صابنی یِم معنز مقالہ چھِ ریاستکین تہٕ ریاستہٕ
نیٚبرِم اُردو، ہندی، انگریزی تہٕ کاشرِ رسالن منز شایع سپدی متہٕ۔
تِم اَسی ریاستہٕ نیٚبر کاشر زبانٕ، ادبی، تہذیبی تہٕ ثقافتی معتبر سفیر بنو
کاشر روح تہٕ کاشرِ میٹرِ ہنز خوشبوے ژٲرٕ کاشرِ ہِن تام وٲتہٕ نادٕ —
۱۹۸۹ء پتہٕ دِلہ منز رؤزتھ تہٕ نیچھ لوٗ تِمو کاشر زبانٕ تہٕ ادبُک ناو
——— تہندِ اُسلوب تہٕ اندازِ بیان اوس سیوٚد، ساد، سلیس تہٕ
لوٗ بوٗن۔ ضرورت چھےٚ یِمہ کِتھہ ہنز یہندی مضمون یِن سۄمبراوِتھ کتابی
صورتس منز چھاپ کرنہٕ۔

لُتشپ صابس زانہہ نہٕ لوکھ شاعر سندِ حیثیتہٕ مگر تہند چھُ لوکچہ
لقطع ہُند ارٲٹھن صفن پیٹھ مُشتمل "لگہ ہار ژٕیٕہ" ناوی اکھ شعری
مجموعہ ۱۹۷۸ء منز چھاپ سپدمُت[۱] سادگی تہٕ حیاہٕک چھُ یہِ حال
زِ اتھ کتابہِ چھُ سرورقس پیٹھ فقط لُتشپ لیکھتھ۔ تس اوس نہٕ یِتہٕ
دعوا زِ سُہ چھُ شاعر ——— مے وُچھ نہٕ سہ زاہ تہٕ کُنہِ مشاعرس منز کلام
پران۔ "لگہ ہار ژٕیوٚہ" پرِتھ چھُ، باسان زِ لُتشپ صابٕ آسی تورٕ تخلیقی
جوہر ہیتھ آمتی، یِم نہٕ تِمو خبر کیا زِ یِنہٕ وٲتنہٕ منزٕ نیٚ کڈی یا اَسہٕ تام وٲتہٕ
ناوی۔ کینہہ نظمہٕ یِمہ مے تِمی دِلہ پیٹھ سوزِ چھاپہ "اکادمی ہندِس
شیرازہٕ: جلد: ۲۹ مارچ۔ اپریل ۱۹۹۵ء کِس شمارہٕ نمبر ۱۲ ہس منز تۄ برکہ

۱ بیاکھ مجموعہ چھُ "ستہٕ وُن ساز" (۱۹۷۸ء)

پاٹھۍ۔ نظمَن ہِنز زبان چھےٚ شُستہٕ روٲں تہٕ ساد۔ تِہندِ نۍ پاکیزٕ جَذباتن ہُند
اَتھ بیتھ منز تِہندِ باطنُک شوٗذر ــــ نوٗن تہٕ پرٛوٚکھٹ چھُہ۔ یہٕ اَندروٗن
سَمیکھُ تہٕ زندگی ہُند سفر، اَبدی اِنسانی قدرَن ہُند راوُن تیٚول تہٕ
ماجہٕ کشیرِ ہُند آدَن لول چھُس پٔرنگرس منز لگیتھ کَسن پاوی پاوی لیوٕنان
تَرِ یہٕ زہر چھُہ اَندری مَنہٕ شُرِیرُن تِکیازِ اِنسانہٕ سُند ازل لوٗن چھُیی تہٕ لبس ہ

مےٚ لول بوٗزِ مَے
دوٚپیُتھ زِ حق چھُم
لحاظہٕ کوٗرِ مَے
دوٚپیُتھ زِ کھوٗژُم
مےٚ گآج ژٔم نَم
ژٕ نےٚ بوگ توٗرُم
ژٕ نےٚ توٗ تہٕ وُنھتَم
حساب ہاوُم
مےٚ باگرآوِتھ کھیوٗم بوزِتھ
دوٚپیُتھ
زِ آسُن گژھِہم مےٚ کٕلہم
براہِمی میون زوٗتہٕ
حاضر!
شرط اما

## لُشپ

رانہ کھٹ مہ زانم

دِلاسہ دیٔن

اکھ اُکِس

تہ یلزن

چھ آمتے پوٗنز

مےٗ دود باوم

ژتے یَترھومے ژتے کریومے

تہٗ بر طبع گوٗے

تھوٗمےٗ بوٗزم

اموب بورا چھُ گوٗب حیاتگ

اَسان ژھیکھ

کتھ نکھامےٗ دورم ؟

( نومبر ۱۹۷۶ء : بورحیاتگ ، لگہ ہار تژیوٗہ )

رنزآرا اُہیربلا ووہ لرا

لوٗلوٗگا کھیلنا سوہ نزمرگا

کوٗلنٹری ناگا

اَچھِ ڈلی گوشاہ

وِرِوارا سبزآرا شنزجا

رہ پہ سنگرمالا

ئے مشتہ نہ زاہ

سو نہ تالا

رِیہ وَنہ فضا

ہندِ ماٗدانا

پَرُبتِ ٹُیلیا

پونپیرِ وُڈِرا

وَنہ وِگنیں پَرِنیہِ وُن

دِگنہ یَلا

منہ پوٹرِ پیہ لبہ وُن

پھپوشہِ وڈلا

پیاں ژادَرِ نغما

آرہ گرزا

کوہ لہ شوِرشوِر

ناگنہ گنگرایا

ژھاپُل تاپُل

بولا بوشا

گوگو، پی پی، ٹپیرولہرا

میاں میاں

پیاں پیاں

چیاں چیاں صدہا

## پۄشپ

پیر پیر ہۄ ہۄ، شی گرایا
فِطرژ ہُنٛد سازٕ اسنطوٗرا
سیٚدِ سیوٚد سوزا
یُتہٕ زانہہ سورِیا
زُونٛگ جوشا
لَنٛگ ہوشا
بنٛگ بوشا
اَسنٛگ روشا
یُتہٕ زانہہ سورِیا
کُنہِ نازٕ مُشرِچ یارا
ڈیگمبَل
کُنہِ دِوِ دارا
سبزٕ ا پَرزا
کُنہِ موسم شُرِ وُچھ کمُہارا
کُنہِ مایہِ بُرژ مہرِچ نظرا
یُتہٕ زانہہ سورِیا
یوٗزٕ نفرژکی آبٕ سر
اَسہِ اوکُن
اُچھ تُلنہٕ دِنا

مےٚ مَشہِ نہٕ زاہ

کُنہِ آدُیل زاٚدُیل سوٚرا

بہٕ ہیٚکُ

کُنہِ لولہٕ سرُہل آلوٕا

ژٕہ ہیٚکُ

کُنہِ ہولہٕ لوٚرُت سوزا

سَمیکُ

یُتہِ زانہہ سوریا

یوٚز

اٗندی ٹیکھی

مٔتی آبکی رٕڈٕ گرٕز

اَتھ کُن

اَسہِ کُن دارٕ نہٕ دِن تیا

(زانہہ سوریا: لگہٕ ہارہ ژٕلوٚہ: جنوری ۱۹۷۸ء)

زہٕ ہاہَر کیہنہ

زہٕ مامو کھہٕ پٕژھ

نفرتس کرٕ کیا

زِیہِ کُس دِیہِ لَمتھ!

وۄہ نہٕ چھُم للہٕ وُن

وادَس ہَتھ شَتھ

# پُشپ

## نظرِ وِزرِہے

واُنجہ چھِم دِتھ!

(نظرِ وِزرِہے، الکہ ہارؔ، ژِیوہ جون ۱۹۷۵)

آسُن باسُن انہٕ اَپزُرے — چھِلہِ چھانگلرٕ گوٗمُت سوٗرے

نَسَن لَبنَس تہٕ کھ دِتھ کَمی — موکجاڑک زوٗلاہ زوٗلے

نفرژ موکل ازٕ تھزرَس — لولن کوڈُمُت دیوٗوٗلے

کھیوٗن یَس غم چوٗن خوٗنِ جگر

تھیکی زِیاٗتُسی زاہہ روغن جوش

یتہٕ دبہ ہے سَن دِتھ درامُت

یتہٕ روندس سُے ہوشا ہوش

باوژ ہُندیہ روان انداز تہٕ چھوکن ہندِ لوٕ تہٕ واٗے گُفتارُک پہ شِہُل اِنہار چھُ پُشپ صابس پَنُن۔ ۱۹۶۲ ہس کیٖتھ یلہِ بہٕ تٕس پنٕنی کتاب ہیتھ دفتر گیوس، تہٕ اَز سٕ ہو رگہ واس سیدُنس تام باسے تہٕ زِ مے پُشپ صابنس مُشرِدھ جارس تہٕ پانسیارس منز کانہہ تہٕ فرق۔ تمہ دہ ہہ پیٹھ یلہٕ مے کاشرس ادبی دُنیاہس منز گوڈنِکے قدم ادس ترومُت، وُ دِتھ کُرسہ پیٹھ تھوٗد، بڑونٹھ یتھ تلُن درواٗزک بیرد تھوٗد تہٕ بیہنووُنس پانس برونٹھ کنہٕ آدرٕ سان تہٕ اَز تِمی سندِ اَسہٕ منز باگ جِسماٗنی طور نہٕ روزُنس تام روٗدُسہٕ مے پرٕ بتھ مرحلس پیٹھ اَتھ تہٕ شہلا وان تہٕ مَتھ متھِ دِوان۔ کاشرس محدود ادبی دنیاہس منز

چھہِ یِتھۍ ہوِ شفیق لوکہ کمہِ یہن نظر گژھان ع

کاشرس وِدوان اکھ دگدار، رود
شمع محفل قدرتک شاہکار رود
ساد یۄد نیرمل ووندک مالگھ پشوپ
وٲنشو ویتہِ ہندِ مالنیک یمبوار رود
کوٚر اژال وقتن تہٕ ژوٚل ترٲوِتھ چمن
پیوس راوَن تیوٚل نہ ہریکبار رود
لاج یِیِنگرس اندر موتن تھوٚس
بُلبُلس شر روٚد اکھ گُلزار، رود
سار یِتہٕ مُتۍ آب وتنک کس تھون
ژٕڈ ٹیتی ژاین، گُلی دودار، رود
بوزٕ کتر اوِتھ شہُل ژاٚیتھ نُون
یتھ وتھ لوٚگ نار تے انہار، رود
بار صاحبہٕ کاتھن مرثی لیکھن
چھم، چھما چھم، چھم مے شبنمی شار رود
سروِ سبزس بالہٕ تھزس کارِ خسم
ورزٕ واوس کاشرس سمہٕ ژار، رود
اَسہٕ کھنگالاہ کتھن ہُند یارہٕ بَل
ژاٚوی جارن واتہٕ ؤن بیدار، رود

## لیٚشپ

کأشرِ زبٲنۍ ہُند معروٗف شاعر تہٕ براڈکاسٹر شمبھوٗ ناتھ بھٹ حلیمؔ

چھُس یِمہٕ اَندازٕ پَننۍ شعر دھانجلی پیش کران ـــ

باغ شیرِ کتھ دراو یتھ وَن پوش سون

بولہٕ وُن یاہوٗ سَیدُ خاموش سون

ہَرد ژھَھڈ بے درد کأتراہ سَنگدِل

یُمی نہٕ زرلوٗ شوٗد شُہل پمپوش سون

وأنسہِ یُمی ژُھچھ آنیہٕ منگہٕ وِلۍ چیأنٹۍ سأنۍ

لَر پھیرِ کتھ دراو شامہٕ یتی سرپوش سون

یُمی چمن وُزہٕ لوٗ دِ قتکُ ناد دِتھ

رۄد وُچھنے تَس مۄدُر گُلگوش سون

کأشرِیکُ کوتاہ دِلَس تَس اوس راگ

اَنت سَمیس تالۍ رۄدُس ہوش سون

رَتھ کُڈِتھ "لکہٕ ہار ژیُہ" آو پانہٕ ہتھ

خام طمھی لِشہِ رۄچھُن سنتوش سون

کیتھ پھِرِ دِ کِتر رۄزہٕ یتھ کُن اکھ حلیمؔ

زیوٗن مرُت چھُنہٕ راوُنک آغوش سون

پرتھوی ناتھ بھٹ زاو ۱۶ اکتوبر ۱۹۱۷ء انت ناگس (اسلام آبادس) نکھہٕ اکِس گامس براہِ آنگن (اوٗمانگری) وۄترُسہِ پنڈت شوجی بھٹ ہنٛدِ گرِ یُس پنڈت رشی بھٹ سُند پوٗتر اوس تہٕ یُس ماٲلی کرٲنہٕ ہانٛکلہ کھنہٕ تمہٕ سُند بُڈی بب اوس۔ ماجہِ اوسُس شریمتی رجنی بھٹ ناو، یوہ سہٕ مٲنہٕ کِس پنڈت راگھو رام فوطیدار ہنٛز کور ٲس تہٕ ماٲلی نانہِ اوسُس شریمتی سُمن وید ناو۔ پرتھوی ناتھ بھٹ ہاۍلِس اوس اکھ بوے یُس بانکے بہاری بھٹ ناو چھُ تہٕ یُس وُنہٕ حالے حیات چھُ، شہٕ رٛۄد وٲنہِ اَنہٕ رُے۔ تمہٕ کُرُ گوڈٕ بمبیہ (ممُبیہ) ہندِس پرتھوی تھیٹرس منٛز کام تہٕ بھارت سرکارِکِس فِلم ڈِوِژنس منٛز تہٕ کام کرنہٕ پتہٕ بناوِن آرٹ فلم اُسکی روٹی تہٕ وُنکِس تہٕ چھُ فلم سازی ہندِ سے فنس ستی وابستہٕ۔ تَس چھِ کیتی قومی تہٕ بین الاقوامی اوارڈ ترٛۄمتی۔ بینہِ اوسُس دُرگا جی کوترو، ناو یوہ سہٕ سورگہٕ واس ایچ۔ این۔ کونٛزروٗ ہِس باگنی ٲس آمٕژ۔ آشنہِ اوسُس شریمتی وینا یُنی کول ناو یوہ سہٕ مشہور صحافی لکشمی نارٛاین کول سنٛز کور ٲس۔ لکشمی نارٛاین کول یُس اصلی کوشر اوس تہٕ لوہورٕ اوس تجارت کران آو ۱۹۴۷ء کیتھ پننٕ ساٚرے وسمتہٕ ترٲوِتھ واپس

## پُشپ

کشیرٕ ژلیہٕ ہِنٛز ماگ فرقہ دارانہٕ فسادَن جِھیپہٕ رُٔٹ۔ کینٛہہ کالس کشیرِ منٛز ہِف
کٔڈلہٕ روزنہٕ پتہٕ، رُودُ سُہ جۄمہٕ پیٹھ نیرَن وٲلِس اُردٗو روزنامس جموں
سندیشس اخبارَس سیتی سورگہٕ واس سپدنس یعنی ۱۹۹٦ہس تام
وابستہٕ۔ شریمتی وینا پنی کول (بٹ) تہٕ گۓ پُشپ صٲبَس پتہٕ صرف
ژۄداہے ریتھ زندہ روزنہٕ لو مبر ۱۹۹۸ہس منٛز دلی سورگہٕ واس۔
پرتھوی ناتھ بٹ (پُشپ) صٲبس چھِ پیتھ کُن وۄہ بی دارکار ترے
نیچوی اپسوپُشپ، شہرپُشپ، تہٕ پیوش پُشپ یم ترٕہوے چھِ پنٕ
پننہٕ جاےَ مجاتہٕ نیتھر گرٕ اکھ زندگی گُذاران یہنٛزَن آشنین ہندی ناو
چھِ شریمتی بھاونا شاعر، چیتنا جیلخانی تہٕ سُنندن تِکو۔ کور یہ سہ
ہِنٛز نٕرھِس اولاد چھے تہٕ یس شریمتی پرتبھاپُشپ ناو چھُ، چھے ایس
ایم۔ زُلتی صٲبس باگنی آمتر۔ بیمار داری، دَوران روزس تہٕ پننس
مٲلِس ماجہِ ہُند دِلہ جانہٕ، خیال تھاوتھ پَنُن فرض نباوان۔

پرتھوی ناتھ بٹ سُند پتاجی پنڈت شوجی بٹ اوس گوڈ
ریاستی پولیسَس منٛز کام کران تہٕ پتہٕ رُود جنگلاتکِس محکمَس منٛز
مُلازمت کران یمہ کِنی تس گرِ شُرہِن پرناونک کمے پہن موقہ
آسہے میلان۔

### ماجہ مُدٕی

بَب راگھو رام فوطیدار نہٕ، نگرانی منٛزے آو سہ رٔچھنہٕ سکوٗل سوتریس
تام یعنی اٹھی جماژ تام پورٕ تمہٕ پننس زِٹس ماس وِشمبر ناتھ فوطیدارنہٕ

نگرانی منز مشنہ تہ انند ناگہ۔ بی۔ اے۔ کوژن ایس۔ پی۔ کالج سرینگرہ،
پنجاب یونیورسٹی لاہورہ پیٹھ ۱۹۳۸ء کیت۔ شہر سرینگر ایس۔ پی کالجہ
بیتر پرنس دوران، اوس سہ شری سروانند کول زارؤ ہند گریڈی یار
وزان۔ پُشپ صاب اوس پوتس گوگجہ باغہ مکان ۲۲ ہس منز
روزان یُس تمی پانے بنووُمت اوس تہ جومہ تہ دِلہ اوس کرایہ
مکانن منز روزان۔ گوڈ چوک تالاب تلو تہ ۱۹۸۹ پتہ مالیور وہارہ
دِلہ پتہ تہندی زیٹھوی سُر ہدہ تہ یمبوش بہہ کوژ پر تھہارو زان چھے۔
ٹیلہ پُشپ صابن سکول تہ کالج سنز تریح تعلیم مکمل کر، تمی سُند ادبی سو
باوو چھتہ کوژ تس ناٹھنیاہ کنی مامن پُشپ یعنی پوشہ ناو، یُس تمی
سُند پتہ لیکھت (تخلص) بنیوو سہ اوس پتہ امی ناوٗ کاشرین ادبی
حلقن منز شاعر، نقاد، لسانی ماہر، تہذیب شناس تہ محقق پہند حیثیتہ
ولیوُد۔ کانگریسی وزارتک سابق وزیر شری مکھن لال فوطیدار اوس
پُشپ صابن ماما ژبوے۔ پُشپ صابنو اولادو منز چھنہ کانہہ تہ
اُکس شاعری تہ ادب ورُان وتھرن ووہ ل گوو پُشپ صابنی سادگی،
انکساری تہ لیسِرمی یا تمی سُند خلوص تہ ووہ نہ وزھر چھکھ ستی۔ ادب
نوازی ہُند غوطہ تہ چھکھ لوگمت یُس تہندِ ۳ فرزند ابھنو پُشپ
پہندِ مے ستی اتھ بنڈت کرنہ تلہ نیوو، ییلہ مے تمن پُشپ جیس
مُتلق کینہہ منزوری اطلاعات منگی تہ تموِ دِژ نہ کانہہ تاژ۔ بہ چھس
امہ باپتھ تہند سیٹھا شکر گزار۔ تموِ دُبت مے یقین زِ بہ تھو تہندی

ساٗری کاشُر، ہندی اُردو، تہٕ انگریزی لیکھ وکھرٕ وکھرٕ مطبوعہ کیوٚ غیر مطبوعہ ژُھرآوِ تھ۔

۱۹۳۸ ہس منز بی۔اے۔ کرنہٕ پتہٕ کوٚر پُشپ صابن پنجاب یونیورسٹی لاہورٕ پیٹھٕ ہندوستانی لِسانیاتکہِ مطالعہ سان ہِندی آنرز (۱۹۳۹ء) ویدانتکہِ خاص مطالعہ سان کوٚرُن سنسکرت آنرز ۱۹۴۲ء ہندوستانی کتباتکہِ خاص مطالعہ سان ایم۔اے۔ ۱۹۴۰ء، تہٕ ہندوستانی لِسانیاتَس منز خاص ڈگری کٔرن دکن کالج پوٗنا پیٹھٕ ۱۹۵۵ ہس منز حاصِل۔ ۱۹۴۲ء پیٹھٕ ۱۹۵۸ ہس تام روٗد ایس۔پی۔ کالج تہٕ امر سنگھ بیترِ کالجن منز لکچرر، ریڈر تہٕ پروفیسرٕ سندِ حیثیتہٕ کام کران۔ ۱۹۵۸ء پیٹھٕ ۱۹۶۲ء تام روٗد اسسٹنٹ ڈایرکٹر، ریسرچ تہٕ پبلیکیشنز محکمہ تعلیم: ۱۹۶۲ء تا ۱۹۶۵ء پرنسپل گورنمنٹ کالج پونچھ، ڈایرکٹر آرکایوز تہٕ لایبریریز جموں وکشمیر ۱۹۶۵ء تا ۱۹۶۷ء تہٕ رِٹایر گژھنس تام، ڈایرکٹر لایبریریز میوزیمز تہٕ ریسرچ ۱۹۶۷ء تا ۱۹۷۲ء ییلہِ سُہ ۵۵ وری وانٛسہِ پراوِتھ رِٹایر گوٚو۔

اَمہِ علاوٕ روٗد پُشپ صاب ادبی، لِسانی تہٕ ثقافتی ادارن ہتی دارہ یاہن سوٚترن پیٹھ ذی عزت حیثیتن منز وابستہ یِمن ہُند کم کاسہٕ ذِکرٕ بروٚنہہ تہٕ چھُ سیٚد مُت تہٕ یِمن ہُند تفصیلی ذکر یِتھہٕ جاینہٕ روٗزِ سے۔

۱۔ کنوینر بورڈ آف سٹڈیز، ہندی تہٕ سنسکرت یونیورسٹی آف کشمیر۔ ۱۹۵۸-۶۲ء

۲. کنوینر ہندی ایڈوائیزری کمیٹی ریاستی کلچرل اکیڈیمی ۔ ۶۲-۱۹۵۹ء

۳. کنوینر ایڈوائیزی بورڈ بھارتیہ گیان پیٹھ (JNANPEETH) دہلی ۷۲-۱۹۵۵ء

۴. کنوینر ایڈیٹوریل بورڈ کاشر - کاشر ڈکشنری کلچرل اکیڈیمی سرینگر ۷۸-۱۹۶۶ء

۵. سکرٹری ٹیکسٹ بُک ایڈوائیزری بورڈ جموں وکشمیر: ۶۲-۱۹۵۸ء

۶. مقامی سکرٹری اورینٹل کانفرنس سرینگر سیشن ۶۸-۱۹۶۵ء ۱۹۶۱ء

۷. جنرل سکریٹری (ڈاکٹر آر - این - ڈانڈیکرس ستھی) آل انڈیا اورینٹل کانفرنس پونا ———— ۶۸-۱۹۶۲ء

۸. صدر کلاسیکی سنسکرت سیکشن آل انڈیا اورینٹل کانفرنس وارانسی سیشن ———— ۱۹۶۹ء

بوٗ پَنٕ کِنہِ درج ادارن ہند اعزازی ممبر تہٕ اوس۔

۱. آفیشل لنگویجز کمشن حکومتِ ہند ۔ ۵۶-۱۹۵۵ء

۲. ایگزیکٹو کمیٹی لسانی سوسائٹی کلکتہٕ۔ حکومتِ ہند۔ ۶۰-۱۹۵۶ء

۳. گورننگ کونسل نیشنل لائبریری کلکتہٕ ۔ ۶۷-۱۹۶۵ء

۴. کشمیری مشاورتی کمیٹی ساہتیہ اکادمی نئی دہلی۔ ۶۰-۱۹۵۵ء

۵. جنرل کونسل ساہتیہ اکادمی نئی دہلی ۱۹۶۸ء تام

۶. جنرل کونسل سنگیت ناٹک اکادمی نئی دہلی ۸۰-۱۹۷۸ء

۷. ہندی بھاشا سمتی حکومت ہند نئی دہلی۔ تا ۱۹۶۹ء

# پُشتپ

۸۔ ہندی شِکشا سنستھان آگرہ، حکومتِ ہند ۷۹-۱۹۷۷ء

۹۔ سنٹرل ایڈوایزی بورڈ آرکیالوجی، میوزیمز
تواریخی ریکارڈس کمِشن، ماہرینِ آثارِ قدیمہ نیشنل کمیٹی۔
حکومتِ ہند ——————— تا ۱۹۷۲ء

۱۰۔ صلاح کار گوجری۔ گوجری ڈکشنری کلچرل اکیڈیمی سرینگر ۱۹۸۲ء تا
تہٕ کاشُر انسائیکلوپیڈیا ——————— ۱۹۸۹ء

۱۱۔ یکُم دسمبر ۱۹۴۷ء پیٹھٕ ۲۹ جنوری ۱۹۴۸ء تام کوٚر گوڈٕ گوڈٕ ریڈیو کشمیر
جوٚمہ پیٹھٕ پُشتپ صابنہِ کاشُر پروگرام پیش۔

پُشتپ صابَن چھے ٹیگور سنٛز ناول "چوکھیر بالی" کاشرس منٛز
پھیرِتھ۔ مرزا عارف صابس سٟتۍ ٹٔلِتھ چھُن "آئینِ ہند" س کاشُر ترجمہ
کوٚرمُت۔ یُس وُنہِ چھپنے چھُ۔ غلام نبی خیالؔ صابس سٟتۍ چھُن سمرانندن
ہِنٛد سُند انتخاب کاشرِ پاٹھۍ پھیرمُت۔ عبدالاحد آزادنِ نظمن
چھُن اُردو، ترجمہ کوٚرمُت۔ ریاست جموں و کشمیرِ چہ ہندی شاعری
ہُند انتخاب چھُن ریاستی کلچرل اکیڈیمی باپتھ ترتیب دِیُت مُت۔
کانہ مِک اکسپلوجن (COSMIC EXPLOSION) چھُن ساہتیہ اکادمی خاطرٕ
کاشرس منٛز پھیرمُت۔ غلام نبی گوہر سنٛز کاشُر ناول "پُن تہٕ
پاپ" چھُن ساہتیہ اکادمی باپتھ ہندی زبانی منٛز پھیرِتھ۔ کلچرل اکادمی
ہُند انسائیکلوپیڈیا ہک چھُ صلاحکار، رودمُت تہٕ گوجری

ڈکشنری بورڈک ممبہ تہٕ۔ اَکِس ہِنٛدوستانٛی ثقافتی وَفدس سیتی چھِنٛ وارِیاہَن یوٗرپی مُلکَن ہِنٛد دورٕ کوٚرمُت۔ کاشُریُک گیوٗو اَسہ تِھجے، لُشیٚپ صاب اوس رِیاستَس منز ہِندی زبانٛی ہِنٛدٕ معروف پرچارُک ادیب تہٕ نقاد۔

# غلام محمد آزاد

میانہٕ قدٕ، تھوٚکھ پوٚز ژوٚکہٕ جسم، ہُتھ گیٚشوم تلوارٕ گوٚنڈھ چھیچھ دار سیاہ مَس، گنہٕ بمہٕ، نَس ہنا تھزٕ تھزٕ تہٕ ڈہ گرڈٕ وگرٕ موکھ اَسہٕ وُن۔ یہِ چھُہ ویوٚتھ یوٚتھ خولہٕ خط، خوش شکل، خوش فہم، خوش کلام تہٕ خوش خرام غلام محمد آزاد صابٕ یُس ۱۴ اکتوبر ۱۹۸۹ءٕ ہوٚاہِ دوہ خدایَس لوٚٹھ گوٚو۔ اِنا للہِ وَاِنا اِلیہِ رَاجِعُون۔ آزاد اوس وُنہِ اَنہٕ ہوٚرٕ سے۔ تَس اوس وُنہِ لااُبالی زِندگی ہُند وُیاٗلی تہٕ ناش گژھہِ وُن اول ییرٕ نے۔ ۲۸ ؤری وٲنس گوٚو گژھہِ دُن یاوُن سیٚلہِ نہٕ وُنہِ آزادن زندگی ہُندہِ مۆلہٕ سفر کامیابی سان طے اوس کوٚرمُت۔ نہٕ تَس اُس دوہ ژواہ کانہٕ بےناو تھزٕ رٕن کُن وُچھہِ نہٕ۔ بہ زانہٕ ہن آزادنیٚن ہو کینٹرہٕ ؤری یوٚ پیٚٹھ۔ میٚتہٕ ہیوٚل تَس کلچرل اکادمی ہندِ جن نوجوان ہند خاطرٕ پرووگرامن منزٕ شرکت کرنہٕ باپتھ دعوتھ دِنُس موقہٕ یوسہٕ تمۍ پرٕتھ وِنہٕ ورتھ واٗنجہِ قبوٗل کرٕ۔ گاہے افسانہ نِگار تہٕ گاہے نقاد تہٕ مضموٗن نِگار سندہِ حیثیتہٕ۔ سُہ چھُہ مے ادبی مرکز کمراز سوپوٗر، حلقہ ادب حاجن

تہٕ مرازادبی سنگم وینجہ بیٚیار کین اہم سالانہٕ اجلاسن منز شرکتھ کران
وُچھمت تہٕ تہٕ بوزمُت تہٕ۔ یونیورسٹی ہُند سیمنار اوس یا ریڈیو بیٹھک۔ ساہتیہ
اکادمی ہُند ترجمہٕ کٲری ہند ورکشاپ اوس یا بیٚیہٕ کانہہ ادبی تقریب
اُس۔ آزاد اوس منز ورکتھ کران، معنہٕ مطلب دار تہٕ اہٕ بِسیر گوبیر واجنو۔
ذٲتی، تزوہ یہ باٹزی تہٕ اَکِس بیکی سُند پوکھ رچھینہٕ ورٲے۔ تس اوس
پُرزی پأٹھی کاشرِ زبٲنۍ ہند تُرک تس اُس یہٕ تھٕ وِنہٕ کاشرِ زبٲنۍ بابتھ
اٲینی حقوق تہٕ پرُوقار مقام حاصل کرنیٚچ کل "بےٚ کل کران۔ مےٚ چھُ سہٕ
سیٹھاکم ژکھ ہوٗت کتھ کران وُچھمت یا بوزمُت۔ سہٕ اوس کتھ سوٗرِچ
سوٗرِچ، ژٕنی ژنٕنی تہٕ تولی تولی کران۔ ۲۶، ۲۷ اکتوبر اٲس کلچرل اکیڈیمی ہندِ
طرفہٕ ٹیگور ہالہٕ ترییٚم دُروٚنہٕ کاشُر کانفرنس رٕٹہٕ منز یتھ دوران کاشُر زبان
اکِ مہ پیٹھہٕ دہِ مہ جماژتام سکولن منز رائج کرنک معاملہ تہٕ زیرِ بحث
آو۔ کاشُر زبٲنۍ ہند ادیب، سابق اُستاد تہٕ ممبر پارلیمنٹ پروفیسر
سیف الدین سوز صأبن یم اجلاسس منز موجود اٲسی تہٕ کوٚر اظہارِ خیال۔
تمو ووٚت یتھ کتھ پیٹھ زور زِ کاشرِ زبان تعلیمی ادارن منز مادری زبٲنۍ
ہندِ حیثیتہٕ رائج کرن وِزِ پزِ اسہِ اُردو، انگریزی تہٕ ہندی زبانن ہنز
لِکھ پَرہُند تہٕ خیال تھوٗن اگر اسہِ ازکل کِس تکنیکی طور ترقی کرِ ونس
زمانس ستی ستی پکُن چھُ۔ آزاد صأبن ووٚن امہ کِس جوابس منز پننہٕ
رائے ظاہر کران، وُچھو تہٕ خیال چھُ یہٕ ٹھیکہ مگر عملی طور چھےٚ یہٕ تیژ
زینہٕ وُتھ یوسہٕ کاشُرس پُرزی پأٹھی تھوٗنہٕ آنہٕ۔ جموں وکشمیر سرکارن کری

وُنِنکُ تام کٔتی وعدٕ کاشُر زبان سکوٗلَن منٛز رٲیِج کرنکہٕ حقہٕ مگر پٔرٕتھ وِز دِیتَن معنہٕ لوٗرُت تہٕ پُراسرار گوٗش۔ گوڈٕ دی نۆو وزیرِ اعلیٰ ڈاکٹر فاروق عبداللہ ہَس مارچ ۱۹۹۰ ستہٕ پیٹھٕ کاشُر زبان تعلیمی ادارَن منٛز رٲیِج کرنُک اَنٛزیکُ وعدٕ پوٗرٕ کرنہٕ اُدبوزٕو۔ کَس اَس پتاہ زِ تَس روزِ یُتھ ساری کھوتہٕ لوٗکھٕ تہٕ جمیل خواب وُچھنے۔ یہِ چھِ بٔیاکھ کتھ زِ وعدٕ سید یاد وفا کِنہٕ نَہٕ......

یہِ چھِ از بروٗنٛہہ اکھ وٕری کتھ، یلہِ کتھ کتھ کران کاشرٕ زبانِ تہٕ اَدبہٕ بأپتھ زوردار تحریک چلاوُنٕچ کتھ وٗتھٕ۔ مےٚ وٗنُس زِ سأنی کتھ تراوِ دٕ اَسی چھِ مصلحتٕ و ترأوِی متی۔ ذاتی مفادَن آویزٕ تہٕ یہِ بأزی تابع۔ یہِ کام چھِ نوجوان نسلِچ یس وارِیاہ سنگین نوعیت کین حالاتن ہنٛد مقابلہٕ چھِ کران۔ تمی کوٗر مےٚ ستی اتفاق۔ مےٚ وٗنُس بیٚیہِ کتھِ پھیر دِوان، زِ تو ہسہِ یژو بے روزگار ڈگری یافتہٕ نوجوانَن ہنٛدِس روزگارس اولیت دِز، تہٕ کیازِ یہِ بُنیادی ضرورت چھِ، سوٗن بنیادی حق تہٕ۔

فروری، مارچ ۱۹۸۹ ستہٕ منٛز یلہِ کشمیر لنگویج فورم کہِ طرفہٕ آزاد پننین باتے نوجوان ساتھین ظفر مظفر، رتن لال تلاشی، محفوظ جان تہٕ آفاق عزیزس بیترِ ستی بھوک ہڑتال، کرنہٕ پرتاب پارکہِ منٛز تیر کٔھڑ کارک مقابلہ کران ہیوٗکھٕ، تمہِ ساتہٕ تہٕ اوس سُہ پانہٕ صدرِ ہندِ حشیتہٕ تِمچ رہنمائی کران۔ حکومتن دۆپن اکھ جایز تحریکِ کمزور کرنہٕ موکھ زِ ہڑتال چھِ کاشر نوجوان تعلیم یافتو محض روزگار حاصِل کرنہٕ بأپتھ شروع کوٗرمت تہٕ تِمنہٕ اتھ تحریک پتہٕ کانہہ خاص مقصد۔ حکومتُک اوس یِ وَنُن زِ جومہِ نیرن والی

انگریزی روزنامن ہِشرس پنٕنہِ ایڈیٹوریلس منٛز یہِ وَنان خیر زِ حکومتس پزِ
یِتہِ چھِ علاقایی زبانہٕ ڈوگری لیس تہٕ کاشرس تعلیمی ادارن منٛز رایج کرِتھ
یِمَن زبانن ہِندِس بولن والین ستی اِنصاف کرُن، رۄد روزگار تٕھارِن
تہٕ سُہ چھُنہٕ کانٛہہ گناہ۔ اَمہِ پَتہٕ سپُد کاشر زبانی ہندی حقوق حاصل کرنہٕ خاطرٕ
کرنہٕ آمت یہِ ییٚتھ گوہ ڈانیک بھوک ہرتال کینٛژن دۄہن ختم ٹِلہِ حکومتن تہٕ
ادبی تنظیمن ہندی مطالبہ پوٗرٕ کرِتھ۔ کُس اوس معلوم زِ یِم مطالبات
مانٕنہٕ راوَن وول بے قرار آزاد، تراوِ یِروِ نِہٕ ابدی نِندرٕ۔

کُتھ چھےٚ اوٚترِچ۔ یہِ اوسُس یونیورسٹی تۄرمت یوٚت تام بہٕ تَتہِ
اوسُس لوٚت تام رۄد، سُہ تہٕ تمی سُند ساتھی سکالر رتن لال تلاشی مے
ستی۔ بہٕ اُس شاید ستمبر ۱۹۸۹؁ یسوکی آخری کینٛہہ منٛز دۄہ۔ رتن لال تلاشی،
ڈاکٹر شفیع شوق تہٕ گلشن مجید چھِ اَتھ کتھِ گواہ، اَسی ساری چھِ وۄدنہِ
وۄہ دلی کاشرس شعبس بروٚنٛھ کنہِ۔ کاشر ریڈر شیخ وُنٛھ کتھ۔ ییٚتھ دِل
دِوان سُہ وۄنتھ کاشر زبانی چھےٚ اکِہ معتبر پبلشنگ ایجنسی ہُنز ضرورت یوسہٕ
اَسی پوٗرٕ کرِچ کوشش کرو...... تمی وۄنن کتھِ اندلور دِوان زِ بہٕ تہٕ تلاشی
لیٚو ہنز کتابہٕ اَمہِ۔ ایجنسی ہندٕ سلابہٕ کینٛہہ مے دیتکھ پوٗر یقین زِ بہٕ کرو
پنٕنہِ کتابہٕ نصف قیمتس پیٹھ حوالہٕ ڈلے سُند زِ آخری۔ فیصلہ ییٚہ، اکادمی ہُنز
کاشر کانفرنس سید بہٕ وزی کرنہٕ۔ کاشر کانفرنس لیٚہ ۲۶، ۲۷، ستمبر
۱۹۸۹؁ سپیٚز، دۄران تہٕ سمکھو اَسی، سُہ وۄنتھ کتھِ تورے پھیر دِوان، زۄنہٕ
لیٚنہٕ دِوہ، پتہٕ کرو اَسی تو ہہِ ستی ضرور ملاقات۔ اَمہِ پتہٕ دۄچھ مے آزاد

# غلام محمد آزاد

ریڈیو سٹیشنہٕ نیبرٕ وُن ژیلہٕ رشید مجروح تہٕ ژیکوٹہٕ ۷، اکتوبر ۱۹۸۹ء
تو زاشانٕ اوس۔ یہ سمکھن روٗد صرف خانہٕ پاٹھٕس تام محدود۔ ۱۴، اکتوبر
۱۹۸۹ء شامن ژیلہٕ سیٚ یہ دِلس کھنہٕ کرٕونیٚ تہٕ افسوسناکھ خبر، عزیز حاجنی
سُنز ریڈیو بوٗزٕنہٕ، یہ گوٚس پزی پاٹھی دم پھٹی ہیے بُنگہٕ تہٕ رۅزٕنھ، زِ کاشُر زبانی
ہُند یہ نوجوان، افسانہٕ نگار، نقاد تہٕ محقق سپدٕ شیر کشمیر میڈیکل انسٹیٹیوٹ
صوٚرہ رحمت حق۔ پزٕ ہہ آیم نہٕ تہٕ پزٕ ہیم یپیم کرٕنیٚ۔ تہٕ کیاہ زندگی چھے بے
وساہ نتہٕ کَس اوس ۷، اکتوبر خبر زِ یہ اسہٕ دُن موٚکھ سپدٕ تیہ دوٚہی ییٚتہٕ
ساہ باپتھ خواب تہٕ سہٕ تُلہ امہٕ انداز اسہٕ لتہٕ ہمیشہ باپتھ روٗشتھ۔ مے
پیوٚو ہکہ یاد تہٕ ووٚنم بے نیاز خدا لیس سہٕ

کُمی تُیہ گُژھہ ہی کیا     سہٕ رۅزٕ ہے دوہ ڈاے

دریافت کرٕنس پیٹھ نیٚو، زمرنہ برونٹھ نہ ے دوہ دُراو سہٕ
پٔنٕنس لوکچس بایس ستۍ پزگنہٕ پیٹھ میڈیکل انسٹیٹیوٹ صوٚورٕنہٕ پیٹھ نیک
آپریشن کرنہٕ لُس ۲۶، ستمبر مقرر اوس تہٕ لُس کاشُر کانفرنسہٕ کنہٕ ۱۳، اکتوبر تام
ملتوی کرنہٕ اوس آمت یمہٕ کنیٚ تس یہ لوبہٕ پونیٚ تہٕ صبر آزما زندگی ہُند
اکھ پکہٕ تہٕ نصیب سپد۔ اکِس مالِس ماجہٕ روٗو کنٛرس منز اکھ ہُند گاش
تہٕ کھٹن ہند ہوش۔ باین روٗد پزٕ ودل مشرہ بل۔ بینین روٗو پوشہٕ
وُن باٗے ڈٔکھ۔ بے ناو یاون مشرِ روٗو، ناو دار تہٕ حیادِ لوٗدِ یاون موٚتہٕ
کاشُر زبانی تہٕ ادبس روٗو اکھ باگہٕ لوٗرٕ نت، زِ کدرہ شباہ وول ساز
گوٚنہ۔

مےٚ پٔنِنہ بیاکھہ کتھ تہٕ یاد۔ غلام محمد آزاد صابن اوس شاید پتھ مےٚ رٮ۪تہ کاشُرس منز پی۔ ایچ۔ ڈی۔ ڈگری حاصل کرمژ تہٕ تحقیقی مقالس پیٹھ کتھ باتھ کران ووٚن تمہٕ اَکِس ریڈیو ملاقاتس منز اوتاہ کرےٚشن رٮ۪ہبرس نِہ مےٚ چھُ کاشُرس منز ناول نِگاری تہٕ افسانہٕ نِگاری مُتلق یِنہٕ تحقیقی مقالہٕ بییہ ہمِن برونٹھ پکناونک مصمم ارادٕ کوٗرمُت۔ یُس مےٚ (آزادس) مکمل سپدیتھ پوٚرِ ووہ میدِ چھےٚ۔ مےٚ کیا اُسہم خبر نِہ مےٚ آسہِ تمہٕ سُنزِ یہ آواز ریڈیو پیٹھ اُخری آواز بوزٕنی، تہٕ تمہٕ سُندین ارمانن ہُند آخری اظہار تہٕ۔

تمہٕ سُندین ہم کال، ہم جماعت نوجوان قلمکار حضراتن ہُند وَنُن چھُ نِہ آزادن چھےٚ اکھ ادبی ڈایری تہٕ لیکھمٕژ تہٕ یمہٕ کِنہٕ تراوِمژ۔ تَس وُنِہ واتنہٕ خراجِ عقیدت اداکرُن گوو یِہ نِہ اُسی کرو تمہٕ سُنز غیر مطبوعہ تحقیقی مقالہٕ تہٕ شایع تہٕ تمہٕ سُندی افسانہٕ تہٕ مضمون تہٕ، یِمہٕ تمہٕ سُند ادبی ووہ نِہ زارپوٚرِ پاٹھی برونہہ کُن ییہ۔ یُس تمہٕ پنُنہ پاٹھ زوٚرِ مُت تہٕ پاروٗمُت اوس۔ آزاد نِہ مرِنہ راوٚ نہ صرف اکھ موٗلُل اِنسانی زندگی یوت بلکہ رود کاشُر زبانی تہٕ ادبس تہٕ اکھ خوش فکر، دوٗر اندیش، شائستہٕ، شریف ادیب تہٕ نقادلیس خدایَن توٚرٕ اِنسانیژ ہُند زیور تہٕ بےٚ بدل سرمایہ حُسنِ خلق تہٕ عطا اوس کوٚرمُت یمہ کِنہٕ تمہٕ جوان مرگ سپدنہٕ باوجود سیٹھاہ کم وقتس منز سانین دِلن کیو نظرن منز جاے اُس کٔرمژ۔ شاید نوٚونِ اَوے جلد ناو، دِتھ یتھ اَسہ یِتھ کُن پھیرن رونہٕ۔ یا یا سیوو نہٕ تَس یہ دُنیا ووہ ذٕ رونٔن لایق تہٕ سہ لاریو یِنہٕ موٗلُل جان سہل نِہ آنتھ

تمن نادان ڈاکٹرن اتھ ژھٹھ کیتھ کرنا وینہ یم یہ مجھ تہ انسان کلس منز
بٲگ فرق کرِتھ زنانہ نٕے چھہ۔ لیس ٹاٹھس جالس پی گژھن گوژھہ نہ تی گوس۔
دوہ ڈ لگہ تحقیقات تہ کُس تام جج صاحب دِیہ پیٚڑی پاٹھی قصور وار ڈاکٹر
صاحبس سزا۔ تہ نتیجہ صفر۔ سُو یُہ بنہِ دوہ کھڑہ نہ کلو۔ علی محمد لون گو و دسمبر
۱۹۸۷ء منز سڑکِ حادثک شکار۔ انیس ہمدانی تہ سید ستمبر سپے منز
سڑک حادثس منز ماریہ۔ لوگ تحقیقات پلیہ افراد معطل کرنہ۔ بنیہ تحقیقات
لوگ تہ نتیجہ معلوم۔ یم چھہ سانہ اُچھن برونہ ٹھکنہ سیدن وادی پُر اسرار
واردات یمو کنہ نہ صرف مولوی الثانی جلہ نہ یادی راوی بلکہ سید کاشر
ادب تہ تہندو بے بہا تخلیقی جوہر و نشہ محروم۔ انصاف ژھارنہ ہے
گژھو تہ کوت۔ بقولِ فیض ؎

چھہ ہاوس متی بنتھ مُدعی تہ مُنصف
وکیلس کُس کرو، انصاف ژھارو

یہ وننہ یانہ آزادس کُن لوتے ؎

زندگانی گژھہ نہ سانہ سہل — قدرتک کاریگری چھے بے بدل
لوڈ گژھس پر ساے ہش اکھ اور یور — کانہ تھے یہ وسہ سیدلس خلل
کیا زگیند کرنہ درا ہم زندگی — لوڈ امانتھ آس یتھ چانی شکل
ماجہ ماگی کو نعمت او شکھ اموب — کوس اڈ وتہ اکھ لوتہ چھکھ ول
کیا کمی گژھہ ہی خدا ے ذوالجلال — کُنہ تہ پاٹھن دوہ اگر و چھہ من بہو کھل

مےٚ مَشہِ پٕزاہ

پٕٹھہٕ وَہر گوٚڈٕ اُچھ تہٕ گوٚر تھٔکھ ہار پوٚد

منٛدٕہن شامے تہٕ گوٚر تھٔکھ ہے کوٚہٕ شہل

چوٚن گوٚڈ ساَس دِیُن کنٛدٕہن آبِ حیات

کُلُن اگُر پھیٚہ لہِ تےٚ دِہَس ہوہے وِہَل

خواب وۄنِتھ اُسی آزادَس حسین

کیاز لُہرِتھ تَس ژٕنیے خوابَن ہندی محل

اوٚس ناہرازٕ یَنہ سٕنےٚ آدنٕکُے

مہرنیا اَنہٕ ہے سَہ کُنہٕ پٕرٕ دِیے محل

اَتہٕ دُنیے تِژٕ اوٚ وِتھ چمن آزاد گوٚو

سرو و گُلُ ہے بٕنگہِ گامُتٕ چھکھ وَدَل

## پوٗنیرٕ

اصلی ناو : سیّد غلام رسول بنِ سیّد غیاث الدین احمد

قلمی ناو : سیّد رسول پوٗنیرٕ

زاجاے : حسن پوٗر وٕنیجہ بیور

زاسنہٕ : مارچ ۱۹۴۰ء

تعلیم : ایم۔ اے (فارسی)

تصنیفات : (۱) بہٕ گیوٚ کیتھ؟ (شاعری) ۱۹۶۲ء (۲) سفید سنگر (شاعری ۱۹۸۳ء) (۳) باوَتھ تہٕ علامت (تحقیق تنقید ۱۹۸۴ء) سوویت لینڈ نہرو اوارڈ یافتہٕ ۱۹۸۶ء (۴) یتھ آدمی وَنس منز (افسانے ۱۹۸۶ء) (۵) ووڈ کور گرٕژھ؟ (افسانہٕ ۱۹۸۶ء) (۶) پرانہٕ وار : ترجمہ اُردو ناوَل ۱۹۸۵ء ایک چادر میلی سی : راجندر سنگھ بیدی) ساہتیہ اکادمی ترجمہ انعام یافتہٕ ۱۹۹۱ء (۷) خندٕ (شاعری ۱۹۸۸ء) : ریاستی کلچرل اکیڈمی اوارڈ یافتہٕ ۱۹۹۰ء (۸) پرتَو : شعری مجموعہ شُرین ہندِ باپتھ ۱۹۸۹ء (۹) کینہٕ نتہٕ کینہٕ : (افسانے ۱۹۹۱ء) ساہتیہ اکادمی اوارڈ یافتہٕ ۱۹۹۳ء ــــ

(۱۰) میزان ۱۹۹۴ء: تحقیق تنقید۔ (۱۱) کاشرِس ادبس منز طنز تہٕ ظرافت

۱۹۹۸ء کاشُر ڈیپارٹمنٹ کشمیر یونیورسٹی۔ (۱۲) حضرت شیخ العالمؒ کے

سیدِ خُلفاء ۱۹۷۸ء اُردو: تحقیق۔ (۱۳-۱۷): ساہتیہ اکادمی باپتھ

- اُزیُک کاشُر ادب: ۱۹۹۶ء
- عبدالستار رنجور: مونوگراف ۱۹۹۶ء
- چمن لال چمن: مونوگراف ۱۹۹۸ء
- پرتھوی ناتھ پُشپ: مونوگراف ۱۹۹۹ء
- انگریزیس منز ہمکال ہندوستانی افسانہٕ: ترجمہ ترتیب: ۱۹۹۹ء

(۱۸-۲۷): اُردو کشمیری فرہنگ مُشترکہ ترجمہ تہٕ ترتیب: ۸ جلد

۱۹۶۷ء ـــــ ۱۹۷۸ء: کلچرل اکادمی ـــ ۲۸: شیرین قلم: کتابت

البم-۲: ۱۹۷۸ء کلچرل اکادمی۔

امہِ علاوٕ چھِ کیٚنژن سو میرن ہٕ ایڈِٹ کرِمژٕ۔ کیٚتی انگریزی، اُردو تہٕ کاشرِ

مقالہٕ ریاستی تہٕ قومی رِسالن ہندِ باپتھ لیکھی مژٕ۔

مئی ۱۹۶۷ء یس گیٚت ریاستی کلچرل اکیڈیمی منز بہٕ بروٚنٹھ اوس

وٹرنری منز سٹاک اسسٹنٹ۔ وار یاہن ذمہ دار منصبن پیٹھ کام کرنہٕ پتہٕ

گوٚو مارچ ۱۹۹۶ء یس منز ایڈیٹر کشمیری ہندِ حیثیتہٕ رٹائیر۔ ساہتیہ اکادمی

مشاورتی بورڈک چھُ دوٚہن ورین ممبر روٗدمُت۔ دوٚیہ لٹہِ چھُن قومی

مشاعرن منز شرکت کرِمژٕ۔ کیٚژن ادبی تنظیمن ستی چھُ وابستہ روٗدمُت۔

# MEY MASHI NU ZAH

A COLLECTION OF
BIOGRAPHICAL ESSAYS
IN
KASHMIRI
BY

*SYED RASOOL POMPUR*